# کلیاتِ محمود گامیؒ

ترتیب

ناجی منوّر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

نٲشر :- سیکریٹری جموّں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز۔ سرینگر

چھاپ :- جے کے آفسیٹ پرنٹرز۔ دہلی ۶

کتابت :- غلام حسن

وری :- ۱۹۷۷ء

تیداد :- ۵۰۰

مول :-

تصویرٕ محمود گامیؒ : عمل اے آر جان

# عرضِ ناشر

محمود گامی چھ کاشرِ زبان ہُند سُہ قد آور شاعر یَمۍ اتھ گوڈنکہِ لٹہِ اکہِ باقاعدہ زبانی ہُند اعتبار عطا کوٚر۔ یمہِ وِزِ تمۍ کاشرِس شارِس ڈُسلا بہ تُل تمہِ وِزِ اوس یہ محض اکہِ وژنس ستۍ ہم آہنگ۔ لل دید ہِنْد سنزِ تہٕ پادہ اوس یہ کُنی تہٕ بیٚیہِ پرسانی ہِنْدس عالمس منز راورُن آمُت تہٕ یہ سوزاوس یِنْدرہ گیس گیس ہس تام مدٕ ژلیومُت تہٕ بس۔ ۱۹۔ صدی ہِنْدس آخرس منز ڈیٚت بولہِ تہٕ زبانی ہِنْدس اتھ منز باگس تمۍ ہینہٕ دیو قامت ادبی وُجود لگنکھ تہٕ کینژن وُرین ہِنْدس وقتس منز وٲژ یہ زبانی ہِنْدِ تھدِس مقامس۔ میانہِ تحقیقہِ مُوجوب کٔر تمۍ فارسی زبانی ہِنْز اکھ مثنوی گوڈنچہ لٹہِ کاشرِ پاٹھۍ ترجمہ تہٕ پیتہٕ بوٚرُن ہینہٕ زبانی ہِنْد علم امہِ ستہٕ ندار زبانی ہِنْدہ لوگوہر یاروستۍ۔ تمۍ اٚز گوڈنکہِ لٹہِ عربی فارسی یکہ عروضی اوزان کاشرِ پاٹھۍ تہٕ تمن بیٹھہ لیچھن تمہٕ غزلہٕ تہٕ نظمہ یمہٕ مضمون تہٕ اسلوب دِہ شوہِ لحاظہ تھاونہٕ لایق چھے۔ یتھہٕ کٔنی چھُ اکس تھس عظیم زبان ساز ہِنْدِس حیثیتس منز اُبران یمۍ کاشرِ زبانی ہینس سارِ وِے کھونہٕ نوزک زبانس منز نوٚو حیات عطا کوٚر۔ اتھ نوٚو زندگی اوس تیوٚت قوت وتھر زامہٕ پیتہٕ وچھنہٕ کاشرِ زبانی زاہ لوٚت۔ امہِ پیتہٕ زاے اتھ منز مقبول، پرمانند، رسول میر تہٕ پرکاش رام ہی بڈِ شاعر۔ ادے کٔنی چھُ محمود کاشرِ زبانی ہِنْدِ عظیم میارہٕ منز اکھ مانہٕ ایوان تہٕ یوٚتتانْز یہ زبان موجود چھے اتھ روزِ محمود گامی ہِنْدِ احسانک ہوشمزیہ ہٹس نالہ۔

کلچرل اکاڈمی چھ فخرٕ اسی چھ گوڈنکہِ لٹہِ تمۍ سُنْد مکمل کُلیات کاشراوان۔ یہ کُلیات چھ ناجی منور صابن انتہائی منیخہ سان شیوٚرمُت تہٕ اتھ منز چھ واریاہ حصہ تتھہٕ کلامک یُس محمود صابنہٕ رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ لگ بگ ڈوڈ ہنْز وُہرِ شایع یوان کرنہٕ چھ۔ وَمید چھے زِ یتھ کُلیاتس کرن کاشرِ زبانی ہِنْدی لولہ وٲلۍ اچھن منز جاے۔

**محمد یوسف ٹینگ**
(سیکریٹری)

جموٚم
۲۶ دسمبر ۷۷

# ترتیب

فہرس — (غاز مطبوعہ کلام)


———— ۹

(ﺍ) محمود گامی ———— زندگی تہٕ کارنامہ) ———— ۱۰

(ب) غزل تہٕ وژن ———— ۵۳

(ج) مثنوی یہ ———— ۱۸۴

۱- شیرین خسرو ———— ۱۸۶

۲- شیخ صنعان ———— ۲۲۹

۳- قصہٕ ہارون رشید (۱ - ۲) ———— ۲۴۹

۴- یوسف زلیخا ———— ۲۷۷

۵- لیلیٰ مجنوں ———— ۳۴۳

۶- منصور نامہ (۱ - ۲) ———— ۴۰۲

۷- قصہ شیخ منصور ———— ۴۱۳

۸- قصہٕ محمود غزنوی ———— ۴۱۵

۹- ہیٚلہٕ نامہ ———— ۴۳۲

۱۰- یک حکایت ———— ۴۰۴

۱۱- اکھ حدیث ———— ۴۴۹

(د) نظم ———— ۴۵۰

(ہ) معراج نامہ ———— ۴۷۲

(و) وفات نامہ حضرت فاطمہؓ ———— ۴۸۳

(ز) کأشرِ نعت ———— ۴۹۱

(ح) فارسی تہٕ ہندی کلام ———— ۵۱۴

(ط) زبأنی زبأنی کلام ———— ۵۴۹

# فہرس

[ محموٗد گامی سٕندِین تِمن تخلیقن ہٕنٛد یِم یِنہٕ وُنی چھاپ آسی گٲمٕژ ]

ا۔ ١۔ قِصہ ہارون رشید (سٲلم نُسخہ نمبر ٢) مثنوی

٢۔ قِصہ شیخ منصوٗر (سٲلم نُسخہ نمبر ٢) مثنوی

٣۔ اَکہ حدیث (مثنوی)

٤۔ شیرین خسرو مثنوی ہٕنٛدِ کیٚنٛہہ حِصہ

ب۔ وژن۔ غزل

١۔ ودان روان فراقہٕ چانے (شیرین خسرو مثنوی)

٢۔ سید امیرن آو یتنہٕ ووٚلے (لال مجلون)

٣۔ عجب شہزادٕ آوے لُٹریے ،، ،،

٤۔ گیاہ گوٚسے غم چھہ تے رٔسے چھنیہٕ ہاوان ،، ،،

٥۔ زٕلہٕ وُن دود چھس چون للہٕ وٲنی ،، ،،

٦۔ ووٚنتہٕ ترٛونتھم آو کوٚرہ تہٕ لولو ،، ،،

٧۔ مِتہٕ مجنوٗ نوٚ گنتہٕ یارٕ لولو (دوٚیِم بأتھ) ،، ،،

٨۔ یارٕ گوم دِلس تتہٕ مارِسہ پان بو ،، ،،

٩۔ گتہٕ یارٕ ترٲوتھم لٔر ،، ،،

١٠۔ مَتہٕ ژٕلتھم اَز مَتہٕ ژٕلتھم ،، ،،

١١۔ مٕٹے ہا برٕ برٕ کھاوی مے پیالو ،، ،،

١٢۔ مجلون پٲران لألہ مایے ،، ،،

۱۳۔ دَنتے ناگ ارزُن ما آو

۱۴۔ تن من بو روزَے پأرأوِہتہ

۱۵۔ ژھار ہتھو بو رٔنگے رٔنگے

۱۶۔ نولہٕ چانے ہولہٕ گَگ سیو

۱۷۔ وچھان وو تمُ شامَے

۱۸۔ کاستھم خمار آستم سعو کھَے

۱۹۔ سَر پان گوٗرُم ییمہ بوٗ مَرے

۲۰۔ گوشن چھُرٔ ژیتھ جاے

۲۱۔ ہا ویسیو چھُم یارٕ دودُے

۲۲۔ اسے یِری گل پیکر سے

۲۳۔ اَتی اَتی روز ہا جانانہٕ

۲۴۔ مئے دیتم تمہِ یعہ خیتہ کارُن

۲۵۔ وَنتے ویسیو یہ زار اشب

۲۶۔ ہمتے ویسیو بوز تمَ زارٕ ہے

۲۷۔ دِل گوم تارنے دیدار دِتاّمو

۲۸۔ ییہ نا سون دہ بارٕ لولو

۲۹۔ گوٗرِ گوٗرِ لِہ بہ کنہٕ کے دوٗرو

۳۰۔ کوٗستوٗرِ کر مَدنو از روز سانے

۳۱۔ ووہ لہٕ بوز وَنہٕ یو ووہ لہٕ ماشوقو

۳۲۔ زلہٕ وُن دود چھُم چون

۳۳۔ اسے دِیدَ ییہ بیدار

۳۴۔ بۄد چھُم معبوٗد

۳۵۔ یاون مرشے چھاوُن چھُھے

۳۶۔ مارِ مَنتہِ سیرس چھُک

۳۷۔ ژنگہِ ژنگہِ آسے تہٕ ژنگہِ ژنگہِ گیٖے

۳۸۔ اَنٛدرِم دود بہ کَس

۳۹۔ ؏ ویٚسہِ بوزنے کوٗت کال

۴۰۔ گرِدھتہِ ویٚسہِ یہے وَنتہِ

۴۱۔ روز چھُم چاٗنی بوز میأنی

۴۲۔ وَنہٕ ہیے نھاوتم گوش

۴۳۔ گوم بیداد یارٕ چھُنے

۴۴۔ وُچھان مالہِ گوم شاے

۴۵۔ دمن مَنزٕ دُمبدم کرحق پرستی

۴۶۔ موروشس مسأروشس

۴۷۔ آدنہٕ آیوس گُنٛگے زوٗنے

۴۸۔ لا إلٰہ ترأوِتھ إلا الله

۴۹۔ مردوٗد رٕوٗحو ییتو

۵۰۔ شأہدتہٕ مشہود وُچھتن

ج۔ فارسی نات۔ نمبر ۱ تا ۱۶

د۔ کأشرۍ نات

۱۔ یایہِ بڈٕ عربکہِ شاہ سردارے ۲۔ مربہٕ وُنٛدے چھُک سون سردار

۳۔ یارسول الله سلام علیک ۴۔ کھوٚت کنٛتہِ مَنز گلاہ

۵. یا مصطفیٰ محمدؐ ۶. بر درِ تو یا محمدؐ

۷. خبر چھکے حال باوسے کیاہ ۸. صلواۃ اللہ بر پیغمبر

ھ. فارسی ہندی کلام

۱. ذہ چہ زیب دلفریبا ۲. خوش باز بمن باز ۳. حاتم زعشق

۴. در باغ سلیمانی

و. نظمیہ

۱. پیش نامہ ۲. وفات نامہ حضرت فاطمہ رضؓ

ز. زبانی کلام

۱. قیصر روئیمنز ہا دہ ختیٔریے ۲. زدہ یار کرو چیغم جلوہ پوئے

۳. گل بھوٗلی تے چلیاہ چھا وو ۴. سوریلو کجیار کرنمہ لٹے

۵. دوہ دچتو دامہ دامہ

●

# محمود گامی

محمود گامی یس مُتعلق چھُ وُنِستام یہی وَنہٕ آمُت زِ سُہ چھُ ۱۸۵۵ء
منز یانے ۱۲۷۱ھ منز ییمہٕ دُنیاہ منز گَذریومُت تہٕ قرین چھُکھ تمیتھ وَری
وانُس پٕتاۍ مرُن۔ اَمیُک مانے گوو زِ تُسند زینہٕ وَری چھُ یِہے ۱۷۶۵ء (۱۱۷۹ھ)
اوس مُتہٕ۔ مگر تِہُنز اَکھ مثنوی "یک حکایتھ" تہٕ یوٗنیرِ نامُک یُس اکھ
قلمی نوسخہ ہیٚوٚ دٔستیاب سپدمُت چھُ سُہ چھُ ۱۷۱۱ء (۱۱۲۳ھ) منز نقل
کرنہٕ آمُت۔ تمہِ کِنۍ چھُ محمودنہٕ زمانُک تشخیص کرُن مُشکل بنیومُت۔ اَتھ
قلمی نوسخس پیٚٹھ یُس تاریخ دِتھ چھُ، سُہ چھُ تیوٗت صاف زِ شکھ کرُن
چھُنہٕ ممکن، یہِ کتھ تہِ چھنہٕ فکرِ تران زِ نقل کرن والی کیاز آسہِ اَکھتہ اَکھتہ
غلط سنہٕ دِیتمُت. یہِ نوسخہ وُچھتھ ہیکَو اَسہِ وُنی نتیجن پیٚٹھ واتِتھ
زِ یاتہٕ چھُ محمودنہٕ زمانُک تعیُن وُنِستام غلط سپدمُت تہٕ یِم تاریخ شیرین
خسرو تہٕ قصہ ہارونُ رشید مثنویَن اَندرس پیٚٹھ دِنہٕ چھہ آمتہٕ تِم چھہ فرضی۔
نتہٕ چھُ محمود ناوُک بیاکھ شاعر اوس مُت یُسند کلام محمود گامی نِس کھاتس
درج چھُ سپدمُت یِتھ کِنۍ مقبول امرتسری سُند کینہہ کلامہ مقبول کرالہ وارُک
سُند ناوِ چھپان رُود۔ بہرحال اَتھ کتھ پیٚٹھ چھےٚ وُنہٕ وارِیاہ تحقیقات کرنچ
گُنجایش۔

اگر محمود گامی سُند زینہٕ وَری ۱۷۶۵ اَسہِ مُشخص زانو تہٕ امہِ وقتہٕ چھُ کشیر

پیٹھ پٹھانن ژۄداہ وُری حکوٗمت کران گٔمتۍ آسان۔ تہٕ سارۍ ہے ریاستس
منز چھ فارسی زبانۍ ہُنٛز بالادستی شولہٕ مادان آسان۔ امہ زبانۍ چھہ یتہٕ کٲسہ
چیٚیس چیٚیس سیٹھے سَنز موٗل آسان دِتۍ متۍ، موٗلے پوت تہٕ بلکہ لنگ۔ تیٚمہ
کیٚنہہ چھے غنی تہٕ صرفی ہیٚوین بڈین شاعرن ہنٛد ہنگو سونتہٕ پھُلے تہٕ مادان آسان
محموٗد چھُ یتھی پھُلیہ سونتہٕ ہیٚمہ پوٚشہٕ وارہٕ ہندِس اکِس تھزرِ پیٹھ کسہ اتو ہنٛدِس
گامس آرِہ وارس (محموٗد آبادس) منز تخلیق ہیوان۔ یہ چھُ آسان اکہ علمی گرٕکھ
خانہٕ موٗل۔ تکیا زِ الحق وقتس منز چھُ پیر تہٕ اوخُنیٚ یِتۍ عام طور پیٚٹھ نو لیکھو متۍ
آسان۔ محموٗد چھُ رِواجہ موجوب فارسی تہٕ عرٔبی ہیچھ تالیم کرِتھ پران۔ محموٗدُن
سورے کلام پٔرِتھ چھُ پَے کیٚنہہ تاکار پانٛژھ لبنہٕ یوان زِ تمس چھُ فارسی زبانۍ
ہُنٛد سۄن مطالعہٕ اوس متہٕ۔ سعدی، حافظ، مولانا روٗمی، عطار، جامی تہٕ
تہٕ نظامی ییمن سارِنے شاعرن ہُنٛد اثر چھُ محموٗدنہِ کٲشر کیو فارسی شاعری
پیٹھ صاف لبنہٕ یوان۔

محموٗدنین فارسی کیو کٲشرین ناتن ہُنٛز اکھ بیاض یِیوین متے حال
حالے دستیاب بیٚیہٕ تیلہ چھُ باسان زِ محموٗدُن چھُ شاعری ہُنٛد ابتدا فارسی
زبانۍ پیٹھے کوٚرمُت۔ فارسی یس منز شاعری شوٗرۄ کرِتھ آسہ ہیوٚن تمس زِش
زِ سبب اکھ یہ زِ علمی مجلسن منز اوس تمہ وقتہٕ کٲشرس کانہہ مازان۔ دۆیم
یہ زِ لوٚد لجارس منز چھُ محموٗدنِس ذہنس پیٹھ فارسی زبانۍ تہٕ شاعری
ہُنٛد زبردس اثر اوس متہٕ تہٕ تمۍ تہٕ چھے نظامی یس تہٕ جامی یس ہم پایہ
بننہٕ نیچ کوشش کٔرمٕژ۔ اکھ بیاضن منز چھہ ۲۶ ناتہٕ، ییمن منز شراد نات
فارسی زبانۍ منز تہٕ باقے کٲشرس منز چھہ۔ کٲشرین ناتن منز چھہ نومِ مقبول
عام زِ ناتہٕ تہٕ —

ژٕ کرٕ غم دفا یا حیات النبی        مٕے کرتم شفا یا حیات النبی

تہٕ

مہربان باشہ برمن یا محمدؐ        ژٕ ونٔدٕ سر قدمن یا محمدؐ

اَتھ بیاضہ چھُ اندس پیٹھ لیکھت ؎ گفتہ ۱۲۲۹ھ تہٕ باقی تفصیل چُھس کینہہ کھیوٚمت۔ یہ کتھ چھےٚ بہتہٕ لایق زِ یم ساری نات کیا آسن محمودن اتھی اکہ ویری منز لیکھیمتہٕ، ممکن چھُ ۱۲۲۹ھ آسہ تیتھہ نانہٕ کےٚ تاریخ تصنیف۔ امہ برونٹھہ چھےٚ محمودٕ قبولِ عام کاشر مثنوی یہ شیرین خسرو تہٕ شیخ صنعان بارسس آسان آمژٕ یمن ہُند تفصیل برونٹھہ کُن ییہ۔

امہ قلمی نسخکہ قریب ساری فارسی نات چھِ مولانا جامیؒ سُندی نات برونٹھہ کنہٕ تھاوِتھ لیکھنہٕ آمتہٕ۔ اکثر ناتن چھےٚ سہ سے بحر تہٕ ردیف قافیہ تہٕ یم مولانا جامیؒ سندین ناتن چھِ مثلن مولانا جامی سُندٕ یہ مشہور ناتھ سہ

گر ببینم رخِ زیبا سے رسولِ عربیؐ        دیدہ مالم بکف پاے رسولِ عربیؐ

دادہ از شوکت شان برسرِ معراج کلیم        صد شرف پایہ ادناے رسولِ عربیؐ

گشت از نیک بدخلق جہان جامی مست        تاشدہ والہ شیداے رسولِ عربیؐ

محمود گامی سُند نعت شریفکو کینہہ شار چھِ نوم سہ

یا الٰہی بتو نا سے رسولِ عربیؐ        عاشقم کُن بہ صفتہاے رسولِ عربیؐ

ظاہر از قید مطہر شُد ازیں نور قدم        بتجلاست تجلاے رسولِ عربیؐ

راحت روح روانم اے صبا زود بیار        بوے گیسوے سمن ساے رسولِ عربیؐ

اَتھی بیاضہ منز چُھس گمہ ڈنیکھ نات شریف چھُ تمکو کینہہ شار چھِ نوم

حق چہ طاہا و یاسین گفت در شانِ رسول

من چہ خود را میستانم منقبت خوانِ رسول

مخزنِ جود و سخا و مظہرِ اسرارِ حق

مطلعِ انوارِ سبحانی گریبانِ رسول

یارب از محمود گامی میرسان حمد لک سلام

خاصہ بر روحِ رسول و جملہ یارانِ رسول

فارسی نات لیکھان ییتھ شایہ پتہٕ محمودنِ "ثانی الضمیر"
ہدا چھُ ہیوٗکمت کرِتھ تیتین چھُ وشفہ پاٹھو کاشرِ شار ریتھ گومت۔ سے
چھُ باسان زِ اگر فارسی ناتکو نمونہٕ کاشرِ شار چھ محمودس کاشرس منز
شار وِنہٕ نگ وجہ بنے ہتو۔ یمن دوشوٕ قسمن منز چھے شاعرس منز نو مشقی صاف
نشان تہٕ شاعرس چھُ حوصلہٕ لیٚتھ برِونہہ پکان تہٕ کیہ کالی پتہٕ ہمیشہ خاطرِ فارسی
وٕنن ترٛاوان۔

در روزِ محشر بنہٕ، گوٚ برس وینہٕ پیہ نومول
تمہ دوہ پتہٕ ہیمتھ کرِ اُمتہ ژھارِ محمد
یس بارِ گنہ ناہ آسہ شہ در نارِ جہنم
نورِ دیدہٕ ہیمتھ پیہ لارِ تس تتہٕ کھارِ محمد

اصل فارسی نات چھُ یہ۔

کونین ہویداست ز انوارِ محمد
خورشید خجل گشت ز رخسارِ محمد
کشمیر شرف یافت از موے شریفش
مانندِ مدینہ است ز آثارِ محمد

محمودنس شاعری شورٕ کرنس نسبتھ چھےٚ اکھ رِوایتھ۔ یوسہٕ
عبدالاحد آزادن تہٕ پننہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" منز نقل چھےٚ کرمٕژ
زِ تمِس گُذریوو پنُن ڈوڈھ نیچوٚ شاہ سُلطان لوکچارٕ پانسے تہٕ محمودن چھُ پنُن
بأتھ "شاہ سلطانو لگہ یہ" وِدا اکھ کنہ لیو "کھوٗمت تہٕ یوٚہے بأتھ چھُ محمودنہٕ
شاعری ہُند سبب بنیومُت۔ یہ رِوایتھ چھنہٕ اوٚکنہ صحیح بابسان زِ محمودن
چھےٚ پنٕنہِ کتاب شیرین خسرو ۱۱۹۹ھ منز لیچھمٕژ۔ ییٚلہِ زن سُہ پنٕژ شتوہ
وُہرِس آسہ ہے۔[۱] اُتھ دأنسہ منز محمودس جوان نیچوٚ مرُن چھےٚ نہٕ بہنہِ لایق کتھ
وجہ گو شاہ سلطان چھُ محمودس نیچوٚ اوسمُت۔ یُس جوان دأنسہ منز
گذریومُت چھُ۔ اَمہِ وقتہٕ آسہ ہے محمود اَڈٕ وَرِ دأنسہ منز۔
محمودس اوس دوٚیُم نیچوٚ اسد گامی تہٕ اُمی سِندی رِکنہ چھُ محمودن
سلسلۂ نسب اَز تام چلان روٗدمُت۔ اسد گامی نِس نیچوِس حیدر گامی
تہٕ اُمی سِندِس احد گامی۔ احد گامی سٕندی کورِ ہٕندی اولاد چھےٚ اَز تہٕ آرِ دأرس
منز لسان بسان۔ رِوایتہٕ موجب چھُ اسد گامی تہٕ حیدر گامی تہٕ شاعر
زنان آسہِ مٕتی۔ مگر تِہنٛد کلام سٕپُد نہٕ اَز تام دستیاب۔ ہیٚچکھ محمودنہِ
مِش شوہرتھ حاصل کرٕتھ۔ گامی لفظ چھُ محمود گامی نہٕ کمی یمن خاندانٕ
ذاتھ بنیمٕژ تہٕ چھُ محمود زِکر محمود شاہ اوس مُت یِہٕنٛد پیشہ اوٚخون
گری اوس۔

---

[۱] ابن مہجور صابنہٕ لائبریری منز یُس شیرین خسرو قلمی نسخہ چھُ تتھ چھُ
سنگ شاریتھ کنہ دیتھمہ

ہزار و دوصد و شست و یکے کم = ۱۲۵۹ھ (ناجی)

یِہ کتھ ہیٚنوٚ تہٕ چھےٚ غلط باسان زِ شہر چھےٚ آمٕژ محمودس کامک آسنہٕ کِنیٚ حقارتھ کرنہٕ، تہٕ تمیٚ چھےٚ پننہِ بٔڑھ "گامی" تخرٕ سان تخلص کِنیٚ اختیار کٔرمٕژ۔ اصل پُرزٕ چھُ زِ محمودس چھُ گوڈٕ پیٚٹھے جامی تہٕ نظامی سٕندِ سوٚن اثر ہیوٚتمُت تہٕ تمیٚ چھےٚ یِمَن دۄن شاعرن ہٕندِ ہم پلہ بننہٕ کِنیٚ کوشش کٔرمٕژ۔ ہمیشگ ثبوتھ تمی ہٕندِ فارسی کِنیٚ کاشُر کرنات تہٕ تمیٚ سٕنز مثنوی یہ چھےٚ۔ تہٕ یِمَن دۄن شاعرن سیتی مناسبتھ پٲدٕ کرنہٕ خاطرٕ چھُن محمود نادمس سیتی گامی لفظ وَرتاوِتھ:

جامی، نظامی تہٕ محمود گامی سہ

ہپاڈ تعریف کران نظامی۔

ہپاڈ توصیف پران جامی

ورنہٕ کیاہ وۄنی محمود گامی

یا رسول سلام علیک

محمود گامی ین یِمہٕ وجہ کِنیٚ تہٕ شاعری شوٗروٗ آسہ کٔرمٕژ، یہ کتھ چھےٚ تاکارٕ ہیٚنوٚ زِ سہ چھُ ازلےٚ شاعرانہٕ طبیعتھ ہیٚتھ آمت۔ سہ چھُ شاعری ہٕندِس ماحولس منزے پیٚچھیوٚمت۔ تمی چھُ پننہٕ مثنوی شیرین خسرو کِس انٛدس پیٚٹھ امہٕ مثنوی ہٕندِ لیکھنُک تأریخ ۱۱۹۹ھ شارس منز درج کوٚرمُت۔

اگر محمودُن زینہٕ وٕری ۱۷۶۵ء یانے ۱۱۷۳ھ ذٕرس مانو، تیلہِ چھےٚ تمُو شیرین خسرو شُروع وٕری ہٕنزِ واُنس منز لیچھمٕژ۔ اگر محمودن یِہے مثنوی پننہٕ نیو باقے مثنوی یو برونٛہہ لیچھمٕژ آسہ تیلہِ چھےٚ لازمی یہ کتاب کاشر زبٲنی ہٕنزِ گوڈنیچ مثنوی تہٕ۔ وۄن گوشے چھِ حال حالے کیٚنژن نادر مثنوین ہٕندی قلمی

نۄسخہٕ دٕسی باب سپدٕکہٕ تتھ۔ یمن ہُندٕ لیکھن تارٟخ مولوٗم چھُنہٕ۔ یمن ہٕنز عبیدٕکہ پالینہٕ لُک کٕٹ مثنوی ہٕن 'طوطہ نامہٕ' تحریر ۱۲۰۱ھ تہٕ شاہ قلندر ہٕنز 'ابراہیم ادھم' چھےٚ۔ اگر شاہ قلندر رُستٕد زمانہٕ محموٗدس برونٹھ آسہ تیٚلہٕ چھےٚ تسٕنز مثنوی لازمن محموٗدس برونٹھم تخلیق۔ اگرچہ کٲشرِ مثنوی مُتعلق وٕنِشتام سون خیال یہ چھُ زِ امہ صنفکہ رواج چھُ کٲشرِس منز غزلکہ تہٕ نظمہ ہنٛدِ کہ پاٹھی محموٗد نہ دیُت مُت تہٕ محموٗدس برونٹھ چھُنہٕ امیُک وجوٗد اسہ نِشہ ٹاکارہ پاٹھی موجوٗد۔ مگر فارسی زبانہِ ہنٛدِ مُروج سپدنہٕ کِہ وقتہ پیٚٹھے آسہ شاعرو امہ صنفس منز لیکھنچ کوشش ضرور کٔرمٕژ۔ مےٚ نِشہ چھےٚ کتاہم کٲشرٮ۪ ہِندس فارسی شاعر سٕنز اکھ مختصر مثنوی ہٕن۔ یمیُک موضوع حضرت اسماعیلؑ سٕند قربان گژھن چھُ۔ یہ مثنوی چھےٚ ۱۴۰۹ء (۱۲۰۸ھ) منز نقل آمٕژ کرنہٕ۔ امہ منز چھےٚ فارسیس سٟتی کینہہ شار کٲشرِ تہٕ صاف لیکھت مثلن ؎

گندٕ بوزِ بخت یتھ کینہہ زحمتھ دِتھ زانہٕ بو
اضطرابم ہوٗر تا گردد ازو

ییلہٕ نہٕ حرکتھ کینہہ گژھ یکہٕ صاف شراک
پس رہا کردیم از یزدانِ پاک

تہٕ ییتھم شار چھُ ؎

باہ چھاوِتھ ادس ترومس اندرہ
حُکم آو تس نوٗبھ گوٗبر مار نو

امیُک مانہٕ گوٚو نہٕ محموٗدس برونٹھ زور پانژ ہتھ وری تہٕ چھُ کٲشرِس منز مثنوی مُند رواج سپدمُت آسان مگر محموٗدن کارنامہ چھُ یہ زِ تمۍ چھُ امہ صنفس باضابطہ رواج دیُت مُت تہٕ اکہ کھوتہ بیاکھ مُنتھہ بٲژ مثنوی چھِن ییٚتھہ یادگار تراومژ۔

کُلیاتِ محموٗد گٲمی منز یمہ ترتیب شیرین خسرو مثنوی دِنہٕ چھےٚ

چھےٚ آمٕژ سعہ چھےٚ ترٛٹھے اہم قلمی نسخہٕ تہٕ اکھ چھاپُی نسخہٕ نِشیٚہ تل
ھتھ دِنہٕ آمٕژ۔ اکھ نسخہٕ چھُ مہجور لائبریری ہٕنٛدِ پہٕ چھُ سنہ ۱۲۴ھ
منٛز نقل آمُت کرنہٕ تہٕ اتھ چھُ اندس پیٹھ یہ عبارتھ لیٛکھِتھ۔ "کتاب
شیرین خسرو بابت خواندن از دست خود تحریر یافت"۔ امہ تاپہٕ چھُ باسان
زِ یہ نسخہٕ چھُ محمودن پننی اتھہٕ نقل کوٚرمُت۔ مگر اتھ منٛز چھِ وارہ
شاریوان تہٕ شہ ننٛدہٕ بوٚن باتھ تہٕ چھینہٕ اتھ منٛز درج یُس اکس اٹالیکس
نسخس تہٕ مہجور لائبریری ہٕنٛزِ بیاضہ منٛز موجود چھُ سہ

وٗدان روان فراقہٕ چانے دوان چھس فرٛیادہ

ییمے ژٕہٕ یِتہٕ دِمے نادو دمہ لوفسہ ہادو

ممکن چھُ زِ محمودن ما آسہٕ ہُن بیٚیہ تہٕ کینہہ باتھ اتھ مثنوی منٛز
لیکھمتہٕ یم اور یُور قلمی نسخن منٛز درج آسن۔ امہ علاوٕ چھِ کینہہ
سرتوبٕ تھ حصہ تہٕ غائب گمتہٕ باسان یم ہیٚون بیٚیَن نسخن منٛز بیٚیَن بیٚوَن
شایَن درج چھِ۔ شاید چھُ یوٚہے وجہ زِ محمود گامی سٕنٛز اتھ مثنوی چھینہٕ سُے
تسلسُل روٗدمُت یُس نظامی سٕنٛز فارسی مثنوی چھُ۔ وارِیاہن شایَن
چھینہٕ فکری ترٛان زِ محمودس کیاہ چھُ وَنُن۔ کتہ یہ ہٕنٛدس گرٛدس منٛزے
چھُ خسرو شکارس نیران بگر (شبدیز) چھُس فصلس نقصان کران
تہٕ اتھ منٛز چھُ شاوٗر (چھاپُی نسخک شاپوٗر) پوان۔ یہ چھُ خسرو سُنٛد
خاص رفیق آسان تہٕ چھُس شیرینہ ہٕنٛز باوتھ کران۔ خسرو چھُ شیرین ژھانٛڈنہ
نیران تہٕ گرٛ سٕنٛد فصلس نقصان واتہٕ نادٕن چھُ بے مانے بنان تہٕ یِتھہٕ
مِثالہٕ چھےٚ وارِیاہن شایَن۔

چونکہ محمودن چھےٚ شیرین خسرو بلکل جدائی ہٕنٛدِس عالمس منٛز

ایُچھِس تہٕ آمہٕ وۄاُنیہ مِنٛدِس جوان ہِنٛز شاعری تہٕ زبان ہیٚکنہٕ کٲنٛہہ مُشٲقی
ہُنٛد داد اَکھ رٕتھ۔ نوٚوے کِنہٕ چھِنہٕ شیرین خوسرو مثنوی ہِنٛز زبان تہٕ شاعری
تِتھہٕ شوٚنٛز یِتھہٕ محمودنین باقی مثنوِیَن ہِنٛز چھےٚ۔ شاید چھُ امی مثنوی
ہِنٛز زبٲنی کِنہِ محمودس یہِ الزام دِنہٕ یِوان زِ امہِ چھےٚ کٲشرِس منٛز فارسیت
اَژِمٕژ۔ تِنہٕ ییٚلہِ مُدرٕ زبان محمودن یوسف زُلیخاہس، شیخ صنعانس، ہارون
رشیدس تہٕ باقی مثنوِیَن منٛز وَرتٲومٕژ چھےٚ سۄ چھِنہٕ تمِس پَتہٕ بیٚیہِ کانٛہہ
مثنوی نِگارن وَرتاوٕنۍ ہیٚچھمٕژ۔

محمودن چھےٚ یہِ مثنوی مولانا نظامی ہِنٛز فارسی شیرین خوسرو ہِنٛد
خلاصہ کرِتھ ترجمہ کرمٕژ۔ تمۍ کیٚنٛہہ انصاف چھُ نظامی ہِنٛز مثنوی سیٚتہٕ
کوٚرمُت۔ وُچھو اَسہِ نمونہ شاعرن ہِنٛدِس ترجمس سیٚتہٕ۔ خوسرو تہٕ فرہاد چھِہ کتھہٕ
کران ؎

نخستین بار گفتش از کجائی — بگفت از دار ملک آشنائی
بگفتا جانفروشی در ادب نیست — بگفت از عشق بازان این عجب نیست
بگفتا جان چرا فرسودہ داری — چہ باشد گر دمے آسودہ داری
چو عاجز گشت خسرو در جوابش — نشاید بیش پرسیدن صوابش

محمود چھُ اَتھ شایہِ نوم شار لیکھان ؎

دوٚپُس تمۍ خوسرون چھا کتہِ مکانس — دوٚپُس تمۍ جاے چھم پژھٹ لامکانس
دوٚپُس تمۍ خوسرون شیرینہِ ژ مشراؤ — دوٚپُس تمۍ عاشقن شوٚخی مِسا گاو
دوٚپُس تمۍ خوسرون واللہ بٕہ ماردٕتھ — دوٚپُس تیٚمۍ شد سروتن ہم بہ غارتھ
کران اَسۍ گفتگو خوسرو تہٕ فرہاد — بہ تنگ آو شاہ خوسرو کوٚرن آزاد

فرہادن ہرنہٕ بیتہِ چھُ خوسرو نظامی ہِنٛدین نوّمن شارن منٛز شیرینہِ ہِنٛد

خط ليکڻان سو

شنيدم کہ نوچيزے یا نہ ہوسناک
بماتم تو بتے زد بر سر خاک
دو تا کرد از غمش سروران را
بہ نیلوفر بدل کرد ارغوان را
غمش می نخورکہ خونش ہم تو خوردی
عزیزش کن کہ خارش ہم تو کردی
اگر صد سال بہ خاکش نشینی
بہ جز خاکے از وچیزے نہ بینی
ولیکن چون ندارد گریہ سوے
چہ یابد بے کباب انگیخت دودے

محمود جن ترجمه ڇڇه نه من شاڻن منزه

جفاڪش دوستا اوسي وفادار ۔ نفا ڪيا ه او سو موڙ مٿي ڇڇي بار
قضا تس اٿيو به بازي پان هو ٿو ۔ گيڪه راضي غريبا ه ماڙ تو ٿو
به ظاهر هُو چايو تپير سيتي ۔ خبر ڪينه ڇم نه وشونڌ مارکه ڏنيتي
دو ڪهس بيٺڪ ته ماٺي جامه پيرٿه ۔ بيبي مازاه ته وقت فرهاد ڇپير ٿه
گلي مانڊ ڏلي ما رنگ روخسار ۔ هلي ما قد ڏلي ما آدنگ يار
غنيمت ڇڇي پڻ دم غم مسا ڪٿي ۔ خوشي ڇڇي يا ونيڻ ماتم مسا هي

---

۱؎ قلمي نوسخه شيرين خسرو نظامي رح مملوکہ ناجي منور

کینژن شاعرن زبانی منز خامیہ آسنہ باوجود تہٕ چھُ شیرین خسرو مثنوی
منز شاعرٕ سُنہ وسعتہ وُن ذہن آسنک بےقرار بیوان کرٕن۔ اکثر شاعرن چھے
شاعری ہند کینہہ نادر تشبیہہ ورتاوِ منز انسان چھُ ہیٚتھ ڈونگہ روزِتھ گژھان
شرمندہ یار سُند ووہ زُلفن رخسارس پیٚٹھ لُکچِن وچھتھ چھُ شاعر وَنان

شبان کیاہ خال تتھ برگہ انارس — دزان زن مرژ فول منز یاگہ نارس

یاوچھتوک نوم شارس

بہ شنکر خند شاہ بیٚند کرٕ کھس — شمع زن منٛز میٚنہ شہر منٛد کرٕ کھس
پلن چھوون کلے چھوون کلس پل — دل سنگین خود زیو تن کنین تل
خورم تقدیر ہیٚے ہیٚے کیاہ گورم ہیٚے — کتھے ماشوق آمت راو رُم ہیٚے

محمود گامی تہٕ امہ کہِ علاوہ کارنامہ پیٚتہ چھُ بیاکھ شاندار کارنامہ یارس
بیوان تہٕ سُہ گو "قصہ شیخ صنعان"۔ حال حالے چھ میٚ امہ مثنوی ہند کہ
تہٕ دارِیاہ قلمی نسخہ دستیاب سپدی متہ۔ یمو منز چھُ اکھ تیتھ نسخہ یتھ
گوڈنچ ورقس پیٚٹھ سنہ ۱۲۰۱ھ درج چھُ مگر آخری ورق چھُس غائب تہٕ بیاکھ
نسخہ چھُ تمی قلمہ لیکھنہ آمُت یُس قلمہ بیٚیہ زِ نسخہ عبدہ پالن طوط
نامہ تہٕ بابا کمالن 'وفات نامہ' سنہ ۱۲۰۱ھ منز لیکھنہ چھُ آمُت۔ شیخ صنعان
مثنوی ہندہ یم قلمی نسخہ چھِ وَنان زِ سنہ ۱۲۰۱ھ منز چھُ محمودنی یہ مثنوی
تیٚژ مقبول سپٕز منز آسان زِ تکہ چھُ ایمہ جایہ جایہ نقل اُسہ متہ کران تہٕ اکھ
اکس تو برونٛہ کنہ پیش کران۔ اگر محمودن ۱۱۹۹ھ پیٚتہ یہ مثنوی لیٚچھمتٕ آسہ
تہٕ اکس دوٚن ورین منز امہ نظمہ ہُند یوت مقبول گژھن چھُنہ اکھ
المغابہ کہ اماحہ بلکہ امہ کہ حسن چُھ صنعاتچھ۔ میانی ذاتی راے چھے زِ کاشرس
منز چھُنہ اسہ وُنیستام شیخ صنعانس مقابلہ بیاکھ نظم یادِ پیٚکھمتٕ گژھتہ۔

اَمہِ نظمہِ منٛز چھہٕ بارہٕ کامیابی چھےٚ ز محموٗدن چھہٕ اَچھل حکایژٕ شعرہٕ بارو
کرٕنۍ ضموٗرٕ دری ژاگنی بیثر تمہِ چھہٕ آہنگٕ طرزٕ کأشرس لکہٕ طرزس پیٹھ بأڑ نوو
ژھوچہ بحرِ منٛز اَمہِ نظمہِ منٛز لفظن ژارہٕ چھےٚ قأبلِ داد ـــہ

حمداہ تس ذات پاکس — یتھ عرفان دیت خاکس
چھےٚ حمد پتہٕ بپہن — صلوات بر پیغمبر
یوٗدُ یارہٕ بوز کتھ کنے — عشقن نکتہ وَنے
مشہوٗر اوس شیخ صنعا — عشقن کوٗر سُہ فنا
بوٗدُ اوس پیراہ کأمل — پیش آس عشقن منزل

تہِ چھےٚ کنہٕ چھےٚ مثنوی تُرد شہہِ پکان تہٕ انسان چھُہ رقص بوان۔ شیخ عطار
چھہٕ پننہٕ حکایتہٕ "منطق الطیر" کتابہٕ منٛز نوعو شأرد سیتھ شوٗرٕ کران ـــہ

شیخ صنعان پیر عہد خویش بود — در کمالش ہر چہ گویم بیش بود
شیخ بود اندر حرم پنجاہ سال — با مرید چار صد صاحب کمال
ہر مریدی کان او بودی عجب — می نیاسود از ریاضت روز و شب
قرب پنجاہ حج بجا آوردہ بود — عمرہ عمری بود تا می کردہ بود[۱]

شیخ صنعان چھُہ خابس منز وچھان زِ سُہ چھُہ شہرِ روٗم کُنہِ پتان تہٕ
پتہٕ نلین شیجدٕ دوان۔ خابہٕ منٛز بیدار گژھتھ چھُہ بیقرار گژھان تہٕ روٗم
واتان تتہِ چھس اکھ "دخترِ ترسا" ہیتنز نظرِ گژھان۔ شیخ چھُہ اَمہِ سُندِ
حُسن وچھتھ فلوا گژھان۔ شیخ عطار چھُہ اَمس ہیتنز یارہٕ نوین شارن منٛز
حُسنس تأریف کران ـــہ

---

۱۔ قلمی نسخہ منطق الطیر از عطار۔ مملوکہ ناجی منور

چاہِ سیمیں در زنخداں داشت او | ہمچو عیسیٰ در سخن جاں داشت او

دختر ترسا چو برقع بر گرفت | بند بندِ شیخ را آذر گرفت

چوں نمود از زیر برقع روے خویش | بستہ صد زنار از یک موے خویش

در بہشت حسن و از برجِ جمال | آفتابے بود اما بے زوال

آفتاب از رشکِ عکسِ روے او | زرد تر از عاشقاں در کوے او

چوں صبا از زلفِ او مشکیں شدے | روم از و آرزم ہند و چین شدے [۱]

محمود گامی کمن شاون منز چھُ امس ہیٚنس یا نہ حسنس طوٗمار گران تمہ

چھہ نوم سے

شیخن وُچھ یہ ختہ لڑاہ | تمہ منز اکھ سۄندراہ

مستس پھیٚے والان گنگے | مستانہٕ مرتس شنگے

زٕبیلہٕ موے اُمی پیران | ماران زَن سٔتھہ ما رَن

ژھیٚڑ ماران سمبولن | گنٕڑھ کران اُس گلن

سینہٕ رٕٹھِک ہنز ڈٕکس | سۄہ رخی تیٚمی چھیٚکس

خمدار ہٕ رنجہٕ بُمے | کشن کٔران زٕمہٕ رُمے

حُسنن تہٕ عشقن کوٚر جوش | گو شیخ صنعان بے ہوش

محمودن چھیٚنہٕ یہ شیکایتھ شیرین خسرو یا منصور ناموکہ پاٹھی ترجمہ کرمژ۔ اکھ منز چھِنہٕ سہ اصل مصنفس تابِع روزمت۔ تمہِ چھُ پننہٕ نظمہ خاطرِ اکھ ژھوٚٹ موٚٹ بحر ژارِتھ کاشرِ ن گۄڈنیچ لٹہٕ اکھ تیٚتھ روحانی سرمایہ بخشمت، یتھ بوزن وٲنی یہ تیٚتھ کاشُرِ کاشرِ دِلس منز جاے وژہ۔ یہ

---

[۱] قلمی نسخہ منطق الطیر از عطار مملوکہ ناجی منور

اوس اکھ تیٚژھ رۄحٲنی پٔنٕزاییٚس سیٚتۍ مٔنٛس تہٕ ہِنٛزِ ستارٕ بیٚہِتھ تہٕ کھوٚت تہٕ تیٚتھ
کُنٛتھ مۄنٛز تہٕ آو اکھ اکِس باونہٕ۔ محمودنہِ یہِ کارنامہٕ روزِ ہمیشہ تازٕ بتازٕ۔

شیٖرین خسرو تہٕ شیخ صنعان پیٚتھ کمہٕ مۄنٛز کھلہٕ مٔنٛزٕ ژٕنٛج محمودنہِ
شاعری تہٕ آمہٕ پیٚتھ کوٚس مثنوی آیہِ بارسس، قلمال چھینہٕ یہٕ کتھ نٔسان۔
شیٖرین خسرو علاوٕ پیٚتھ کیت یہِ محمودن لیٚکھمٕژ تٲریخ وَنِتھ مۄت
چھہ سَو چھپے قصے ہارون رشید۔ یہِ مثنوی چھپے ۱۲۵۵ھ مۄنٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔
گویا شیٖرین خسرو تہٕ ہارون رشیدس مۄنٛز ہُنٛد کُنہٕ چھہ کُن ہاوان وۄنی۔
محمودنہِ دوٚن ہُنٛدی مۄنٛز شاعری ہُنٛد ارتقا لبنہٕ چھہ سیٚٹھاہ کرنہٕ۔
محمودن چھہ امہِ وقتس مۄنٛز آیہِ کھۄتہٕ بیاکھ ہُنٛد کارنامہ پیٚتھ کُن تَوٕ
زِ کٲشُر زبان ہیکہٕ نہٕ تمہِ اَتھ ہُنٛد حق ادا کٔرِتھ۔

محمودنہِ قصے ہارون رشید، مثنوی ہِنٛدی پٔژ قلمی نسخہٕ سٕتۍ
دستیاب سپدیمٕتۍ چھہ چھاپی نسخہٕ نِش بلکل مختلف۔ اگرچہ وۄنی کُنہ چھپے
مگر قلمی نسخن ہُنٛد کاتبہٕ شاد چھینہٕ چھاپی نسخن مۄنٛز یتھے۔ قلمی نسخہٕ چھہ
زیادٕ۔ تمن مۄنٛز چھینہٕ اندیم شعر تہٕ ییمن مۄنٛز کتابہِ ہُنٛد تٲریخ تصنیف چھہ۔
ترتیم ادبیک قلمی نسخہٕ تہٕ چھہ سالم قلمی نسخن سیٚتۍ ڈلان۔ تۄہِ سپد
ییہٕ مے سالم قلمی نسخہٕ کتابہِ ہِنٛدس حاشیس مۄنٛز نقل کرُن۔

یوسف زلیخا ہُنٛد زیرِ نظر نسخہٕ، مے ییمہٕ نسخو پیٚٹھ ترتیب دیُت
تمو مۄنٛز چھہ جرمن نسخہٕ تہٕ نسخے ۱۲۷۸ھ سابقہٕ لیکھنہٕ آمت۔ جرمن
نسخہٕ چھہ مشہور جرمن مستشرق کے ایف برکھارڈٹ ۱۸۹۴ء مۄنٛز ترجمہ
کوٚرمُت تہٕ کٲشُر متن ہیٚتھ چھپُن روومن تہٕ کٲشرِس رسم الخطس مۄنٛز جرمنی
مۄنٛزے چھپوومُت۔ یہ چھہ اکھ مکمل نسخہٕ تہٕ باسان چھہ زِ برکھارڈس چھہ

محمودنہ مثنوی ہُند گۆڈنیُک حصہ چھُ کاشرس منز شُرُوع یوان بنیومُت۔ زُلیخایہ حُسنکو تأریف، تسُند خاب وُچھن تہٕ عزیزِ مصرس نِش واتُن، محمودُن چھُ یہ حصہ زیٖچھہ بحرِ منز لیوکھمُت تہٕ یہ چھُ عام زٕکتہٕ نِش کٲل کھاتس پیٖون رودمُت مولانا جامی ین چھے ساری مثنوی اکی بحرِ منز تہٕ بیوٗن انداز بیانہٕ تحریر کٔرمٕژ۔ محمود گامی ین چھے پنٕنؠ کتاب جامی ہندِ نوعہ شعر شارِ پیٚچھ شوٗرُوع کرمٕژ

چنین گفت آن سخندان سخن سنج — که در گنجینه بودش از سخن گنج

که در مغرب زمین شاهی بناموس — همی زد کوس شاهی نام طیموس

زلیخا نام زیبا دختری داشت — که با او از همه عالم سری داشت

نه گنجد در بیان وصف جمالش — کنم طبع آزمایی با خیالش

فراوان موشگافی کرد شانه — نهاده فرق نازک درمیانه

فلک درس جمالش کرد تلقین — نهاده از جبینش موج سیمین

فرو آویخته زلف سمن سای — فگنده شاخ گل را سایه بر پای [1]

محمود گامی چھُ زُلیخایہ ہندِ حُسنکو تأریف نوٕیَن ابتدائی شارن منز

بیان کران سہ

سوے زُلیخا اوس زیبا، دِلفریبا نوٗن زن

سینہ صاف آئینہ کھوتہ اوس روشن تس تہٕ

نارِ پستان راحتِ جان اوس تس رودیہ پٔندی قیٖمہ

ڈیشتھ وُنیمن کریشہ وُنین اوس فیران دل ڈٔپے

افشتھ نال زُلف تہٕ خال اوس شوبان پیشرو

میخت مُشکل زہرون دل چشم کافر کیش اوس

---

[1] "زُلیخا" از مولانا جامی قلمی نسخہ مملوکہ ناجی منور

مولانا جامی چھُ عزیزِ مصرس ستی زُلیخایہ ہُند رلُن نومن شائن منز اتھ دوا تھاوان سہ

بیا جامی کہ ہمت بر گماریم　　ز کنعان ماہ کنعان را بیاریم

زلیخا بادلِ امیدوار است　　نظر بر شاہ راہِ انتظار است

زحد بگذشت درد انتظارش　　دوا بخشی کُنیم از وصلِ یارش[1]

تہٖ یوٗسفن قصہ چھُ نومنشارو بیچھٕ شونٛز گرٛھان سہ

دبیر خانہ استاد کُہن زاد　　دریں نامہ چنیں داد سخن داد

کہ چوں یوسف بخوبی بر سرافراخت　　دل یعقوب را معشوق خود ساخت

بسان مردمش دریں در دیدہ بنشست　　ز فرزندان دیگر دیدہ بر بست[2]

یوسف سٕندی دعوہ بأرے چھُ یعقوبس نیش پوان تہٖ یوٗسفس سأکس نِنک درخاس کران سہ

اگر باشد اجابت قصد داریم　　کہ فردا روز صحرا در گذاریم

برادر یوٗسف آں نوٗرِ دیدہ　　ز کم سالی بصحرا کم رسیدہ

گہے با او رہ صحرا نوردیم　　گہے بر پشت کوہ و بیشہ گردیم

گہے از گوسفنداں شیر دوشیم　　گہے شیرین و خنداں شیر نوشیم

بکنجِ خانہ ماندہ روز تا شب　　فارسلہ غداً یرتع و یلعب[3]

محمود گامی چھُ شد سورُے زورِ کلام تہٖ چھُ یوٗسفنہ قصہ ستی نوٗن نیران سہ

اوس یوٗسف فرزند یعقوب　　نوٗرِ تہٕنٛدے سمسارس شوٗب

---

۱، ۲، ۳ قلمی نوسخہ "زُلیخا" از جامی مملوکہ ناجی مُنور

شاہ خوبان اوس ماہِ کنعان   آفتِ دل غارت گرِ جان

خوبصورتھ اوس ماہ رخسار   پوشہ تھر ہیوٗ زن گلہٕ شہہار

وٕنہٕ باے چھیہ نوہم شارہ ہیتھ ژالس، ییٚوٚ قہٕ کٔرن واتن سے

گیہ ژالس قیتس شکیتھ   عرضہ تہ سلام کورُن تٔمۍ تھ

بابہٕ میانۍ یوسف چھہ دِوان   دفا رسلہٕ معاذ خدا

فیر کوٚت ہس یہ آنٛدرٕ آنٛدرۍ   نیرکہ پوشن کروسن گونٛدۍ

گیہ گیوس دہ وُس تہٕ نہس   لورٕ کرٛان شہ روزِ نہس

تہٕ عمر اوس واتیتھ کم سِتمہٕ چھہ وونہ باے یوسفس ہیتھ کران خدمتن

تہٕ چھہ ہم شار لیکھان صون جگر کھیوت سہ

تیوت لوے ہش نیلے لیس تن   پمپوشس گوٚ رنگِ سوسن

ناز دنان اوس دورٕ باین   کتھہ موٗمس چھیوہم لاین

منتہ کرہو توم چھٔس ناچار سے   چکہ ناوی توم نہو وار وارے

اوس روان دوان نالے   ہرنہ زن راہ ہیوٗن ہولے

مولانا جامی چھہ یہ حال نوہ من شارن منز لیکھان سہ

چو پا در دامن صحرا نہادند   برو دست جفا کاری کشادند

برہنہ پا قدم بر خاک میزد   بہ گل از خار و خس مسمار میزد

کف پاے کہ بودش ز گل تنگ   زخون در خارہ خارا گشت گلرنگ

بہ زاری ہر کہ را دامن کشیدی   بہ بیزاری گریبانش دریدی

بہ گریہ ہر کہ را در پا فتادی   بخندہ بر سر او پا نہادی

بنالہ ہر کرا آواز کردی   نوا ہاے مخالف ساز کردی[۱]

---

[۱] قلمی نوسخہ زلیخا از جامیؒ ۔ مملوکہ ناجی منور

یَدوٚے مولانا جامی سٕندی شار لاثانی چھِ۔ مگر محمودٕنی شار تہٕ چھِنہٕ
کینٛہہ کم پٕہٕنۍ۔ اَز تہٕ چھِ کشیر ہِندیٚن گامن منٛز اَتھ سٕتۍ مردن تہٕ
زنانن یِمن اَکہٕ اَکہٕ شار یوٗسف زُلیخا زبٲنۍ چھِ یاد۔ یوٗسف زُلیخا ہِنٛد
ہٕنٛد قلمی نُسخہٕ ۱۲۷ ھ دراے مےٚ یِم نُسخہٕ زیرِ نظر اوسۍ۔ تِمن چھِ
اوٚر یوٚر کینٛہہ فرق۔ "لال مجنوٗن" مثنوی ہِنٛدی پاٹھۍ چھِنہٕ یہ کتاب اَڈٕ لۆکھتھ
گژھان روزمٕژ۔ مولانا جامی یِن چھُ یوٗسفنہٕ عزیزٕ حال بہٕ مختصر لفظن
منٛز بیوٚن کوٚرمُت۔ تتھ برعکس چھُ محمود زُلیخا ہِنٛز زبٲنۍ تِمہٕ پاکہٕ ژھٕ شان زِ
عالمس چھُ وَدناوان۔ یہ کتھ چھےٚ صحی زِ اَتھ مرثی یَس منٛز چھُ محمودن دِلٕ اصل
پینٛہہ نِمن داد وٕتشٕ دِیتمُت تہٕ یہ مرثی چھُ وۄنۍ کٲشرِ ہِنٛز گٕلہٕ باتن ہٕنٛد
حِصہٕ بنیومُت۔ "ترٛیِہ دۄہ پتہٕ گیہِ زُلیخا ہوشیار" کٲشرِ زنانہٕ چھےٚ امہِ ہِیم
چھِنہٕ رٲژن رۄدِس منٛز یِتھہٕ وَکھنے سیٚتھ ہیتھ عالمس وَدناوان ؎

| | |
|---|---|
| ترٛیِہ دۄہ پتہٕ گیہِ زُلیخا ہوشیار | حالہٕ اَکے اُمی کران نالہٕ زار |
| سپانہٕ مرنے برٛونٛہہ آیتھ مرگزار | مرگہٕ اوٚرن کم رُتے دِیت نےٚ وٲگزار |
| بیٚیہ وٕنٛد یوٗسیتھ گراکھ روہمہ | مٲلِ وٕنٛدیو کمہ یہ کلہو رو ہمو |

تادِ زابیہٕ میانہٕ یوسفو دۄہلہٕ
بیترٕ

لال مجنوٗن تہٕ چھےٚ محمودٕ گامی یِن نظامی سٕنٛز فارسی "لیلا و مجنون"
ہیتھ ترجمہ کرمٕژ۔ مگر یِمہٕ آزاد پاٹھۍ یہ مثنوی ترجمہ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ محمودن
چھِنہٕ بِنیہ کانٛہہ مثنوی امہِ طرزِ پیٚٹھ بیاکھ کتھ چھےٚ یتہٕ زِ یِہنٛز اَڈٕ لۆکھتھ
یہ کتاب گژھان روزمٕژ چھےٚ تِہنٛز چھِنہٕ بِنیہ کانٛہہ گٔژ۔ چھٲپی لال مجنوٗن چھےٚ
قریب ترٛیہ ہتن دۄ مصری سطرن ہِنٛز، بیٚیہ زَن یتھہٕ کتابہٕ منٛز ترتیب دِنہٕ آمٕژ
لال مجنوٗن اَلہٕ پَلہٕ ساڑن نون شتن دۄ مصری سطرن ہِنٛز چھےٚ۔ امہِ مثنوی

ہِندِ نوم کاہ حسین ہانٛدہ اُسی وُنیتام کھوٗتِھ رۄزِتھ مے

۱۔ سید امیر تِمن آدِ ییٚنہِ دولیٚ — از ژٕ لیہ اَسیہ نیہ ہول تے

۲۔ عمر بک شہزادہ آدے لعتر سے — ژٕ تہٕ کر لُنتہ ییے کو ہمن کژاو

۳۔ کیاہ کوٚ ییے غوصہ تے روسے چھک نہٕ ہاوان

دِنتہٕ لُنتو کوٚ شٕر راوان چھک

۴۔ زلہٕ ڈن دود چھس چون للہِ واٚنی

مارٕ مُژٕ زار بوزِ میانۍ ییہ

۵۔ وونٹہٕ بہٕ ژھٕ آو کوہ تہٕ لولہ — کُہہ زانہٕ لوسہ مہا دعود تہٕ لولو

۶۔ متہٕ مچلونہٕ گژہٕ یارِ لولو — لال کیتھ کہٕ ھتس یار لولو

۷۔ یارٕ کوم دِلسو تے کارسے پان بو — بالہٕ یار کوٚ یو ہوتے ہو

۸۔ متہٕ مچلونہٕ گژہٕ میانہٕ یارو — کتہٕ یاوہ ژٕ اُو ختم لۄ

۹۔ متہٕ ژٕل تھم از متہٕ ژٕل تھم — یٚنہٕ لاوسے متہٕ مچلونو

۱۰۔ مٚے بریٚ بریٚ لگاوی مے پیالو — دِلو لالو سچے ہم نا

۱۱۔ مچلون ژاران لالہٕ پنپرمالے — ڈیٚر توس بِچہ میلہٕ ناسے نیاہ

یِمہ پیٚتھو باقو علاوہ اُسہ ہیتہٕ بیٚکرشار مثنوی ہِندِ وُنیتام چھپتھ رۄدمٕتۍ۔ کُلیاتِ محمود گامی ترتیب دِنہٕ وِزِ رۄدۍ مے سارِنے کھوتہٕ جیادہ قلمی نسخہٕ اَمی کتابہٕ ہِندۍ نظرتَل۔ یِمو سارِوے منٛز چھہ نوٚ نسخہٕ ۱۲۸۲ نسخہٕ احسن شاہ تہٕ نسخہٕ لکھرِ لوٚپہٕ مکمل تہٕ اد لیہ۔ ییٚلِ کٕنہ وقتہٕ۔ غلام محمد نور محمدن چھاپی نسخہٕ چھہ غالبن رِشرچ عکس کیٚ نسخہٕ نمبر ۱۱۰۵ پیٚٹھے نقل آمت کرنہٕ۔ مگر امہ برونٛہہ چھپیا کہہ نسخہٕ عبدالحی نوکہ لی بِشنہٕ وزہ کرہٕ امرتسر چھاپ کومت یِس غلام محمد نور محمد رِنہ نسخہٕ کھوتہٕ جیادہ قابلِ قدر چھہ۔

محمود گامین بیشتر لٲل مجنوٗن پرٕتھ چھِنہٕ یہِ کنہ تہٕ کار پاٹھی لبنہٕ یوان زِ یہِ چھُ کٲشرِس منز گوڈنیک غنائیہ (Opera). یہِ داستان چھُنہٕ تِمہٕ انداز کٲشراونہٕ آمُت زِ نادہٕ تام چھِ بہٕ لٲدیتھ کٲشر آیہِ لیکھنہٕ آمُت۔ مثلن سلیم عامر سید میٖت لیلیٰ۔ لٲل۔ مجنوٗن ہُند موٗل سید، یُس چھُ نیچو ہُندِس خاندرس منز بیچھ نیُٚچھنے یِنہٕ من بُنان زِنہٕ کٲشرِ کٲشرِس خوشیِس چھُ گرٕ خاندر آسان۔ وچھو نادٕ کمہ آیہ چھُنے اَکھ خاندرُک بیچھ وَنہٕ نادان ؎

سید امیر ئینو آدٕ بیٚٹھ ودٕلی ہے
از ژٕلہ اسہ نیبہ ہوٗ لیے

برونٹھ برونٹھ شہزادٕ پتہٕ پتہٕ موٗلیے
پانہٕ چھُنے رنگہ وہٕ زوٗ لیے

تاپہٕ دانہٕ ہیچھ چھس پانہٕ دوٗد موٗلیے
از ژٕلہ اسہ نیبہ ہوٗ لیے

دوٗدہٕ ہاجہ روٗنتے کیاہ شیٚرہ ٹوٗلیے
تِم اَنہٕ بچا پنُن بوٗلیے

سونہٕ پانہٕ وانہٕ ژٕلہ لگیتہ اہٕ لیے
از ژٕلہ اسہ نیبہ ہوٗ لیے

اُکھوٗن وٕنس سیتھ چھُ بیاکھ وَنہٕ وُن تہٕ۔ محمودن چھُ اَکھ منز کٲشرِ پوشن ہُند ذکر بڑٕ شوبہ دار طریقس منز کوٗرمُت ؎

وٕگنیو وٕنہٕ فدہ منز ردبہٕ خانس
مہرانہٕ مجنوٗن خانہٕ ہے

مجنوٗن بیہتھ پیچھے دیوان خانس
گٕنڈان پوٗرسانہٕ ہے

جان جان وٕنہٕ دی تس جانس
مہرانہٕ مجنوٗن خانہٕ ہے

نیری پوش منگہٕ لاگس گلشنہٕ خانس
اچھِ پوش لاگہٕ دامانہٕ ہے

سوسن پوش لاگس منز گریبانس
مہرانہٕ مجنوٗن خانہٕ ہے

محمود گامی ین اگرچہ لٲل مجنوٗن نظامی سُند لیلیٰ مجنوٗن برونٹھ کنہ تھوٗ ہتھ نیچھر چھِنے مگر اَکھ ہیکو نہٕ اُمہِ کنہ زِ ژنگو نہ ترجمہٕ وَنتھ کٲشرِس اَدبس منز یہِ کتاب پنہٕ ژک پوٗن مقام یس تہٕ ازانہٕ تام اَکھ میوٗلمُت چھُ۔

فارسی یس منز چھُ اَتھ تہٕ بلکُل بدۆن رنگ۔ یِتھٕی پٲٹھ مٔحمودس پیٹھ
سیٹھاہ کرم چھُ۔ بہانہ کیتھ وُچھو نظامی سٕندِ نومہ شار۔ لٲل چھےٚ مجنوٗن
سٕندِس فراقس منز یِتھ کٔنۍ آدارہ کران

| | |
|---|---|
| برگل ز مژه گلاب میریخت | مهتاب بر آفتاب میریخت |
| از بسکه نمود نوحه سازی | بخشود دلم بر آن نیازی |
| گفتم چه کسی و کیست انچیست | نالیدن زارت از پی کیست |
| بگشاد شکر بزهر خنده | کای بر لب گرم نمک فگنده |
| لیلی بودم ولیک اکنون | مجنون ترم از هزار مجنون |
| او گرچه نشان گاه درد است | آخر نه چو من زنست مرد است [۱] |

تہٕ مٔحمود چھُ لٲلہِ یارٕ سٕندِس فراقس منز تِمن شارَن منز وَدناوان۔

| | |
|---|---|
| خیالِ یارٕ سٕندے زار ووٗدن | اَتھے عُمرٕ تیس بہٕ نٕن خاک لوٗدن |
| ژٕ تِتے بو پانہ واوٕ اَسی ژاپہٕ باجی | ژٕ تِتے تر اوِتھ میانہ دِلے ہُنٛد لاجی |
| ژٕ تِتے بوٗد سے میانہ پانہ عاشقی رام | ژٕ تِتے گوٗ میانہ میانے هدنین شام |
| آدکلہٕ یارٕ میانے داغ کَلدے | کتیو چھک متہٕ شاندس پیٹھ بہٕ وَندے |
| پانہ نے دستہ تُنتُن شانہٕ کریے | ژٕ نَے دیشتھ بہٕ ہو دیوانہٕ مرے |

مٔحمود گامی چھُ نہٕ لٲل مجنوٗن داستان تِمی لیکھِتھ یُس ناداں یِیہٕ لیکھ
نظامی یَن لیچھمُت چھے۔ اَتھ مثنوی منز چھُ مٔحمودن اصل دلیلہ پیٹھ بٔڈ
کم زور دِیت مُت، تہٕ بیتہٕ بیکو متہٕ تیتھ باگ اَتھ مثنوی منز عُمرٕ متو دِین
گوگینٛزرٕ شاین چھُ نظامی سٕندِن شارَن سیتہ مٔحمودنِ مثنوی ژلان هش۔

---

۱) لیلی و مجنون از نظامی مطبوعه

شُلن مجلوٗنس چھےٚ پننہٕ موج لاٗلہٕ ہُندِس لوٗلس منٛز وٗرفتار ڈیشان تہٕ سو
چھےٚ موٗھسوٗس کران نظاٗمی ہُندین شارن منٛز ہ

دیدہ آں گل سرخ زرد گشتہ    واں آئینہ زنگ خوردہ گشتہ

اندام تنش شکستہ شد خورد    ز اندیشہ رو بدست و پا مرد

گہہ شُست باب دیدہ رویش    کہ کرد بشانہ کلک مویش

سرتا قدمش بمہر مالید    بر ہر ورقے بدرد نالید

می بُرد بہر کنارۂ دست    گاہ آبلہ شود گہ بروبست

گر رفت سرد تن از غبارش    گاہ کُند ز پائے خستہ خارش[۱]

محموٗد گاٗمی چھُہ قریب پیٚٹھے جذبات مجلوٗن سُندِس ماٗلہِ ہُندِس سینس
منٛز ژھالہٕ ماران ہوٗوان ہ

بدنس سوٗر گومُت تس مَدتس    راتھ دوہ نےٚ کرٛٹھان تسوٗ ژھین وٗدنس

ژٕنیتھ گاٗمُرشانن موٗرِ ژٕنجے    قیس ڈیٛشِتھ جگرس گےٚ پہٕ کھٕنجے

وُچھِتھ ژٕنج باکھ نیرِتھ سید میرس    دوٗر تمی سینہٕ ریٖر عشقہ تیرس

نوٗرِ دیدہ میانہٕ چشمن ہُند لالو    ژٕ کمیوٗ ژالہٕ لوٗگ ہم ژاڈٕ مالو

ژٕسّےٚ کمیوٗ کالہٕ منٛرچھن ژال ووٗسےٚ    ژٕسّےٚ کمیوٗ ہتہٕ ننےٚ خاک موٗسےٚ

یِموٗ بجوٗ مثنوی یوٗ علاوٕ چھےٚ محموٗد گاٗمی ین واراہ لوکچہ لوکچہ مثنوی تہٕ
لیٚچھمٕژ۔ یِم سارےٚ تہٕ چھےٚ محموٗدن فارسی حکایژو پیٚٹھےٚ ترجمہ کرمٕژ۔ یِمن
مثنوین منٛز چھُ منصوٗر نامہٕ ، یک حکایت ، پہٕلی نامہٕ تہٕ قصئہ محموٗد غزنوی
اہم مثنوی یہ۔ قصئہ محموٗد غزنوی چھےٚ ذرا زیٛٹھ پہٕن مثنوی۔ اَتھ منٛز چھےٚ

---

[۱] لیلیٰ و مجنوں ، از نظامی مطبوعہ

محمودنہ وقتہ کِس نورُاللہ تہٕ لال مرجانہٕ ہِنٛد عشقٕچ داستان۔ یہ مثنوی تہٕ چھےٚ مےٚ اَکھ اہم قلمی نُسخہٕ پیٚٹھ ترتیب دِتھ ییٚمِس ۱۲۸۴ھ منٛزٕ لہ ڈُلر گامُس منٛز علی تلہٕ واٚنۍ سٕنٛدِ خاطرٕ لال محلوٗن ہِنٛدِس نوٗ سخٕس سیٖتۍ لیکھنہٕ چھُ آمُت۔

یِم حکایتھ چھےٚ اَکھ لوٚکُٹ مثنوی ہُن۔ اَمہ مثنوی ہُنٛد چھُ مےٚ نِش اَکھ تیٖتھُے تہٕ قلمی نُسخہٕ موجود ییٚتھ نقل کرنُک تاریخ پوٚتس سنہ ۱۱۲۳ھ دِتھ چھُ۔ اگر یہ تاریخ دُرُس مانو تیٚلہِ چھُ اِمکان زِ محمود گامی ییٚس برٛونٛہہ چھُ بیاکھ محمود اوس مُت ییٚمِس یہ تخلیق چھےٚ تہٕ اَتھ سیٖتۍ چھےٚ مثنوی ہِنٛدِس فارمُس منٛزٕ بیاکھ نظم پوٚنٛپبرٕ نامہ تہٕ۔

منصوٗر نامکہ تہٕ یُہٕلو نامکہ ییٚم قلمی نُسخہٕ مےٚ نِش محمود گامی ینٛز چھہٕ، تِمو علاوٕ چھِ مقبولنِٕز تہٕ قلمی نُسخہٕ ییٚمَن مثنوی یَن ہِنٛدی مےٚ نِش موجود۔ مقبولُن منصوٗر نامہٕ اوس اَکھ ادبی زہرٕ ہَن پیٚنہٕ زٕ ناوٕ چھاپ کوٚرمُت ییٚس محمد یوسف ٹینگ صابنہٕ تحقیقہٕ مُوجِب مقبول کرالہ واریٚ شُنٛز تخلیق مانٛنہٕ آیہ مگر میانۍ ذاتی راے چھےٚ زِ یہ گرٛٹھہ مقبول امرتسری سُنٛز تخلیق آسنہٕ (اَتھ کَتھہٕ پیٚٹھ ییٚیہ بٔییہ ساتہٕ بحث کرنہٕ۔) ییٚتھے کنہٕ چھُ یُہٕلو نامہ تہٕ محمود گامی علاوٕ مقبول امرتسریَن لیوٗکھمُت۔ یہ اوس اَز برٛونٛہہ کیٚنٛہہ کال شفی شوق تہٕ گُلشن مجیدنہٕ تحقیقہٕ سیٖتۍ کلچرل اکادمی ہِنٛدِس رسالہٕ شیرازس منٛز مقبول کرالہ واریٚ سٕنٛدِ ناوٕ چھاپ گوٚمُت مگر مےٚ نِش ییٚس قلمی نُسخہٕ موجود چھُ، تتھ چھُ صاف لیکھِمُت "از کلام مقبول امرتسری" مقبول امرتسری سُنٛد ناو چھُ اَز گوڈٕنیچ پھِرِ میانہِ ذٔریعہ دُنیا ہس برونٛہہ یِوان۔ یہ چھُ غالبَن مقبول کرالہ وارِس ہم عصر اوس مُت۔ بٔکیا زِ مےٚ نِش ییٚم قلمی نُسخہٕ آمو سٕنٛزَن

تخلیقن ہنٛدِ چھہ تم چھہ ۱۳۰۰ھ تہٕ ۱۳۱۵ھ درمیان لیکھنہٕ آمتۍ۔ یمہٕ
کتھہٕ بیٚیہٕ مےٚ اوٚہ سببہٕ ییٚتِن چھکاونہٕ تکیازِ مقبوٗل تہٕ محموٗد گامی ہٕنٛزٕ
یمہٕ دوٚہ شوٗرٕ مثنوی یہٕ چھےٚ بلکُل ہشے۔ مضموٗن، بحر، تہٕ زبان چھےٚ قریبن
کُنی۔ یمہ چھےٚ اوٚلہٕ ییچھہٕ ادلہٕ بدل گژھان روزٕہرٕ۔ مےٚ نِش یِس
مقبوٗلنہٕ منصوٗر نامُک قلمی نوٗسخہٕ چھہٕ سہٕ چھہٕ ۱۳۰۷ھ منزٕ میاں عبداللہ ولدِ
نَب قدوٗس لونُن نقل کوٗرمُت تہٕ یتھکہٕ بِس چھکِش قطہٕ دِتھہٕ مقبولٕس
محموٗد بنوومُت۔ ووہ سکوٗ مقبولنہٕ یمہٕ دوٚہ شوٗرٕ مثنوی یہٕ چھےٚ محموٗدنہٕ مثنوی ہُو
کھمہٕ تہٕ جاد واضح تہٕ پیرٕ اَثر۔ شاید اوٚ کینژٕ مقبوٗلن آسن محموٗدس یِتہٕ
یمہٕ مثنوی یہٕ لیچھمرٕ۔

محموٗد گامی ہٕنٛزن تخلیقن منزٕ اَس اوٚنستام 'وفات نامہ' تہٕ اکھ
اہم تخلیق یوان مانہٕ۔ مگر حالے سپدیو مےٚ کینہٕ تتھو قلمی نوسخہٕ دستیاب
یمو کِھو ثابِتھ سپد زِ سہ وفات نامہ چھنہٕ محموٗد گامی ین لیوٗکھمُت۔ یِس
یمہٕ شار ییمہٕ شوٗرو چھہ گژھان ؎

اَس صفرِ زٕ شتو یمہ بوہ دوار — گیہ بیمار رسوٗلِ موختار

تہٕ اند چھس ؎

روز کمالِ خوٗشیے اَندر — غمِ دُنیا و عقبیٰ مخور
سون جناب چھےٚ اَسرور — صلی اللہ علی النبی

یہ وفات نامہ چھہٕ ... اصل بدل شاعر بابا کمال سُند۔ باباکمال چھہ
کشیرِ ہٕندِ مشہور فارسی شاعر۔ یہٕنٛد نوٗر نامہ تہٕ ریشی نامہ زٕ اہم کتابہ
چھےٚ نور نامُک تہٕنٛد پتیم شار چھہ ؎

شرمۂ چشم کمال — خاک در نورالدین

وفات نامہ علاوٕ اَدٕ مےٚ تِہنٛدٕ بیٚیہِ تہٕ کیٛشہہ کأشُر کلام بدس۔ وفات ناُمُک
اَکھ قلمی نوٚسخہٕ چھُ ۱۲۰۱ھ سراج الدین نہٕ قلمہٕ لیٚکھِت مےٚ نِشِس موٗجوٗد۔
اَتھ نوٚسخس سیٛتہٕ چھےٚ بیاکھ مثنوی ہِنٛز "طوطہ نامہٕ" تہٕ یہ سہٕ عبیدہٕ پالِن
لیٚچھمٕژ چھےٚ۔ اَتھ وفات ناُمس چھُ دراصل یتھٕ کٕنٛز لیٚکھِتھ ؎

ناو تہنٛد آیاز ہیٚمے — دوٗ معہ کلہٕ ہر کُنہ غمے
پُرکمالہٕ یہ دٕمہٕ دٕمے — صلے اللہ علے النبی

چھاپی نوٚسخس چھُ لیٚکھتِس کمالہٕ بدل "کمالِ خوٗشی" بنیومُت
تہٕ محموٗدنس ناوس تل چھپیان رُودمُت۔ اَمی وفات ناُمُک بیاکھ قلمی نوٚسخہٕ
چھُ مےٚ نِش موٗجوٗد۔ یتھ لیٚکھِت چھُ "روز محموٗدٕ خوٗشی اندر"۔ مگر اَتھ چھُنہٕ
تأریخ دِتھ۔ ممکن چھُ محموٗدن آسہٕ وفات نامہٕ لیوٗکھمُت یُس وُنہِ چھپنےٚ
چھُ۔ مےٚ نِش تہٕ چھُ اَکھ بدل وفات ناُمُک قلمی نوٚسخہٕ مگر اَخری حصہ چھُس
غائب، یمہٕ تلہٕ اَتیک لیٚکھت نہٕ ہے۔ یہ چھُ یتھ کٕنٛز شروٗع گژھان ؎

حمدِ تس یمہٕ پأدٕ کوٗرُن سال و ماہ
تس روٗ ستے روزہِ مکنٕہے پادشاہ

اَتھ ہیٚتھ چھُ وُنہِ تحقیق کرٕن باقے تہٕ کُلیات محموٗد گأمی منٛز چھُنہٕ
وفات نامہٕ شأمِل یِوان کرنہٕ۔ تِتھ بدل آسے مےٚ وفات نامے حضرتہٕ
فاطمہؓ ہِنٛدی کیٛشہہ نوٚسخہٕ بدس تہٕ یہ چھُ اَکھ گوڈنیچ وِزِ چھاپ سپدان۔

بہرحال محموٗد گأمی چھُ کٕنٛہہ صدی ہندین ماہرین شاعرن ہند
امام ووٚتھمُت۔ کأنسہ چھُ رسُل میرنی پأٹھی غزل کہمو گیت بروٗنہہ کنِ ووٚتمُت۔
کأنسہ عبدالاحد نادم سٕندی پأٹھی نات تہٕ کأنسہ مقبوٗلنی پأٹھی مثنوی۔
یتھ مثنوی یہ محموٗدن یوٗسف زُلیخا، شیخ صنعا، شیرین خسرو بیتر

لیکھت کُن ذیُت سعہ مثنوی بنے یہ مقبول کرِالہ واٲری پٔتھ دٲمسے برونہہ کُن گُل ریز ہِش نہ شٔد بون فن پارٕ۔ محمودن ییمن فارسی کِتابن ترجمہ کٔری۔ تِمہ کِتابہ چھِ محمودس یتہٕ باقے شاعرو یہٕ۔ محی الدین مسکینن تہٕ قادری یَن تہٕ لیکھیہ یوسف زلیخا۔ شیخ صنعا لیکھیہ مولوی اٰنورن شیرین خسرو لیکھیہ نامی ین مگر کانہہ شاعر ہیوکہ نہ محمودنس کمالس واتتھ تہٕ نہ ہیچ کانسہ پتھ مقبولیتھ یٕتہٕ اٰدیتھ۔

مثنوی یو علاوٕ روٗدی مٔتی محمود گامی نٕہن وژن، غزلن، نظمن تہٕ نانتن ہند یِہ وار اہ قلمی نسخہ نظرِ تل۔ یم باتھ چھ شوقہ والیو یتہٕ نٕین بیاضن منز وِزِ وِزِ درج کٔری متی۔ محمود گامی نہٕن باتن منز چھ درجینہٕ واد وژن غزل نظم کیو نات، یم گوڈنچہ وِزِ یُرن والین برونہہ کُن چھ یوان۔ یمن منز چھ گژھتام تیم باتھ نہٕ یم کیون واٲلی گیوان چھ مگر چھاپ چھپنہٕ سیدی متی۔ مثلن

تن من لو روز سے یار اوِتھ منہ نٲوِتھ انتن یار

یا سہ ہولہٕ گجہٕ سو لولہٕ چانے قولہٕ مو ڈل مدنو

محمود گامی ینہٕ اکثر باتھ چھ ژُ مصری وژن، ینتھ منز ترٕیے ترٕیے مصرٕ بیون بیون قافیہ چھ تھاوان تہٕ ژُوریم مصرٕ چھ گژھے آسان۔ اَمہ وژنچ تاریخ چھِ کاشرِس اَدبس منز سیٹھا پرٲنی۔ لل دیدہ ہٕندِ وقتہٕ تہٕ آسہٕ ہے شاعری ہٕندہ یہ صنف مقبول توٚرے چھ لل دیدِ تہٕ وژن "لاخ" استعمال کوٚرمت لِلہ مٔتی کوٚرمت واکھ تہٕ وژُن، مگر اَمہ زمانک وژُن چھِ اَمہ تام واتتھ ہیوکمت اَمہ نِشہ پتھ چھِ حبہ خوتونہ گوڈنیچ شاعر ییمہ ہٕشنز شاعری منز یہ صنف پوٗرٕ پاٹھی جاے کرتھ باسان چھ۔ مگر محمود گامی یہٕ دِس یس عوروٗج اَتھ صنفس لوٚگ سُہ چھ اَمیک معراج ہ

کتیو چھک نتشد بانے　　　　ووہ لو ماشوقہ میانے
شرابچ پیالہ برو　　　　گوہ لاین مالہ کرو
پگاہ یا کالی مرو　　　　ووہ لو ماشوقہ میانے

فارسی غزلہٕ کیو لوازمات ہیتھ چھ غزل محمود گامی یَن تہٕ لیوٗکھمٕت مگر وار یاہ کم، محمودس چھنہٕ غزلک فارم شاعری منز راس آمت، تمیٚ ییٚم زٕ ژور غزل لیکھی متہ چھہ تمہ تہٕ چھ تمیٚ سنٛز شاعری ہنٛز کمزور مثالہ۔ اَمہ زمانہٕ کیو وار یاہو شاعرو چھےٚ غزل لیکھنچ کوٗشش کرٕمژ۔ مگر کامیاب چھنہٕ کانٛہہ گوٚمت۔ وژن، اَسو ہین یا غزل اَمہ زمانہٕ چھ شاعرو محض گیوٚنہٕ باپتھ لیوٗکھمٕت۔ شاعر اَسو ییٚمن سارنے وژن کیو باپتھ پیٹھ کنہ یا تہٕ غزل لیکھان نتہٕ ترنم۔ محمود وقتس تام چھ لل دید ہنٛدی واکھ تہٕ شیخ العالم سٕنٛد کٕ شرُک شاعری ہنٛز سنجیدہ صنعت روزمژ یتھ لوکھ پران اَسو تہٕ بیاکھن منٛز نقل کران اَسو۔ اَمہ پتہٕ چھ محمودن پتے سٕہ شاعر ییٚمہ سٕنٛد کلام (مثنوی، نات وژن بیتر) لوکو اَچھن موٚکھتہ تہٕ یتہٕ ہتھو وکھ جایہ جایہ نقل کرٕتھ موحفوظ۔

محمود گامی چھ ییٚمن وژن منز پننہٕ نس اصلی کاشرس محبوٗبس گیٛنے اَمتو کران۔ وژن تہٕ نیمن منز گاران۔ کانٛہہ گوم چھس پتہٕ لاران۔ باٚکہ کیہ لکن ہنٛدس مرودس منز تسنٛد نغمہ بوزان۔ وتن چھس باغہٕ ببر ووہ بتھران۔ تن چھس کونگہ تہٕ کستوریہ سیتو ملان۔ گیہے چھ اَمس لچھ ناوس گچھ کھٔڈین منز اَچھہ دارتھ پاٹھو پان بیہرتھ روزان۔ گیہے چھس روشہٕ ناوتھ منہ ناوان تہٕ منہ دتہٕ ووشان گیہے چھس وید اکھ دِوان تہٕ گیہے چھس ہیتو سیتی اَمہ ناوان۔ یہ ہیتھ رنگس منز چھ محمودن باپتھ ہنٛد محبوب کاشر محبوب۔ سہ چھ تمس شانگس نو کانٛہہ اَچھہ ولہ۔ عشقہ مقابلہ، ترالہ تہٕ گتین کامن منز ژھاران۔ سہ چھ تمس چھتر

بوٚنِین تَل خوش ہواوس بیہناوان۔ تُل مُل چھُس مأکن نوان تہٕ گہے چھُس ڈلک
سأل کرناوان۔ گہے چھُس توسہٕ مأدان بالَس کھَسہٕ وُن بوسہٕ پأم غام لدان تہٕ
پیٚتھو ہیوٚ کیتیاہ شار چھِ اَسہِ محموٗدنِس کلامَس منز وُچھان ؎

آستأے آستأے باغہٕ بیہِ ووہ ہقراوس تے

کوٚنگہِ کستوٗرِ مُشکہٕ کوفوٗرٕ تن ناوس ستے

مِیٹھرو بہٕہتم چھتٕر بوٚنِین ہواوس تے

شِہتھرِ گیلُن منتہٕ کرتم چھس بے کس ستے

ایشہٕ بَرِ جیٚھی مُشکہٕ شیٚشے | رأسہٕ ووہ لوٗرٕ مٔے رٔشے
خاصہٕ پانَس بیہِ رٕتھ کیٚشے | بیہتہٕ دماہ مٔے ترٕونٕہتھ کنے

•

تیٚل بلہٕ کیٚشاہ آب و ہوا | خٔفہٕ لدٕن دادٕن دوا

•

بأل بأل مے پھیرِ پیٚرٕے | گأل کیتیاہ سمسارُن
گأل رٕٹھتھ قیامرٕ ژے | کوٚ کرٕتھس مٔرٕے بو

محموٗدس چھُ یارٕ سُنٛد لول یوان تہٕ سُہ چھُس ہانٛرِل ٹٔنٛتہ برمراوان تہٕ
رہین منوٚت گژھان۔ منز چھُس کأنٛہٹ مال، چِپکل تہٕ کنہٕ دوٗر مُہتھ نوان۔
محموٗد چھُ پننہٕ وقتہٕ کین عام زیورُن ہُنٛد، کٔشیرِ ہنٛد خاص پوشاکُ تہٕ کأشرِ
پوشن ہُنٛد ذِکر جایہ جایہ کران تہٕ یِہنٛد ذِکر کرٕتھ چھُ کمہٕ مایہ وولسنَس یوان
پوٗزٕ بوزٕ محموٗدُن اصل محبوٗب چھُ کٔشیر۔ سُہ چھُ اَمہِ سٕنٛدِس اَکِس اَکِس نازس
تہٕ اداہَس منتو منتو گژھان۔ تہٕ اَمہِ کِس فرٕس ذرٕس یان وندان پننہٕ ہنن
باتن منز۔ لأل مجلوٗن ہنٛدین تیمن باتن ہنٛدیو شار وُچھو، یِم وُنیس تام

کھٹہٕ تھےٚ اَسی رٕژ یِتھ۔ اَکِس اَکِس اَچھرس منٛز کیتھ کٔنہ چھُ محمود گامی سُند کاشُر

آسنُک دادا کران ؎

مغرورٕ گژھ صوٗرتس ہا مثالی ییے
ژھاٖگِس مے ناز ناگرا یِتھ ہی مالی ییے
وٕنی کتہ دِمےٚ سنیا پسنہٕ گوٗ پالی ییے
ہمتےٚ وہسی ییے ہمتہٕ کرٕ گم اوڈالی ییے

| | |
|---|---|
| مہا ریٖنہٕ دِچھتو زُلفن زولے | تھٔوِ توس ووٕڈ موختہٕ لول ییے |
| ڈیکہٕ ٹیکہٕ شوبہ تس لالہ سہ لولے | از ژالہ اَسہ نبہ ہول ییے |

سعونہٕ شُشد گوٗ نتےٚ جامہ چھس چھُتو ییے
کامہٕ دِو شہزادہ آنگن ژاو
مژھن چھس مژہ بند نالی چھس ژڈییے
ژیتہٕ کر لشتو ییے کوسمن کژاو

| | |
|---|---|
| روشہٕ روشہ کوسمن مالہٕ کرناوان | یاسمن گوٗندی کرناوان چھک |
| ہمبہٕ ہیستو ہن تن چھک فہولہٕ ناوان | وَنتہٕ لشتو کوٗ مُژراوان چھک |

محمود گامی چھُ پننہٕ وَقتہٕ نوٚ زمانک تہٕ نوٚین قدرن ہُنْد نغمہٕ خوان اوسمُت۔ اُسہ ہیکو پیتہٕ وٕنیتھ زِ سُہ چھُ پننہٕ وقتک بوڈ بارٕ باغی اوسمُت۔ تمہٕ چھےٚ اکہٕ طرفہٕ وَقتہٕ کِس حۄکومتس سٕتہٕ بغاوتھ کرٕ مژ زِ حۄکومت چھ زبانی نِش چھُ سُتھمہٕ پھیژر گومُت تہٕ بییہٕ طرفہٕ چھُ تمن پیرن تہٕ مُلن نِش تہٕ رو گردان سپدمُت یِم شاعری مذہبس تاپے موجود اُسہ پژھان تھاون۔ تمہٕ مٕنیوٗت لول تہٕ عشق پننہٕ ہمن نغمن منٛز ورتاوِن ییٚتھ ہنٛز یاد حبہٕ خوتونہٕ گُڈ نچہ کیٹہٕ کاشرین منٛز ژراوِمژ اٲس۔ وون گوٚ محمود نہٕ وٕسی سپدٕ امہٕ لولہٕ شاعری

ہُنْد دامن بے حد وُسی۔ یِمیُک نتیجہ یہ دْراو زِ رُوشُل میر تہٕ مقبوٗل کٔشرِ واتُری ہوی شاعِر دْرایہٕ نْشتھ۔ محموٗدَن یِمَن نوزُک خیالَن گوڈنیچ لَٹہٕ وُتُش دِیُت وُنِستام چھِہ سأنی واریاہ بٔڈی کیٛو لوکچہٕ شاعِر تِمَنیٛے لَلہٕ کھوٗل کران آمتی۔ محموٗدس پَتہٕ یِیلہٕ رُوشُل میرَن یِتھی ہوی سَنہٕ وٕنی نغمہٕ بوزی تیٛلہٕ ییٚن زِ شُمَن تہٕ آیہٕ زوو ۔

| | |
|---|---|
| مُشرِ آوِتھ نیوٗ نَم سوٗ نے | بُتہٕ کرِتھَن روبسن موو نے |
| گوم تہٕ آوِتھ رچُن بِیٔے | کرٔ پیٚیے دوشُن دِیٔے |
| تَس جأہلَس تُنْد خوٗیہٕ پیٔے | مشتاق گے سَس روٗیہٕ پیٔے |
| نَچ سَسی یہٕ تنہٕ پوٗت اژِھایے | غم چھُم پوٗری یِیہٕ نا سے |
| لولہٕ کمہٕ تَل لاٗے تَھم ژھوٚپیٚیے | یِتھ واٗنگ کرِتھَم کھنچیے |
| بالہٕ دِل چھُم نہ روزان ڈبیٛے | سخت لوے نَم زخم کاٗری |

یا اکہٕ حسین ہأتُک یہٕ بند ۔

| | |
|---|---|
| لَگے اُسُن منتہٕ کرِتھَم کھو کاٗلی یے | ہَکِھ ہُکِے ہیر کرِتہٕ تہٕ آو چھُو گاٗلی یے |
| وُکلہٕ کرِتھَس وُچھِتہٕ مَرُن چھُم گاٗلی یے | ہَتیَ وِیٚسیو یے مَنتہٕ کرِتھَم اوڈ اٗلی یے |

محموٗدَن اگرچہ زَنانَن سِیتھی نجاٗ لِتھ کرِتھ بولُن لَلہٕ کھوٗل ہیوٚت کرُن۔ مگر لَل دیدِ تہٕ ہُنْدِ پیٚتہٕ ڈِیٚنِس پاگنا حسیٚن بُش دِتُن نہٕ دامن۔ سہ روٗد تِمہٕ روٗحانی فلسفُک زبردَس تبلیغی کران یُس کٔشیرِ منٛز ساسہٕ وادَن وٕرِیَن پھٲپھلیو اوس تہٕ اسلام یورِ واتنس سیٖتہٕ سیٖتی لٔبِن نوٚو زِندگی۔ یہ روٗحانی سوٗر وُداوُس کأشرِن ہِنتہٕ وادَن وٕرِیَن ہُنْد میراث بنیوٚمُت تہٕ فارسی اَدبکہٕ ذٔریہٕ یہ اوسُن نوٚو کاڈ ہیوٚت تمۂ کڈُن۔ یہ اوس سہ سبق یُس انسانَس "نیٚبرِ دوٗپتھم اندر اژُن" ہیچھناوان اوس۔ محموٗد گأمی یَن چھِے جایہٕ جایہٕ اَتھ سبقَس تألیم کرِتھ لأل مجلوٗن منٛز چھُو وَنان ۔

پوشہ منز دوس ژھے سنز کرتن    درتن نادر چھے در تن

سپدس سر پوش مغزس پوس    محمود پانس نیشہ چھے دوس

محمود چھ مولانا رومی ہندہ یتھہ شارک زبردس قایل او سمت سہ

کعبہ بنیاد خلیل آذر است    دل گذرگاہ جلیل اکبر است

محمود چھ ونان سہ

کابہ بنیاد خلیل    دل گذرگاہ جلیل

ژاو تتھہ منز پانہ بوذ    وَ هُوَ حَیٌّ لا یَمُوتُ

تتھس چھنے ہر وز یہ کتھہ ژہنس اسمرنہ ذُنی یا چھ عارضی۔ بیٚدیہ ذُنی یہکہ سفرہ خاطرہ تہ خرچ کماونیچ جاے۔ محمودن چھ اکہ طرفہ تمہ نات لیکھی مینز یم پتریتھ نشان چھ زہ سردارہ عالم سنز عقیدت کاژاہ چھے تمن اُسہ مژ۔ بییہ طرفہ چھ یہنہ نین لولہ باتن منز گنہ گنہ شایہ اصیل گرہ گژھنہ خاطرہ تہ خرچ ہینچ یاوتھ کران سہ

گرِیش نیرِ چندہ مسیتھ چھون یے    پھیرِ کیتاہ سُے در بازار

تہشدِ کرِنس ہنیہ منہ چھن یے    للہ وُن یے ھتھوو نم نار

کلیاتِ محمود گامی چھے تمہ ساری مواد یچ سعہ مبرن یہ کینژھا سُے محمودنہ کلامہ ژنگو چھاپی تہ قلمی نو سخو ذریعہ یہ ایتہ او۔ تمہ پتہرن مثنویین ہندہ آیہ سُے واریاہ قلمی نو سخہ بدس یمن ہند تفصیل الگ پاٹھی دنہ چھ آمت۔ مگر تمہ پتہرن باتن منز آیہ نہ سُے کانہہ سرِ ثونتھ بیا حناہ بدس وین گو واریاہ باتھ چھ مختلف قلمی نو سخن منز بیوّن بیوّن درج نیمن ہند آو یورہ پورہ فایدہ تلنہ تہ پتھ گنو سمیو محمودنہ کلامک اکھ بوڈ بارہ حصہ ییس

تہٕ وُنہِ چھپیومُت اوس۔ کینژھہ بٲتھ آیہٕ پتہٕ اَکِس سبہٕ کِتابہِ منز دٲرِج کرنہٕ۔ زِ قلمی
نسخن منز چھےٚ یِمن ہُنٛد لیکھُت ژھیٚوٚ نمُت تہٕ یِمن منز چھےٚ تشنجِ گُنجٲیِش
وُنہِ موجوٗد۔

محموٗدنِس سارِی پٔے کلامَس سام ہیٚنہٕ پتہٕ چھُ مےٚ حنوٗرٕ وٕری باسان
زِ کینٛہہ کتھ کرنہٕ برٛونٛہہ تہٕ دٔرِج یِمہٕ زبٲنی رِوایتو مُوجوٗب، مےٚ قٲبلِ قدر باسیہ
پیٚزِ چھُ یہِ زِ جوٗنٛو بی کٔشیٖرِ ہنٛدِس سارِی پٔے علاقَس پیٚٹھ یۄتاسوٗن اَثر
محموٗد گٲمی ہنٛزِ شخصیتُک تہٕ شاعری ہُنٛد ترٛٲوِمُت۔ خالے چھُ بنیہِ کاتھہ کٔو نمانِہ
ترٛاوِتھ ہیٚوٚکمُت۔ محموٗدن تہٕ چھُ اَمہِ علاوٕ کینٛہہ کیٚتِھین گامن، تھٔوِشِہ ہوا
مقامن، درِی یاوٚن آرٕن تہٕ بالن ہُنٛد ذِکر کمہِ مایہِ سان کۆرمُت۔ وَنہٕ
چھےٚ یِوان زِ محموٗد چھُ پانہٕ کامہِ گوٚم پھیران اوسمُت تہٕ تِہنٛدِ اَمہِ پھیرِ نِکو ٹھورٕ رٕنچ
رِچھ اَنٛتھ رُسو واقعہٕ لُکن ہنٛزِ زبٲنی پیٚٹھ اَز تہٕ۔ مےٚ چھُ پننہِ مٔن خاندان
کین بُزرگن نِشہِ بوٗزمُت زِ محموٗدس چھُ میانِس بڑہِ بڑہِ مہ بب قدوٗسس
دوستَن نِش یُن گژھُن اوسمُت۔ قدوٗس لون چھُ پانہٕ تہٕ اَکھ عالِم تہٕ ادب نواز
اوسمُت۔ تِہنٛدِ اَتھٕ لیٚچھمٕژن کِتابن چھےٚ اَز تہٕ بڑہٕ قدر یِوان کرنہٕ۔ ؤنان چھِ
زِ قدوٗس لونَس اَتھٕ چھُ محموٗدُن قریبَن سوٗرُے کلام لیٚکھِتھ اوس مُت مگر
سُہ چھُ اَکثر ضایہ گومُت۔

محموٗدس مُتعلق چھےٚ یِتہِ یِوان وَننہٕ زِ سُہ اوس عام زندگی منز بڑُ زِندہ دِل
تہٕ فی البدیہہ شار گٔنڈی منز اوسُس کمال حٲصِل۔ یِتہِ رٕ چھ کیٚتِھین لُکن سیتۍ تِمَو
سٕنٛدِ ہو مزاق تمام لُکن زبٲنی پیٚٹھ۔ ووٚنی گوٚو اَکثر مذاقن ہنٛز زبان چھےٚ فحش
تہٕ یِتھ شاپہِ دٔرِج کرٕنۍ چھےٚ نہٕ مُناسِب۔ یہاجہ سیٚتۍ محموٗدُن معاشقہٕ چھُ
مشہوٗر واقعہٕ۔ دیان چھِ پیرِی یہاجہ اِستغفار تہٕ یہٕلو کوٗرِ قزاق تِیر

یاوُن چھون نرایہ نبر۔۔۔" چھ محمودنی بأتھ۔ یِمن چھ محمودن لۄکھُت تہٕ دِتھ۔
مگر مے چھ یِم سکانٹر گُلکہٕ بأتھ جلد نمبر ۱ منز درج کرِیہٕ متہٕ۔ یِمہٕ علاوٕ چھ
کیتیاہ بأتھ تِم یِم محمودُن لیکھُت دِتھ گیوہٕ چھ لیوان۔ مگر مے ژٲرکہ
شے بأتھ یِم مے پُرزٕ یأتھ محمودنی بأسے یہٕ۔ یِم بأتھ چھ کتابہٕ پتہٕ س
اَندس پیٹھ دِنہٕ آمتہٕ۔

بہر حال کُلیاتِ محمود گامی چھے حاضر۔

ناجی مُنوَر۔

کاپرن - ۶ دسمبر سنہ ۱۹۷۶ء

# شُکرانہٕ

کُلیات، محموٗد گامی ترتیب دِنَس تہٕ قلمی نوٗسخہٕ ہدٕ کڈتَس منٛز ڈیوٗت مےٚ کینٛژن دوستو وژھ وارٕژ مدد۔ بہٕ چھُس یِمَن رفیقن ہُنٛد شُکرانہٕ کرُن فرض زانان :

۱۔ پنٛنِس رفیق محمد یوٗسف ٹینگ، صابُن چھُس بہٕ تِہنٛزِ رہنمائی خاطرٕ شُکر گُذار۔ تِمو دِتۍ مےٚ قدمس قدمس پیٚٹھ مُفید مشورٕ۔

۲۔ محمد امین ابن مہجوٗر صابُن چھُس بہٕ سیٹھاہ شُکر گُذار زِ تِمو ہٕتھو پنٕنۍ نوٗمن نوٗسخہٕ مےٚ پیش کٔرۍ :

ا۔ مثنوی یوٗسف زلیخاہ ہنٛز بیاض، یتھ منٛز محموٗد نیو مثنوی لیہ علاوٕ مقبول ہنٛزٕ سیف الدین ہنٛز مثنوی تہٕ چھےٚ۔

ب۔ شیرین خسرو قلمی یۄسہٕ محموٗد نہٕ پننہٕ اَتھہٕ لیٚکھِتھ باسان چھےٚ۔

ج۔ غزلن تہٕ موسیقی ہنٛز بیاض — ابن مہجور صابن چھُس بہٕ یِہنٛدِ قیمتی مشورن ہنٛدِ خاطرٕ تہٕ شُکر گُذار۔

۳۔ گُلشن مجیدُن تہٕ چھُس شُکر گُذار اَکھ ہٕتھو تِمو پنٕنۍ قلمی نوٗسخہٕ آینٛہٕ بیٚیہٕ تِکیٚہ وارِہس علاقس مےٚ سیٹھاہ سیتھ۔

۴۔ غلام نبی آتشن ہٕتھو غزلن ہنٛز بیاض مےٚ پیش کٔرۍ یۄسہٕ اَکھ شاعر مخزون چھےٚ لیٚکھمٕژ۔

۵۔ پروفیسر شاد صابُن تہٕ چھُس شُکر گُذار۔ تِمو ہٕتھو پنٕنۍ قیمتی نوٗسخہٕ

مےٚ آیہٕ۔

٦۔ غلام نبی خیالن ہٕنٛدِ یوسف زلیخا پیٹھ ہٕنٛد جرمن نوسخہٕ مےٚ آیہٕ، اَمہٕ خاطرٕ چھُس تِہنٛدٕ شُکر گُذار۔

٧۔ غلام قادر لونُن تہٕ پیرزہٕ مےٚ شُکر گُذار روزُن۔ تِمَو دِتی کیٛنٛژھہ نوسخہٕ لیٚچھہ بیٛیہ کوٚر ہم قلمی نوسخہٕ پرنس منز مدد۔

٨۔ محمد امین گیلانی ہٕنٛدِ دُسہ تہٕ سیٚپہٕ کیٛنٛژھہ نوسخہٕ حاصِل تِہنٛدٕ نتہٕ چھُس شُکر گُذار۔

٩۔ رِسٲرٕچ محکمہ کیٚن اَہلکارَن ہُنٛد تہٕ چھُس شُکر گُذار، یِمَو یوٗسُف زُلیخا تہٕ لالہٕ مجلوٗن کِتابِن ہٕنٛدی نوسخہٕ مےٚ وُچھنہٕ دِتی۔

١٠۔ عبد الرشید اندرابی چھِ مےٚ ییٚنہٕ قریب مٲنٛدی، تِم ییٚلہِ تحقیقی کامہ منز مےٚ سیتہ سیتہ تِہنٛد چھُس شُکر گُذار، اُمید چھے۔

ناجی مُنوَر

# قلمی تہٕ چھاپی نوسخہ

یِمو پیٹھہٕ یہِ کِتاب ترتیب دِنہٕ آیہٕ

ا۔ لأل جلوٕن

۱. چھ ن۔ غلام محمد نور محمدن چھاپی نوسخہٕ۔ چھاپ ۱۹۳۷ء

۲. چھ ن۔ اَمرتسر

۳. ن م ۱۲۸۴۔ خوش خط۔ نٕلہٕ ڈوٗر علی تلوأنی سِینٕدِ خاطرٕ لیکھنہٕ آمُت ملکیت ناجی منور۔

۴. ن۔ احسن شاہ۔ کاپیٖہٕ کرِ احسن شاہن ۱۳۲۱ھ منٛز نقل کوٚرمُت خط خراب چھُ۔ ہر لحاظٕ مکمل۔ ملکیت ناجی منور۔

۵. ن ل۔ لکھم پور دستیاب سپُدمُت تاریخ ۱۹۴۲ اب ملکیت ناجی منور

۶. ن م ۱۳۰۴ ہیٚرکُمہ نوسخُک نقل باسان۔ ملکیت ناجی منور

۷. ن ر۔ رِسٔرچ محکمُک نوسخہٕ، خوشخط۔ چھاپی نوسخس مُطأبق کاتب رفیقی ۱۲۹۹ھ

۸. ن م۔ کاتب معلوم نہٕ۔ باقٕے مکمل مگر خراب خط

۹. ن مہجور۔ مہجور لایبریری منٛز مشنوی ہٕنٛزِ بیاض (۱۲۶۸-۷۰) ملکیت ابنِ مہجور۔

۱۰. واریاہ اَکھ ڈیکو نوسخہٕ۔ ملکیت ناجی منور

ب۔ یوٗسف زُلیخا

۱۔ چھ ن۔ غلام محمد نور محمدٚن چھاپی نُسخہٕ۔

۲۔ ن ۱۲۷۸۔ سیٹھاہ صاف لیکھت۔ اوس یوٗسف فرزند یعقوبٕ
پیٹھ شوٗرٕ وٚ گرٛ ھان تہٕ اند چھُس سہٕ وٚنۍ یہِ کاتہِٕ یاٗ ھٚے محموٗد گاٗمی ین
یاٗ ھ چھُس یتہٕ درٕج۔ ملکیت ناجی منور

۳۔ ن مہجوٗر۔ مہجوٗر لایبریری منٛز مثنوی یَن ہٕنٛز بیاض تحریر (۰۰۔
۱۲۶۸ھ) اَتھ منٛز چھ محموٗد نہٕ واریاہ مثنوی یہٕ تہٕ مقبولنٛ گُل ریز
گریسہ نامہ، ناظم سٕنٛز زین العرب بیتہٕ۔ تحریر بابا عبداللہ ٹینگہ پٕنہ
پلواہہ۔ ملکیت ابن مہجوٗر۔

۴۔ ن ۱۳۲۶ھ۔ گوڈٕ چھُس ژھیٚنٛومُت۔ مگر صاف۔ ملکیت ناجی منور

۵۔ ن ر۔ ریسرچ محکمُک نُسخہٕ نمبر ۱۱۰۴ خوش خط۔ چھاپی نُسخس
مُطابق تحریر ۱۲۹۹ھ۔ کاتب رفیقی۔

۶۔ ن ج۔ مشہوٗر جرمن مستشرق برکھارڈن ۱۸۹۵ء منٛز جرمنی منٛز
ترجمہ کٔرِتھ رومن تہٕ فارسی رسم خطس منٛز چھوٗپمُت۔ باسان چھُ ز برکھارڈن
تہٕ چھُ یہِ نُسخہٕ واریاہ نُسخہٕ بٔرونٛہہ کنہِ تھٔوِتھ ترتیب دِیُت مُت ملکیت
غلام نبی خیال۔

۷۔ کینٛہہ منتشر قلمی نُسخہٕ۔

ج۔ قِصہِ شیخ صنعان

۱۔ چھ ن۔ غلام محمد نور محمدٚن چھاپی نُسخہٕ

۲۔ ن ۱۲۰۱۔ بٔڈ خوش خط۔ آخری ورق چھُس غائب گوڈٕ چھُ صفحس
پیٹھ کاتب سُند ناو۔ گوٚڈ لیکھت۔ ملکیت ناجی منور

۳۔ ن ج۔ مشہوٗر صوفی شاعر لسہ خانٕنہ ہٕنٛز نقل کوٗرمٕت تحریر ۱۳۰۶

ملکیت گُلشن مجید۔

۴۔ ن ژ۔ ژول نگامہ دسیاب سپُدمُت خوش خط۔ ییتھ ورق غائب

ملکیت ناجی منور۔

۵۔ ن س۔ کمٚو تام معراج دنین نقل کوٚرمُت۔ امہ سٕندی اَتھ چھُ بابا

کمالن وفات نامہ تہٕ عبدیہ پالُن طوطہ نامہ تہٕ ییتھ نِش موجود۔ تحریر

۱۲۰۱ھ ملکیت ناجی منور۔

۶۔ ن م۔ مہجور لایبریری ہنٛز مثنوی ین ہنٛز بیاض (۷۰-۱۲۶۸ھ)

ملکیت ابنِ مہجور۔

۷۔ ن ا۔ کینٛہہ اَڈٕ لیکھ نوٕ نسخہ۔

د۔ منصور نامہ

۱۔ چھ ن۔ غلام محمد نور محمدن چھاپی نوٕ نسخہ

۲۔ ن ۱۳۲۶۔ بڈٕ صاف خوش خط۔ کاتب امیر بابا۔ ملکیت ناجی منور

۳۔ ن ج۔ جبار خان۔ لسہ خانٕنہ مالہ ۱۳۰۶ھ منٛز نقل کوٚرمُت۔

ملکیت گلشن مجید۔

۴۔ ن خ۔ کاتب خلیل بابا۔ ییتھ ورق غائب۔ خوش خط۔ ملکیت ناجی منور۔

۵۔ ن ا۔ کینٛہہ اَڈٕ لیکھ نوٕ نسخہ

۶۔ منصور نامہ (دوٚیُم نوٕ نسخہ) بیاضِ غزلیات مہجور لایبریری ملکیت

ابنِ مہجور۔

ہ۔ قصۂ محمود غزنوی

۱۔ چھ ن۔ غلام محمد نور محمدن چھاپی نوٕ نسخہ۔

۲۔ ن ق، ۱۲۸۴۔ خوش خط۔ ینہ ڈور علی تلوانی سٕند خاطرٕ لیکھنہ آمُت ملکیت

ناجي منور.

٣. ن محجور. محجور لائبريري ۾ هن مثنوين ۾ هن بياض - ملڪيت ابن محجور

٤. ن ب. بي نالو نو سخو - خوش خط - آخري ورق غائب - ملڪيت ناجي منور

و شيرين خسرو

١. ڇپيل. غلام محمد نور محمد جي ڇپائي نو سخو.

٢. ن م ا. محجور لائبريري ۾ هند نو سخو تحرير ١٢٤٨ھ. هي نو سخو ڇهه

باسان محمود جي پيءُ به اهڙي لئي لکيو هو. ملڪيت ابن محجور.

٣. ن م. محجور لائبريري ۾ هن مثنوين ۾ هن بياض. ملڪيت ابن محجور

٤. ن ا. ڪيئي اڏيل ڪئي نو سخو. ملڪيت ناجي منور

ز يڪ حڪايت

١. ڇپيل. غلام محمد نور محمد جي ڇپائي نو سخو.

٢. ن ١١٢٣ - سيٺ پرائيس ڪاڪدس سيٺ صاف لکيل ١١٢٣ھ

سنه آسينه گنج پڙ تحقيق طلب محمود جي پونئين نامه ته ڇهس سيتهه ملڪيت

ناجي منور.

٣. ن ژ. ژول گاهه دستياب ٿيل آهي. صاف ۽ مڪمل تاريخ ندارد. ملڪيت ناجي منور.

٤. ن م. محجور لائبريري ۾ هن مثنوين ۾ هن بياض

٥. ن ا. ۽ اڏيل ڪئي نو سخو. ملڪيت ناجي منور

ح. پهيلي نامه

١. ڇپيل. غلام محمد نور محمد جي ڇپائي نو سخو

٢. ن ١٠ وارياه اڏيل ڪئي قلمي نو سخو - ملڪيت ناجي منور

ط قصي هارون رشيد

۱. چھپن۔ غلام محمد نور محمدن چھاپی نوہ سخہ

۲. ن ل۔ لکھر پور دسیاب سپدمت۔ صاف تہ مکمل۔ کاتب ستّند ناو تہ تاریخ چھپنہ دوہ تھان۔ چھاپی نوہ سخہ نِش بلکل بدون۔ ملکیت ناجی منور

۳. ن ق۔ میانی بڑ بڈِہ بب قدوس لونن نقل کورمت مکمل مگر مؤلت۔ ملکیت ناجی منور۔

۴. ن ا۔ اکھ اڈ لیتھوک نوہ سخہ۔ ملکیت ناجی منور

۵. ن م۔ مہجور لائبریری ہنز مثنوی ین ہنز بیاض۔ باقے قلمی نوہ سخن مطابق مگر اڈ لیتھ کے۔

ی معراج نامہ

۱. چھپن۔ غلام محمد نور محمدن چھاپی نوہ سخہ

۲. ن م۔ محمود آباد دسیاب سپدمت صاف تہ مکمل تحریر ۱۳۱۹ ملکیت ناجی منور۔

۳. ن ج۔ لسہ خانہ مالی جبار خانن نقل کورمت۔ ملکیت گلشن مجید۔

۴. ن ا۔ کینہہ اڈ لیکھو نوہ سخہ۔ ملکیت ناجی منور۔

ق۔ نات

۱. ن محمود آباد تہ چھہ سیٹھا پرون نوہ سخہ۔ قرین ساری نات چھپنے پتہ تس چھس لیکھت گفتہ ۱۲۴۹ھ۔ ملکیت ناجی منور۔

ل کلام محمود گامی

۱. چھاپی حصہ اکھ تا نو

۲. غزلن۔ ناتن تہ باتن ہنز دہ واریاہ قلمی نوہ سخہ۔ ملکیت ناجی منور

۳- بیاضن غزلیات وموسیقی۔ مہجور لائبریری۔ تحریر عزیز شاہ ڈال۔ اَتھ منز چھہ دارباہن شاعیرن ہندۍ نادر باتھ۔ ملکیت ابن مہجور۔

۴۔ بیاضن غزلیات ملکیت پروفیسر غلام محمد شاد

۵۔ بیاضن غزلیات۔ ملکیت غلام نبی آتش (تحریر محزون)

●

۱۔ مینہٕ ٲگوٕ بِتھ اَنتن یار
۲۔ کتیو چھُک نشیٕ بانے
۳۔ عاشقو ماشوق ڈیوٗ ڈھ
۴۔ پانے پانس وچھنے آد
۵۔ مبارک نو بہار آمد
۶۔ کتیو یار پرارٕ لیۆ
۷۔ دیوانہٕ کرٕتھ ژوٗل مے
۸۔ شہ یار کوٚتے گوم
۹۔ ولہٕ دِلبرو دَما بیہہ
۱۰۔ یاد گٔیم ناد دِمے
۱۱۔ کوٚ کرٕ تھس مرِ ژے بو
۱۲۔ استے استے باغٕ بیر
۱۳۔ یِژٕ فلیاہ یاونہٕ ہیہ لولو
۱۴۔ یوٗری ومہ لو ومہ لو باز
۱۵۔ چیر نازو بوز میانی زار
۱۶۔ میلتو لاٗل مرجانے سیتو
۱۷۔ جان ونٛدیوٕ جانانے
۱۸۔ جمالہٕ پیت ٲمو
۱۹۔ حالہٕ بارِ یار اَنتنے
۲۰۔ ترادِ تم غمہ ہیہ غم ملال
۲۱۔ کیشاہ کرٕ آمہ کھعہ تہٕ مرنے جان
۲۲۔ از سالہٕ اَنتن بالہٕ یار
۲۳۔ للہٕ وُن ہیے تھوٗو نم نار
۲۴۔ مو روز غافلہٕ بے خبر
۲۵۔ آہم تہٕ دو بارے
۲۶۔ رسائے نیوٚ نم قرار
۲۷۔ از ییہ محمد پانہ لولہ
۲۸۔ پانہٕ میانے تی کرٕ سِرٕ لولو
۲۹۔ جلوہٕ ہاوِتھ تمیہ لاوِتھ
۳۰۔ بٔرِم دِتھ ژوٗلم تے
۳۱۔ میٚتے نو مائے تمشی زاہ
۳۲۔ پہ کموٚ یارٕ ووٗنے داے
۳۳۔ روشہٕ ومہ لو پوش ہو بہ لاگے
۳۴۔ یَس ماشوق دکہٕ دِتھ ژلہٕ نے
۳۵۔ اند تایتھ عشقہٕ نیابَس تہٕ لولو
۳۶۔ ناوِ ہاکُس سعہ نٛدر دراپہ لولو

۳۷۔ کرساٸیمون نیاسے آنڈسے

۳۸۔ ڈمہ ڈمہ چھم ہیاٸیڈ کل گنن

۳۹۔ یانہ میانسے غاٸیفلہ اٸنسے

۴۰۔ یار میانیمو مارکن منز یان...

۴۱۔ ہاڑلا ژوّل ہم ژوّرسے

۴۲۔ لگے یاٸیری سر کرسے نثار

۴۳۔ بہ ژھاریھقہ نار داون آربلن

۴۴۔ اٸری نہ رنگ گوم شراونہ ہیٸے

۴۵۔ سوزدِلگ بہ کیثاہ ونسے

۴۶۔ ازمٸے ہاو دیدارسے لو

۴۷۔ ومہ لو بوری بے ومہ خایارسے

۴۸۔ مہ کر دیوانہ گٸے

۴۹۔ بالی بادس لاٸی نیاسے

۵۰۔ مہتابو لول ہمو آم

۵۱۔ ومہ لو عشقو ونے کیثاہ

۵۲۔ بال میر یو منہ و

۵۳۔ ھقوتہ بنن گوش

۵۴۔ ژسٸے نیوا کیثاہ کرسے یارد

۵۵۔ آوار کر ہقہ گوم

۵۶۔ بالہ یار پکھنے مارسے یاش

۵۷۔ پیتاٸیمو جان ڈنڈیو

۵۸۔ یات ہوتڈسے ما جاناسنے

۵۹۔ بال کر ھقس مرث دیواتے

۶۰۔ آمہ ہوّر ماہ روخسار ماٸیوِ ھقہ

۶۱۔ لول آم یوری پیہ ناسے

۶۲۔ ما میانہ ہاوسناکو

۶۳۔ ڈم ہسیھقہ تہ ڈم یا بین آدم

۶۴۔ ہساٸی ہساٸی مار

۶۵۔ یتیتہ بوسے محمد چھم پوان

۶۶۔ لول ہونسے آسے ویٸیسو سے

۶۷۔ یار یتو یار یتو میوں سے

۶۸۔ کیثاہ سنا پیٸیہ نا پاٸیس یار

۶۹۔ آمہ چھم شہ نی داسے

۷۰۔ ینتم نتم پانس سفشے

۷۱۔ گوم کوت ماشوق ترا ووھقہ

۷۲۔ پیتاٸیمو بالہ یارو حال بادسے

۷۳۔ ہمرم دِ ہقہ واٸی جنش نادسے

۷۴۔ ونسے ناگ ہرزن ما آو

۷۵۔ ژھار ھقو بہ رنگسے رنگے

۷۶۔ لولہ جاسے ہولہ گج سوقولہ مودان

۷۷۔ ڈیھان دوتم شامے

۷۸۔ کاستم مخار آستم سوبگھے

۷۹۔ سِر بان نُوژم نہ یمہ بوء سرے

۸۰۔ کوشن چھُ ژِ پتھ جاے

۸۱۔ کس وَنہ سعہ ندر سعہ ندر

۸۲۔ ہا وُیسہ چھُم یارہ دوڈُے

۸۳۔ اسے پری گل نپیکرے

۸۴۔ اُتی اُتی روزہ ہا جانانہ

۸۵۔ منے دسی تمُہ پوخچہ کارن

۸۶۔ ون تسے دیسو یسے زار امشب

۸۷۔ ہے ویسہ بوزتم زارہ یسے

۸۸۔ دِل گومُ تارسے دیدارہ دتُامو

۸۹۔ ییہ نا سون دو بارہ نو

۹۰۔ گوژ گوژہ کرہ یو کمہ سے دوڑو

۹۱۔ گستوژو مدنوانز روز سانہ

۹۲۔ وولہ بوز ونہ یو وولہ ہا شو تو

۹۳۔ زارہ ون دود چھُم چون لاؤون

۹۴۔ اسے دیدۂ بیدار دیداری بینی

۹۵۔ بوِ دُ چھُم معبود

۹۶۔ یاون منزس چھ ون پتھے

۹۷۔ ماہ مستہ سے سپرس چھک سرپوش

۹۸۔ رنگہ رنگہ آیہ تے رنگہ رنگہ گے

۹۹۔ اَمہ ریتھم دود بہ کس ونہ زمانے

۱۰۰۔ ہا ویسہ بوزتے کوت کال

۱۰۱۔ گرژھینہ ویسہ یسے ونہ

۱۰۲۔ روزہ چھُم چانی بوز میانی زارو

۱۰۳۔ ونہ ہے تھاو تم گوش

۱۰۴۔ چانہ برتل راو مہ ا ژے

۱۰۵۔ گوم بیداد یارہ چونے

۱۰۶۔ وچھان بالہ گوم شاے

۱۰۷۔ دمن منز دمبدم کرحق پرستی

۱۰۸۔ موروش مسائے روش

۱۰۹۔ دمہ دمہ پھیر تو

۱۱۰۔ آدنہ آیاس کینہ

۱۱۱۔ لا اللہ تراوتھ الا اللہ پرتو

۱۱۲۔ مردود روحو ییتو لسے

(۱)

نُنی نُنی بو دوزسے پأرِ اٰو وِتھ — مَنہٕ نا اٰوِتھ اَنتَن یار
گجھ اَنگو تہٕ بھاوے دوہ تمہ اٰو وِتھ — لچھ نادیو کرے اِنتظار
اَچھ دار زن رونے پأرِ اٰوِتھ — مَنہٕ نا اٰوِتھ اَنتَن یار
لالہٕ گومے باغہٕ منز نیبرِتھ — پوش لاگس گوندرے گوندرے
لالہٕ گومو لالہٕ زار چھا اٰوِتھ — مَنہٕ نا اٰوِتھ اَنتَن یار
کُس ہیکہٕ یولہٕ پان ساٰوِتھ — نرِ آلہٕ وسے سوندرمال
کُس ہیکہٕ یو نیندرِ وُزِ نا اٰوِتھ — مَنہٕ نا اٰوِتھ اَنتَن یار
کُس ہیکہٕ لیو نیبہٕ یتہٕ لا اٰرِتھ — پوت پھیرتو یارو ہو
کُنہٕتھَن میانِس گرہ ہنہٕ تہٕ زاٰرِتھ — مَنہٕ نا اٰوِتھ اَنتَن یار

محمودَ کھ تمنا تہٕ اٰوِتھ
یہ چھہ دُنیا بزم بہٕ بازی گار
مَنہٕ قبرس پیٹھ مو ساٰوِتھ
مَنہٕ نا اٰوِتھ اَنتَن یار

(اکہٕ پرانہٕ قلمی نوسخہٕ پیٹھ)

---

۱۔ گوڈنیک حروف چھہ کیتھو کھیتھو ات۔ "تن من" چھہ زبانی ریوایتہٕ موجب نیٚکھنہٕ آمت۔ (ناجی)

## (۲۱)

کتیؤ چھک ننڈ یا سنے　　ووہ لو ماشوقہ میا سنے

بہ صوُرتھ چھک ژ پری　　ژ ستے شبہ نے جامہ زری

کمیوٗ تاُ وپز کری　　ووہ لو ماشوقہ میا سنے

ژلونے پیز ہی سنے　　کوو زولتھ متے پسینے

ژ ستے کیاہ گوڑے میون کینے　　ووہ لو ماشوقہ میا سنے

مقامن دوٗر پھکھے　　بہ آ سے بار ڈیکھے

مرے ما بیا نہ مو کھے　　ووہ لو ماشوقہ میا سنے

فراقن چائی گوٗ مس　　دیما غن منہ وولمس

خمارن چائی زولس　　ووہ لو ماشوقہ میا سنے

مقابل آسمو آسن　　اکس اکھ لول کاسن

شہ ارمان روٗد خاصن　　ووہ لو ماشوقہ میا سنے

وچھان متے لو سہ اچھے　　ژ ستے کیاہ گیہ منہ مچھے

بہتم از زونہ تہ تچھے　　ووہ لو ماشوقہ میا سنے

کھسکھہ نا یا یہ ئلی　　بہ چھلہ ہے کھور فلی

متے نو ہیم داغ ژئلی　　ووہ لو ماشوقہ میا سنے

بہ وچھ ہے حسن وجمار　　بچھان بہ چھم زلف تے خال

چھیہ ظالم بز وولال نال　　ووہ لو ماشوقہ میا سنے

شراب چھ پیالہ برو　　گولابن مالہ کرو

یگٲہ یا کٲژ مرو        وولو ماشوقہٕ میانے

وولو محمودٕ مو روش

یِتےٚ ژٲۓ ہاجبن ہوش

جُدٲیی کر فراموش

وولو ماشوقہٕ میانے

---

۱۔ ہٕ آیس آیہٕ بلی        سنیمٕ کنہٕ فلی        میٚے نویم داگرٕ بلی

(قلمی نوسخہ)

۲۔ خود ایس جھسُ وٕنان زاہ        گُرٕ ژُھم میٚے شُے ینُن یار بنیم کو یار اشنیاہ

(یہ شار چھُ قلمی نوسخس منز ہے یوت)

(۳)

عاشقو ماشوقن ڈیلو نیتھ        وٕ ھُوَ حیُ لایہ وٕت

ساگر کو لوٚب، درسو کوٚت        وٕ ھُوَ حیُ لایموٚت

نیشہٕ پیٚیرس پرٕ سبق        باوِیو اسرارِ حق

کر طلب مطلب ژٔ تیٚے نیو یتھ        وٕ ھُوَ حیُ لایہ وٕت

پیٚیہ وُ یاردٕ نیہٕ وُسپٕرے        وُچھتہٕ نالان گیاہ چھُسنہٕ

سرٕ سکو نو سیہ کُو رٕ وٕ یتو        وٕ ھُوَ حیُ لایموٚت

گُل چھہ باغس رنگ برنگ        عاشقن کو دِل وٕ رنگ

ہیوٚ تمہٕ سکے وٕ ژاد میوٕ یتھ        وٕ ھُوَ حیُ لایموٚت

قطرِ در دٔری یاو پیوٚ     گُل دٔری یا قطرِ گو

سوٗن تہٕ کھوٗل تےٚ بوڈٕ تہٕ زیوٗٹھ     وَھُوَ حَیٌّ لایموٗت

بستہٕ بیٚمہ کٔری دارِ برٚ     تَس گٔیی روشن نظر

نقش تس برنگ بیوٗٹھ     وَھُوَ حَیٌّ لایموٗت

کعبہ بنٚو یادِ خلیل     دِل گُذر گاہِ جلیل

ژاو تتھ منٛز پانہٕ بیوٗٹھ     وَھُوَ حَیٌّ لایموٗت

بس چھُ محمودٕ دس کفیل     یس دیان نعم الوکیل

یُس پرِتھ پرٚ دُعائے قنوت     وَھُوَ حَیٌّ لایموٗت

(۲)

کیا وَنہٕ آدم ییٚمہ بیکانس     پانے پانس وُچھنے آو

ہٕنہٕ ہٕنہٕ میلتھ تتہٕ انسانس     پانہٕ آکھ سُے تس لچھ بدی ناو

کیا گژھ موالوم ییٚمے نادانس     پانے پانس وُچھنے آو

فالوٗ ژھرتھ چھُ حُسنہٕ کٔشانس     چھُے خد و خالس تہندس ناو

در جاہ دیت تھم لال مرجانس     پانے پانس وُچھنے آو

لامکان جاے چھس ییٚمہ اسمانس     قلب المومنین عرش اللہ

ژوٗری وُچھ ییٚمس سوٗر سامانس     پانے پانس وُچھنے آو

سوٗرے اخلاص وُچھتہٕ قرآنس     سُنہٕ کٔانسہٕ زومت تس نہ کانہہ ناو

خالق چھُ رزاق جُملہ جہانس     پانے پانس وُچھنے آو

بُلبُل وُچھ ژاو گُلستانس     قُلیاہ ڈیشتھ چھ بران چاو

گُل پوز بہار کران خزانس     پانے پانس وُچھنے آو

پروانہ کائنیہ شمعہ تس پرانس     مجلسہ منز پان زالنہ آو

نا ہمنز ہوون نور نو توانس     پانے پانس وُچھنے آو

برہمن لاگیتھ زاو بتخانس     زاہد ڈیشتھ چھُ کران گرٲو

پتھ تلیپن پیوزا طالبِ ایمانس     پانے پانس وُچھنے آو

پانے خم چھُے جامُ[1] پیمانس     پانے چھُ وَنان دامہ چاو

پانے سائٕلک[2] مٲلک میخانس     پانے پانس وُچھنے آو

محمود قربان تس انسانس     یس کُن آسہ فاعِل جاری آو

تمہ معہ کھ خوش گو حق سبحانس     پانے پانس وُچھنے آو

---

۱ پانے خم جام مے پیمانس (قاف) ۲ پانے چھُ ساقی مالِک (قاف)

(۵)

نوائے بلبلاں بشنو     مبارک نو بہار آمد

بہ مستاں گو زمستاں گو     مبارک نو بہار آمد

ادل اُردی بہشتی ماہ     بخواہ یک دلبرے چوں ماہ

کہ باشد دل کشِ دل خواہ     مبارک نو بہار آمد

چھُے سبزی نازِ سبزارن     بھٹین بالن تہٕ کوہسارن

دِلن غم غوصہ ژولِ یارن     مبارک نو بہار آمد

پھُلے لیج سارِنے پوشن     وَنن یارن تہٕ پیٹھ گوشن

چه بلبل اکه ازکس توشن | مبارک نو بهار آمد
نشاطش تازه پهلو سوء مبل | پریشان چون دل بلبل
تمتع سور پوشو تل | مبارک نوبهار آمد
حیا پرورده یمبرزول | شده سرمست مستی تل
به مستان غمزه وشن وزل | مبارک نوبهار آمد
هوا خوش نور بهار است این | شگفته شالمار ست این
ظهور حسن یار است این | مبارک نوبهار آمد
هرود و ساز و سیتارے | بت مه روے و ماه پارے
به مشتاقان زنده جارے[۱] | مبارک نوبهار آمد
به پهلوئے گل اندامے | شکرلب چشم بادامے
بکام دل بکش جامے | مبارک نوبهار آمد
شده کشمیر گل دسته | ز باغ خلد برجسته
فرح بخش دل خسته | مبارک نوبهار آمد
غذائے خوب و چائے خوش | به کشتی یا بجائے خوش
هوائے خوش نوائے خوش | مبارک نوبهار آمد
رباب و نے کباب و مے | کراز وے گل شئی حی
بزن پیمانه پے در پے | مبارک نوبهار آمد
بیا محمود شادی کن | شه دلبر جلوه گر بین
بهر صورت ز و چه تس کن | مبارک نوبهار آمد
بچشم مست باد امن | به مستی کیاه کورن جامن
گریبان چاک تا دامن | مبارک نوبهار آمد

[۱] زنده جارے = ؟

(٦)

| | |
|---|---|
| بہ[1] چھس چانی طلب دار | کتیو یار پٔژاریو |
| کران چھس بہ اِنتظار | کتیو یار پٔژاریو |
| چھے ژٔٹے یوسفن انہار | مُژ بہٕ کٔرتھس زُلیخا |
| ژٔنے یکھ تہٕ بہٕ پان ہار | کتیو یار پٔژاریو |
| خبر ہیم تہٕ چھس بیمار | خبر زاہ تہ آہم نو |
| جگرس پایہ کرتھم وار | کتیو یار پٔژاریو |
| ہنبہٕ تلہ کہہ موختۍ ہار | کنک سون جرے ژٔٹے |
| مول کرے لال بازار | کتیو یار پٔژاریو |
| ہاسمسار بازی گار | ژٔٹے کیاہ خاص سودا چھے |
| ییتہٕ بو لاگے خریدار | کتیو یار پٔژاریو |
| محمود گامی ونان زار | دادن دوا ژھانڈان چھے |
| اِلٰہی ہاوتم دیدار | کتیو یار پٔژاریو |

---

[1] یہ باتھ چھُ یوُسف زلیخا مثنوی منز تہٕ محمودن بدل رٔوپس منز درج گومت (ناجی)

(٧)

| | |
|---|---|
| اَے جانِ من جانانے | دیوانہ کرِتھ ژٔول مے |
| مے چاوُنس مے خانے | پیمانہ بہ پیمانے |
| تھوونم نہ ہنس اکھ دانے | مستانہ کرِتھ ژٔول مے |
| تمہ کورُ زُلفن شانے | سُمبل چھیٚ پریشانے |

سر دارِ پرستانے　　دیوانہ کرِتھ ژوٗل مے

ہمسایہ گلِ ارمانے　　چھینکہ نقاش خانے ۱۱

تیشتھ نو بہ لیکھت زانے　　ییتھ پانہ کرِتھ ژوٗل مے

آن شاہد ترکانے　　ترٛاوان موٗہنو کانے

سر دور مس نشانے　　قمرہ بانہ کرِتھ ژوٗل مے

ییتھ ہوو تم نورانے　　از شمع دگیس بیگانے

بر شمع شبستانے　　پروانہ کرِتھ ژوٗل مے

چشمانِ او مستانے　　پانس چھ وچھان پانے

آئینہ گو دیوانے　　حیرانہ کرِتھ ژوٗل مے

آن خال فلفل دانے　　ڈیشتھ چھ اوش پوانے

تاریام ہندوستانے　　گریانہ کرِتھ ژوٗل مے

کیاہ جان چھ شوبانے　　پر نور زہ در دانے

بر لعلِ بدخشانے　　خندانہ کرِتھ ژوٗل مے

در چاہِ زنخدانے　　چھس گمہ شبنم دانے

زن حور کرہان سرانے　　زلدانہ کرِتھ ژوٗل مے

اے سرو خرامانے　　روٗٹ چون مے داما نے

روز تم ژہ آکی آنے　　جولانہ کرِتھ ژوٗل مے

از حیلہ و افسانے　　ژانیام خلوت خانے

---

۱۱ مانی یس روٗد ارمانہ　　حُسنکہ نقاش خانے　(ق ن)

بہ مسندِ شاہانے — بہانہ کرِتھ ژوٗل مے
پیوان چھس آسمانے — کرِ نس بہٕ بے خصمانے
تی کس بہٕ وٕنِتھ زانے — بی پانہٕ کرِتھ ژوٗل مے
از خالِ سیاہ دانے — وز زُلفِ پریشانے
چوٗن کوکل نزکانے — بیچانہٕ کرِتھ ژوٗل مے
از جودٕ مے چشمانے — دِل ہیتھ ژوٗلم جانانے
کس ونہٕ چھس منزچھانے — یارانہٕ کرِتھ ژوٗل مے
محموٗد مشتاقانے — ہر شکل تو جانانے
در باغِ سلیمانے — افسانہٕ پرِتھ ژوٗل مے[۱]

---

[۱] در باغِ سلیمانہ — محموٗد چھہٕ مشتاقانہ
معشوقِ میہہ بانہ — افسانہٕ کرِتھ ژوٗل مے
(ق ن)

(۸)

گوم ترٲوِتھ بین[۱] مونٛتے — شہ یار کونٛتے گوم
مس چیتھ شہ چھم خمارٕ ہونٛتے — طوٗمار گرسس بو
بہٕ مارٕ کرِ نس چھم غوصہٕ ہونٛتے — شہ یار کونٛتے گوم
کتہ رودم لارس تونٛتے — مارس گرِتھ پان

یارَے دودُے چھُم نارٕ توٚتُے        سُہ یار کوٚتُے گوم

وادے کوٚرنم واتے توٚتُے        نادس گژھس بو

چھُم آدنَے آردُ مَتُے        سُہ یار کوٚتُے گوم

کامنُک میونُے چھُم جامہٕ چھوٚتُے        شامَن ییمَنا

چھُم تَمو شُندُے لول آ مَتُے        سُہ یار کوٚتُے گوم

موٚلہٕ گوٚب بٕ چھُس پوشہٕ کھوتہٕ لوٚتُے        گوشس ژٕ ٹھتہٕ جاے

لولہٕ بازارَے مُلہٕ کمیٚ ہیٚشیوٚتُے        سُہ یار کوٚتُے گوم

میانے متیو بژم کمُ دِتُے        چھُم چاٗنی سیٚتھاہ ہاے

غمے بستِین بٕ گوس گوٚتُے        سُہ یار کوٚتُے گوم

بٕ جان وَندس سُہ چھُم رُتُے        وُچھوم ماہتابَل

پاپاہ نووُم میٚ تسُند کتُے        سُہ یار کوٚتُے گوم

چھُم میٚ لالُس آلوسوٚتُے        تالو ژٕ ٹھتہٕ ڈرام

محمودس چھُم مارے موٚتُے        سُہ یار کوٚتُے گوم

---

ء۱ پنُن موٚتُے (ن مہجوٗر)

(۹)

بال مَرَے تہٕ حال وَنَے ژٕ ییَے ء۱        دِلہٕ دِلبرو دَماہ بیہہ

پنجہ بہہتم تاس وَہ ھراوے        مُشکہٕ عنبرٕ تن بوناوے

کائنسہ ہُشد بارِ غم مسائے کھٹے ‏ — ‏ وَلہ دِلبرو دَماہ بہہ
بالہ بیتا ٹمو کائلی ہو راوئے ‏ — ‏ موّر دوہ دریم ہیئیشر ہشدلاوئے
پتہ وائتخہ کیشاہ منگکہہ مئے ‏ — ‏ وَلہ دِلبرو دَماہ بہہ
زشکہ سیتی کیشراہ زائجبھّس[2] ‏ — ‏ معہ لہ وائجبھّس پامَن لائجبھّس
عشقہ نارس دہ نتہ رئیہہ ‏ — ‏ وَلہ دِلبرو دَماہ بہہ
کنہ کتہ رُوہ ہم ژھائے ‏ — ‏ باغہ ببر گرخقس هنائے
ناگہ نیشدہ کنہ پچّیے ژیئے ‏ — ‏ وَلہ دِلبرو دماہ بہہ
نتہ شُد خوئے ہانشُد بائے ‏ — ‏ نتشُدہ بانے ماشوقہ میانے
حیاتہ ٹُبٹر چھم نہ نتشدرتہ نہہ ‏ — ‏ وَلہ دِلبرو دَماہ بہہ
دُورِ اوے حقم تیرہ مجگائے ‏ — ‏ عار اوے نو اِنسانے
سینہ سیر داریوے مئے ‏ — ‏ وَلہ دِلبرو دَماہ بہہ
چُشمہ کیشاہ پچھئے وُچھو ونہ رازئے ‏ — ‏ نازنینو ہا میر نازئے[3]
تازہ یخلاص کو ژدو ٹُھتہ ژئیے ‏ — ‏ وَلہ دِلبرو دَماہ بہہ
یُمہ ہارنجہ کشہ تیر مولائے ‏ — ‏ اُسو پانئے سینہ دائہ بِھتآئے
گوکھ جگرس پارے گرُبھتہ مئے ‏ — ‏ وَلہ دِلبرو دماہ بہہ
محمُودس لول آد چوئے ‏ — ‏ قولہ ساریو از وہ لہ سوئے
ہولہ[4] گوئلمت کیشاہ منگے ژئیے ‏ — ‏ ولہ دِلبرو دماہ بہہ

---

١ سوال جھیو رما اُکہ بہہ (بیئیس جاپہ) ٢ لولہ نارئے بال کیھتہ زائجبھّس (بیئیس جاپہ) ٣ پاکبازو (ق ن) مولہ گوئلمت (ق ن)

(١٠)

یاد گیئم نادِ دِمے ھاے متیو لو　　ڈیتہ وُچھان پتہ پیمے ھاے متیو لو

اَولے گیاہ بڑمراُو ھقس ھاے متیو لو　　اڑ کوو اند تڑا و ھقس ھاے متیو لو

وُچھیتہ گیاہ آوارِ گیئس ھاے متیو لو　　لولیہ کتھم شرمہ معو نیبس ھاے متیو لو

راپہ چانے مارِیہ گجس ھاے متیو لو　　خامہ گیاہ گوم پامہ لجس ھاے متیو لو

سارِ سامانہ ضایہ گیئس ھاے متیو لو　　ہی تن بہٗ ھا یہ گیئس ھاے متیو لو

نمری پانے ڑوڑ ڑولہم ھاے متیو لو　　سادِ اُ میس وادِ ڈولہم ھاے متیو لو

متہ کرتم بے وفائی ھاے متیو لو　　سخت مشکل دوان جدائی ھاے متیو لو

پوڑِ سامانہ پوڑی پیتم ھاے متیو لو　　نتہ پانس نشتہ نیتم ھاے متیو لو

یا اُزنہ دِل نوان ھاے متیو لو　　نتہ اُزنہ دول دوان ھاے متیو لو

محمدٗ دس لول چونےٗ ھاے متیو لو

پیتہ اَکے ھیتہ سونےٗ ھاے متیو لو　(اصلی موسیقی فن)

(١١)

متہ پیتہ سر کریو آنڑے　　کو کرھقس مڑے بو

پاپہ بڈیو پاپس پیچ ڑے　　کو کرھقس مڑے بو

پاڑی لگے اکھ صوڑ ڑے　　ماڑ مندیو جمال ھاو

وارِ وُچھے نیتے ڈرڑسے　　کو کرھقس مڑے بو

کومہ سیچھے ویس آرز مڑے　　متہ چھویو مٹے مو زال

رَسہٕ پیتمَ گوٗژھ ہم مےٚ ژٕ ے — کوٚ کرٕ ہتَس مُژٕ ے بو

کھاسہ لیدرٕ ی بر گے چھُمژٕ ے — چھُس سعر ژٕگچ یمبرزل

چانہٕ اَمارٕ خُمارٕ ہیٚژٕ ے[2] — کوٚ کرٕ ہتَس مُژٕ ے بو

رِندٕ موکرَ شرگندٕ ژٕ ے — دولہٕ موکھ مَدنو

روپہ تنَ گاٹ جھتمَ واوژٕ ے — کوٚ کرٕ ہتَس مُژٕ ے بو

پوشہٕ مَدنو روشہ موکھِ[3] ژٕ ے — زان تو چھُے تُرہم سمسار

کالی برکس روزنے برانٹژٕ ے — کوٚہ کرٕ ہتَس مُژٕ ے بو

بالی بالی مے پھیرِ یژٕ ے — کالی کیتیشاہ ستمسارن

کالی ژٕ ٹھہ قیامژٕ ے — کوٚ کرٕ ہتَس مژٕ ے بو

یمبرزل[4] چھُس خُمارٕ ہیژٕ ے — بوٚمبرو اَژھ مےٚ باغس

مایہ چانے چھُس آرٕ گژٕ ے — کوٚ کرٕ ہتَس مُژٕ ے بو

آرٕ وٕل چھُس رنگے رژٕ ے — خارٕ ژھوٚہتمَ گوٗلا بو

لولہٕ نارٕ چھُس دزٕ ہیژٕ ے — کوٚ کرٕ ہتَس مُژٕ ے بو

شب روز روزٕ ہے آیژٕ ے — روزٕ تمَ وورِ منت للہٕ وَحدہ

ژونیرٕ چھُسے ملی ہیٚژ مژٕ ے — کوٚ کرٕ ہتَس مُژٕ ے بو

ہی تن ناد مےٚ ژئیے کرژٕ ے — کن ہتھاوتو محمودس

کالی صنوبٕر گرٕ ھان ہیٚژٕ ے — کوٚ کرٕ ہتَس مُژٕ ے بو

---

۱ دارِ اوٗش چھُس ترٛاوان یژٕ ے (ق ن) ۲ پنٛھ جنگلن فوجمژٕ ے (ق ن) ۳، ۴ یم زٕ شارٕ چھِ قلمی نسخس منژٕ ے یوت۔

## (١٢)

اُستے اَستے باغہٕ بیٚبرٕ وٕتھرادِس ستے

گرٛدھ تے وٕنیٚسی ییہ یار اَنتن اَستے اَستے

روٗشِتھ ژوٗلُم غوٚصہٕ ملالہٕ کیاہ گوم تس تے

گرٛدھ تے وٕنیٚسی ییہ یار اَنتن اَستے اَستے

آدن بأرِ جس وادٕ سأرِس ناد لاییس ستے

بیداد کوٗر تمہٕ کیا سناپیٚنہٕ ناپاییس تے

یارے وادے برِ بکے بوٚ آیس ستے

گرٛدھ تے وٕنیٚسی ییہ یار اَنتن اَستے اَستے

کوٚنگہ کستورٕ مُشکہٕ کوفورٕ تن ناوس تے

میٚتھرٕ وٕبہتمہٕ چھیترٕ لوٚہن ہواوس تے

شیٚتھرٕ گیلُن متہٕ کرٕ تمہٕ چھس بے کس تے

گرٛدھ تے وٕنیٚسی ییہ یار اَنتن اَستے اَستے

تس شنگ دِلس کیاہ لوٚگُس پئے مس تے

دیہ مے درشُن شیرِ گرہ لاب ہی لاگس تے

رنگے رٔنگ وٕنس پرٛنگ تہٕ پلنگ وٕتھرادِس تے

گرٛدھ تے وٕنیٚسی ییہ یار اَنتن اَستے اَستے

پٔراران پٔراران یارٕ دأدی کرٕنس خستے

از چھُم یادُن شرأوٕنس ہی باغس تے

ناگی رایس ناگرادس پیچھ زاگس تے [3]

گرٕدھ تےَ وٕیسو ییے یار اَنتن اُستے اُستے

شیہر ہینہٕ پتے وُچھتہٕ کیاہ گو فرہادس تے

ڈونگ تالہِ لوٗین پان موٗرن ہینہٕ نے دستے

کیاہ لگہِ لاٗرنس لاہنہٕ نیپے فسادس تے

گرٕدھ تےَ وٕیسو ییے یار اَنتن اُستے اُستے

وُچھتے کیاہ گو لاٗلہ پتے مجلوٗنس تے

تمہٕ اوٚن لاٗگیتھ شعبدہٕ دِتھن بار صاحبس تے

ہمنے ہمنے ووٚن دِتھن پیچھ تجدس تے

گرٕدھ تےَ وٕیسو ییے یار اَنتن اُستے اُستے

ھنٛزِ کورِ پتے وُچھتہٕ کیاہ گو صنانس تے

زُنار پرووُن سور رٕچھن پنہٕ نے دستے

شت ساس مرید خاصہٕ اٗسس دستے بستے

گرٕدھ تےَ وٕیسو ییے یار اَنتن اُستے اُستے

مالس تہٕ موہتس منگہ کیاہ رودٕنہٕ دامانس تے

سازس تہٕ سودٕمس کرٕ کیاہ پیتھ سامانس تے

تس نے خوش آد آدٕکس کیشتھ پاٗراوس تے

گرٕدھ تےَ وٕیسو ییے یار اَنتن اُستے اُستے

رٕچھوٗے ہتمے سانہٕ وتے مو یکھہٕ جستے [4]

خمارہٕ ہتیوسن [5] دِلتھ نیو تھم جس تے

محمود گامی زار و نان بار صاحبس تے
گرٛھ تے دیٚشو یہ یار اَنتن آستے آستے

---

۱ء میصر چھپنہٕ قلمی لعہ بخس منز ۲۷ رنگہ کھٹین ۳۷ آغش ہنہٕ نسخن گرادس ہیچھ زاگس تے (ق ن)

۴ء ژماہہ نتے (ق ن)  ۵ء خمار چشمو مسر دِتھ (ق ن)

## (۱۳)

بُجم پھٕلیاہ یاو نِنہٕ ہیہ لولو — بَر گرٛھ ہُتھے اَدٕ نہ ییہ لولو

وھو غافِلو نِندرے گرٛھو بیدٕار — شین طرفن ژھانڈون ہینہٕ یار

یار ژھانڈُن پہ چھُ بے پیہ لولو — بُجم پھٕلیا یاو نِنہٕ ہیہ لولو

سُندٕ وُکھتو ہُتھے آغس کر بندگی — بندگی چھے پانو شرمندگی

قالو بلا سَیدی بیہ لولو — بُجم پھٕلیا یاو نِنہٕ ہیہ لولو

کھسو اَچھ وَل پانو کرُو پارٕاو — کھنہٕ بل چھے ژاران وُسہ ونی ناو

سوَان موتُن پیالہ کسُن چیٚیہ لولو — بُجم پھٕلیا یاو نِنہٕ ہیہ لولو

فرش مخمل اطلس بیٚیہٕ کیمخاب — کائِلی پانو میٚشِ تَل ژراوُن ڈاف

اُوچہ تنہٕ ما یئم چھپیہ[۱] لولو — بُجم پھٕلیاہ یاو نِنہٕ ہیہ لولو

مَنتہ بائلیٔے دِتم نمرودنی دم — پور ژٔے ہوس مِئیٚ ہوس آیہ کم کم

یٚیتہٕ نو شداد، حاتم طیہ لولو — بُجم پھٕلیاہ یاو نِنہٕ ہیہ لولو

ہا محمودٕ زان دُنیا تاوَن — کائِلی نیرُن یٚیتہٕ چھُے اَتھ ہاوَن

روز ژاران تہنز سے شیٚیہ لولو
بُجم پھٕلیا یاو نِنہٕ ہیہ لولو

---

۱ء چھپیہ = ؟

(۱۴)

ژوٗرِ کوٗ ژوٗل ہیمہٕ ژھلو      یوٗرِ وَلو وَلو باز
ناوِ ساٗلس نیمہٕ ہتھو ڈٗلو      پیرِ نسیمہٕ، صُبح نماز
از روزوٗ حضرت بلو      یوٗرِ وَلو وَلو باز
خال ہاٗوِتھ دِل نیوٗتھ ژھلو      والہٕ واشہِ لوٗگ کتہٕ باز
زالہٕ زُلفے کیتھ مہ کلو      یوٗرِ وَلو وَلو باز
خُمارٕ عیشہٕ چھےٚ یمبرزلو      بیمارس کرٕکرِ زیمنہٕ ناز
نیاز مند چانہٕ درشنہٕ بلو      یوٗرِ وَلو وَلو باز
تاپہٕ ووٗرِ ین شین زن گلو      منز سینس چھم چاٗنی راز
کلہٕ وَندے چھم چاٗنی کلو      یوٗرِ وَلو وَلو باز
سیم تن کرٕ تھم ستہٕ تلو      زال منتس کٔر مو ماز
کاٗلی گرٕ ژھک تیر زن ہٗولو      یوٗرِ وَلو وَلو باز
ییٚلی سمسار نیش اَتھ چھلو      اَدٕ نو یور یمو باز
سر نوِشتس نشہٕ کیتھ ژلو      یوٗرِ وَلو وَلو باز
مال نیوٗ تھم واٗ جبتھس مولو      بال کیتھ وچھ نی بیرے ساز

محموٗدس وادٕ مو ڈٗلو
یوٗرِ وَلو ولو باز

---

۱ء خُمارٕ نوزک چھےٚ یمبرزلو ( اَصلی موسیقی )

(۱۵)

... ... ... کٔران نیازو[۱] پُر نازو بوز میانٮ۪ زار

چھک شمعکۍ پاٹھۍ سرفرازو ٹکھ سینی پروانہ وار

گۍ دٔزِتھ کینژہ عشق بازو پُر نازو بوز میانٮ۪ زار

روے گلابس کھوتہٕ چھے نازو بوے واتی نہٕ مُشکِ تاتار

چھے نہٕ بکار وسمہ تہٕ غازو پُر نازو بوز میانٮ۪ زار

ہے پوشہ نولو خوش آوازو نے واتی نہٕ نے سیتارٕ

بٔبیہ مولوم چنگہ تہٕ سازو پُر نازو بوز میانٮ۪ زار

ناوِ لگے ہو شاہ بازو بامہٕ اکہ بیٹھ ہاو دیدار

دام ژٔٹِتھ نیوکھ پروازو پُر نازو بوز میانٮ۪ زار

اَتھ صوٗرَژ اسہ کونہٕ نازو[۲]

ژِیے پتہٕ پتہٕ یمہٕ شہپرازو پُر نازو بوز میانٮ۪ زار

کیٚژ شعہ رتھ چانٮ۪ درِ مرازو ییژ شہبازِ بٔبیہ کوٹھار

ہیژ ییتم چھس جانبازو پُر نازو بوز میانٮ۪ زار

مقصوٗدٕ[۳] ہے ایازو محموٗدن اوے نو بہار

شہسوارے ہا ترکِ تازو پُر نازو بوز میانٮ۪ زار

---

۱، ۲ پوٗرٕ مصرٕ چھنہٕ دستیاب ۳ اَمہٕ مصرٕ بدل گژھہ آسُن ع

محموٗدنہٕ ہا ایازو

(۱۶)

تاشوق چھوٚن چھم ماشوقہ میانے[1] — میلتو لأل مےٚرجانے سیتو

میٚل اوس ژےٚ نہٕ چھےٚ انہ لنہٕ لانے — میلتو لأل مےٚرجانے سیتو

عشقُن دودُے زلیخا زانے — میصرس وأژ‍ےٚ چانے سیتو

پأدٕ گژھ کتہٕ گژھ یوسفہ میانے — میلتو لأل مےٚرجانے سیتو

عشقُن دودُے فرہادٕ زانے — ٹونگ تالہٕ لوٚین چانے سیتو

کسُن بنیہ پأغام شیرینہٕ میانے — میلتو لأل مےٚرجانے سیتو

شیخن کیاہ وٚوٚن تس ہیٚنزٕ یانے — شیخی نزأوم چانے سیتو

وٚن ہیٚوٚنی رچھنی أسم لانے — میلتو لأل مےٚرجانے سیتو

عشقُن دودُے منصوٗرٕ زانے — دارس کھوٚرُن چانے سیتو

نوٗرک مانے سُے ہٕہ زانے — میلتو لأل مےٚرجانے سیتو

گُلہٕ چھی قدرٕ بلبُل زانے — چمنن پھیران چانے سیتو

گُلزار چھاوتو مہرازٕ میانے — میلتو لأل مےٚرجانے سیتو

عشقُن دودُے لأل ہو زانے — نجدس وأژ‍ےٚ چانے سیتو

دیوانہٕ گرٕ ھتس مجلوٗنہٕ میانے — میلتو لأل مےٚرجانے سیتو

عشقُن دودُے محمود زانے — دوہ دِین راٗوس چانے سیتو

فرمان چھوٗنُے شہ کونہٕ مانے — میلتو لأل مےٚرجانے سیتو

---

[1] کینژن قلمی نسخن منز چھُ یہ بأتھ قصے محمود غزنوٗکس اندس پیٹھ دِتھ۔

## (١٧)

دیُت مئے آکو جانئ پاسنے — جان وندیو ہا جبا نانے

آبہ قطراہ آو دریانے — شکمِ مادر گو پاُدا

تنتہ سپنش شکلِ انسانے — جان وندیو ہا جبانانے

قسبرِ ہنیرِ ے گیئم کتوانے — قبرِ ہنیرِ ے حبر اداَن

گڈ کنھو ہے نگاش نو دانے — جان وندیو ہا جبانانے

ییلو پیچ پیشہ دینہ مو شرانے — گمہ ڈ چپلنم اُتھ بُتھ اُسخان

خاصیہ پانس مالگیم تانے — جان وندیو ہا جبانانے

گوربل کُن کرِ نتم روانے — شورِ سکرات وہ بتھ کوتاہ

سائری دِل آسپہ نمُ وَدانے — جان وندیو ہا جبانانے

بختہ بوڈ اوس حضِ سُلطانے — تختہ پُنہ سنے اوسے شاہ

گوس نیرِ بتھ فوج دکاروانے — جان وندیو جبانِ جبانانے

حضِ صابر مس اوسُے گمانے — مئے برابر آسیا کانہہ

کیتمراُکو دول تمہ کے ڈگُانے — جبان وندیو جبانِ جبانانے

حضن فاطمس اوسے گُمانے — پاس مہیوسنُے دہوں عالمن

سُے شرو ڈنہ چُھم نہ نیرانے — جان وندیو جبان جبانانے

افلاطون بتیہ لُقمانے — تہم دوہ نوت اسو داناہ

موت آکھہ تے گئے نو تو انے — جبان وندیو جبانِ جبانانے

محمودو ہا نوتو انے — منگتہ تمر ہے سائیس تل جبانے

کر تور کُن سۺر تہ سامانے    جان وندیو جان جانانے

(۱۸)

دۆرِہر چون بہٕ نو ژالہٕ    جمالہٕ ییتہٕ آمو
اَسہٕ وندٕ ہیے کلہ والہٕ    مَس دِتھ چھو راٰوُ ہتَس
بَس گوم آکے پیالہٕ    جمالہٕ ییتہٕ آمو
تہٕ تازٕ برگِ لالہٕ[۱]    بر دِل مۄتے لگو مُتھ داغ
دۆل ہتَس بہٕ زُلفہٕ تہٕ خالہٕ    جمالہٕ ییتہٕ آمو
بہ گردِ ماہ چون ہالہٕ    چھے گرد ڈیکس سیتو[۲]
بڑمراو ہتَس کمہٕ حالہٕ    جمالہٕ ییتہٕ آمو
فرخندہٕ فرخ فالہٕ    کر بشدہٕ نو آزی
خوشروۍ ییہٕ ہیے خوشحالہٕ    جمالہٕ ییتہٕ آمو
کیٛاہ چھُک ژٕ ماران ڈالہٕ[۳]    واہ واہ مۄتے نیوٚ ہتَم دِل
گل زن بُجس زالہٕ    جمالہٕ ییتہٕ آمو
دِل نیوٚتھ چھُے حوالہٕ    وارہٕ پاٰٹھو رِچھُن چھے
موصُم چھُے خورہٕ سالہٕ    جمالہٕ ییتہٕ آمو
چُھہ تیم آچھر والہٕ    ہارنجہ سُنمے چھے
زینہٕ گیر رٕ ٹھچھ نالہٕ    جمالہٕ ییتہٕ آمو

فریاد دِوان نالہٕ
دریادِ تو محمود

دود چون کوتاہ ژالہٕ

# جمالہٕ پتائمو

۱ کلہٕ وانہٕ (قان) ۲ ڈکس بیٹھ (قان) ۳ گیاہ چھک نوان ژھالہٕ (قان)

(۱۹)

وَنتہٕ ویسو تس اَن تسے عمار — حالہٕ بالہٕ یار اَن ستنے
توشن چھ بلبل پھوٚلے گلزار — پوشن نوبہاران تنے
گوشن چھ عاشق در انتظار — حالہٕ بالہٕ یار اَن تنے
لٹہٕ اکہ دِیہ نا وُہر دیدار — ہٹہٕ سکے مہ خستہٕ ہاران ستنے
گٹہٕ منز گاش آو ژول گٹہٕ کار — حالہٕ بالہٕ یار اَن تنے
سروِ قد میون یار خوش رفتار — برلبِ جوئے باران تنے
ہاوسہ چھ دہن پیالہٕ شہار — حالہٕ بالہٕ یار اَن ستنے
تس رُس یمبرزول چھس بیمار — مَس چھ پُر خُماران تنے
لالس کیتھو کرِم پیالہٕ تیار — حالہٕ بالہٕ یار اَن تنے
مالہٕ موت عاشق پُر خُمار — سائلس شالہ مار اَن تنے
لالہٕ زار، آبشار تے پھوار — حالہٕ بالہٕ یار اَن تنے
رمجہ تیر بمہٕ چھس کماندار — سیتو آہو شکاران تنے
رُمہٕ رُمہٕ چھم درکار — حالہٕ بالہٕ یار اَن تنے
شِلہٕ شوبنت پاکباز پرہیزگار — دِلہٕ کے قرار اَن تنے

وِلہٕ زار دِیُن توس اَنی نوس عار        حٲلہٕ بالہٕ یار اَن تِنے
تنہٕ تن لاگس وَنس زار        للہٕ وُن درکنار اَن تِنے
شرُچہ پانن لوکچار چھم مۆرِ نار        حٲلہٕ بالہٕ یار اَن تِنے
بۆزمہ شیچہٕ سِنٛدِ لَجِ ژٕسوار        سیتہٕ نیمن ژٔرار اَن تِنے
محمود گامی وَنان زار        حٲلہٕ بالہٕ یار اَن تِنے

---

۱۵ پورٕ مصرٕ چھُنہٕ دوہ ھتان۔

(۲۰)

آبس اندر نقشاہ زانتہٕ خابس خیالی میلنے لالو لو
تیل بل نالس ساٗلاہ کرٕ وونالہٕ چھے مالالان میانے لالو لو
شالہٕ مٲرٕ باغس کیاہ جان چھلیاہ نۆٹ وولہٕ سیون چھُے سُول
باغِ نشاطس تازٕ تماشا سعہٕ لانکہٕ روزِ چھے سُول تِنے میانے لالو لو
غارن سِنی پھیران ڈیوٗ تھمکھ غارٕ سیتہٕ موزال
پیچان زُلف چانی ڈیشام دۆرے ٹھلو وانکہ چھے زنوال میانے لالو لو
یارو تتہٕ چھس بارٕ دوان مارو وول ہیم نال
دۆرٕ ہے چانے ہولہٕ چھس گلان پۆژھ ھکمنہٕ کیاہ چھے جال میانے لالو لو
دِلس داغ ژالم امئے لولہٕ چانے شوٗبان کیاہ چھی خال
منتیو لجِ سو بوزالہٕ چانے مُھس لجِ سے بال میانے لالو لو
اوشم تمنا ژٔے سیتہٕ یمہٕ نا موصم چھس غمہٕ رٕسال
محمود گامی مُشتاق ژٔے کُن ماشوقہٕ ہاو تم جمال میانے لالو لو

(۲۱)

ییِنہٕ بوسترٕ ہاتی پیوم سترٕ نیٚ — کیاہ کرٕ اَمہٕ کھعہٕ تہٕ مَرٕنیٚ جان
تور کٔتھ کینٔہہ گوٚ رٕژھ حاصِل کرٕنیٚ — واصلس تمہٕ سٕتیٚ وٕژاو اَرمان
وَنہٕ کٔس ورزِنہٕ داو چھُم ترٕنیٚ — کیاہ کرٕ اَمہٕ کھعہٕ تہٕ مَرٕتیٚ جان
دِلہٕ گرٕژھ لا اِلٰہ اِلا اللہ پرٕنیٚ — شٔلہٕ پانہٕ یارس سعٕ مِلہٕ ہاوان
ژٕرٕ ژٕرٕ کرٕ ہو نَم دود چھُم زٕرنیٚ — کیاہ کرٕ اَمہٕ کھعہٕ تہٕ مَرٕنیٚ جان
کھِتہ کٔتھ چھُتہ میون چکہٕ چادرٕ نیٚ — زٕ ہِتھ چھُم موتنہٕ دَتہٕ پکوان
تمہٕ غمہٕ رٔژھ تہٕ ماز ہیوٚ تمہٕ ہرٕنیٚ — کیاہ کرٕ اَمہٕ کھعہٕ تہٕ مَرٕنیٚ جان
اَز نتہٕ کالی اَخر چھُم مرٕنیٚ — کَرٕ زانہٕ کہِتہٕ پاٹھو نیرم جان
کانہہ وُن ءٕ[۱] — کیاہ کرٕ اَمہٕ کھعہٕ تہٕ مَرٕنیٚ جان
یُس زاونس کیاہ موتس ڈرٕنیٚ — وتھو پرٕ کُل مَن علیہا فان

شُرکہٕ پانہٕ محمودٕ گرٕژھ راوٕرٕنیٚ
کیاہ کرٕ اَمہٕ کھعہٕ تہٕ مَرٕنیٚ جان

---

۱ پوٚرٕ مصرٕ چھُنہٕ ووہتان۔

(۲۲)

مَتہٕ ژٕل تہٕ وٕسیوٚ چھے نبتہٕ نائے ژالہٕ — اَز سالہٕ اَنتن بالہٕ یارٕ[۱]
بوٚنیکہٕ بازرٕ[۲] نی نمہٕ ڈالہٕ — توٚ زانہٕ کٔس ستھ گوٚ ہو یارٕ[۳]

اُلفتہٕ ؤمجنٕس زُلفہٕ تہٕ خالہٕ　　ازٕ سالہٕ اَنتَن بالہٕ یار
کرِتَس گوشَن کیٛاہ بٕ سمبالہٕ　　روشان چھُم تےٚ آس نےٚ عار
توشان کرٕ ہٮ۪س پوشَن مالہٕ　　ازٕ سالہٕ اَنتَن بالہٕ یار
سائےٚ تَس نیمہٕ ہٮ۪ن تیل بل نالہٕ　　شیرِس باغ لاگٕس سبزار
لال چھِس پٔاران ہامتہٕ لالہٕ　　ازٕ سالہٕ اَنتَن بالہٕ یار
رٔسہٕ رٔسہٕ چِنیہٕ نامتہٕ کٔس پیالہٕ　　کٔس وٕنہٕ تَس روٗس چھمنہٕ قرار[4]
ویٚسیو ییٚہ یارٕ دود مٔتہٕ نٲے ژالہٕ[5]　　ازٕ سالہٕ اَنتَن بالہٕ یار
بوز محمودو روز نعرہ شس حالہٕ　　شوقہٕ چانہٕ رٲضی چھےٚ سردار[6]
مقبولِ ہیوٗ چھُکھ با اقبالہٕ　　ازٕ سالہٕ اَنتَن بالہٕ یار

---

۱؎ ہٲژلے ویٚسیو ییٚہ ژمتہٕ نٲے ژالہٕ　　سالہٕ اَنٛز تون بالہٕ یار
(کشمیری موسیقی ۔ ن مہجور)

۲؎ بوٗنکہٕ ناگہٕ رادٕ (ک۔م) ۳؎ میوٚلمُت یار (ک۔م) ۴؎ کٔس ؤنہٕ چھمنو بوزان ہار (ک۔م) ۵؎ ویٚسیو ییٚہ یارٕ دادِ نارٕ پان ژالہٕ (ک۔م) ۶؎ شوقہٕ چانہٕ ییہٕ ماشوقَس عار (ک۔م) ۷؎ یہٕ شار چھُ کشمیری موسیقی تہٕ ن مہجور شٔریے لیوت سہ

داگ دِل لٔدنےٚ دِتھ دردٕ کر نالہٕ　　سٔنہٕ وٕنی سٔنہٕ وٕنی وٕنہٕ ہٮ۪س زار
ژٕہ ما یِرٕدٕ تہٕ رٕژہٕ ہٮ۪ن نالہٕ　　حالے اَنٛز تون بالہٕ یار

## (۲۳)

متہٕ سوران آم یاوُن ییے | للہٕ وُن ییے ژھوٗو نَم نار
پیٚیرِ رٔہبر گژھِ کرُن ییے | پیٚیر ہادی پیٚیرِ اسرار
پیٚیرِ رۄس ناواتان کنُ ییے | للہٕ وُن ییے ژھوٗو نَم نار
حضرتِ آدم ییٚنہِ لوٗدُن ییے | دۄیُن رۄحس اَژھ اندر
وادِ ڈیُت نس بٔتیہِ نیرنوٗن ییے | للہٕ وُن ییے ژھوٗو نَم نار
کھارِ دانہٕ گژھِ بستہٕ دُمن ییے | شیٚشتٕرس سپدی سون
کھٔسِہ کہوٚرِ چیٚرِ نیرِ ہیوٗن ہیوٗت ییے | للہٕ وُن ییے ژھوٗو نَم نار
تِہ چھُ ڈٔری یاو سٔرِ نہٕ کھوتہٕ پترُن ییے | گُنتہٕ لوٗب مَس شُم نتہٕ تار
عُشقہٕ ڈٔری یاوٕ گوس درِ ہُن ییے | للہٕ وُن ییے ژھوٗو نَم نار
دُرِ تہٕ فوطس معول ہیوٗن ہیوٗن ییے | نیر ژھارِنہٕ دُرِ شہوار
زانہِ شے ییتمِ لال اَتھِ اوٗن ییے | للہٕ وُن ییے ژھوٗو نَم نار
گرِ یُس نیرِ ژنڈِ ہیتھ چھوٗن ییے | پھیٚیرِ کیشاہ سٔتہ دربازار
ژنڈِ کرِ تس ۂبیہِ مند چھُن ییے | للہٕ وُن ییے ژھوٗو نَم نار
دشہ ہیرِ اکہ چھُے گرِ گژھُن ییے | وشہ ژھوٗ غافلو گژھو بیدار
وَتہٕ خرچا سیتھ گژھِ ہیٚن ییے | للہٕ وُن ییے ژھوٗو نَم نار
ہیے سوران آم یاوُن ییے | برِ کرِ تس گلِ انار
ژام باغس داو ہرُدن ییے | للہٕ وُن ییے ژھوٗو نَم نار
محمود چھُک کُن زوٗن ییے | کُن ہیٚکہِ کھادون ۂندبار

پڑ کرِتن صاحب کنُ یی    لِلہٖ وُن یمے تھوٗوٕنم نار

(۲۴)

مو روز غافلہ بے خبر    لوٗسِتھ میٖنٛژ موٗر ژاوی لر
مل گُو موت ییٚلِہ ژاوی نظر    اُچھَن پیٚیہ ہام کنٛن زر

تتہٕ یور کاتھ نو روزِ نبر    لوٗسِتھ میٖنٛژ موٗر ژاوی لر

ییٚلہ میٚژ والہٕ تمہ قبرٕ اندر    حِسابس پیٚنم نکیرو منکر
تنگ دِلہٕ تنگ ما چارم قبر    لوٗسِتھ میٖنٛژ موٗر ژاوی لر

ییٚلہ تم مُژرن میون دفتر    گعنہٕ ہن میانین گرنہٕ اٰثیر
یم گعناہ کھٚتو یو پانہٕ بربر    لوٗسِتھ میٖنٛژ موٗر ژاوی لر

اکھ لچھ ژوٗوُہ ساس پاٰغمبر    قاٰمن تھہشدین دنٛدٕ ہا سر
معراج کرِتھ آیہٕ سائنی مر    لوٗسِتھ میٖنٛژ موٗر ژاوی لر

غافلہٕ قافلس سیتیٖ سکھر    منزل چھُہ دوٗر تہٕ واتوٗ کر
نورٕچ خبر یوٚت واتہٕ کر    لوٗسِتھ میٖنٛژ موٗر ژاوی لر

اُس ییٚلہ مُژری جنتس بر    لاشریک کاٰنسہٕ نو ژاوِہ بر
دَم دِتھ گھوُدن وُنی یہٕ خبر    لوٗسِتھ میٖنٛژ موٗر ژاوی لر

(۲۵)

کوٚہ دِل زولتھ نارے    آہم ئہٕ دو بارے
ہمر گو اوسے ناغارے    رٚنٛڈ تھم لولہٕ مرگدارے

ازل زورِ وارو اوس نہٕ چلے　　آہم نہٕ دوبارے
ڈُوٹھ رژھ فلکو ڈنڈ موختہٕ ہارے　　کرٕ کھ نا گُفتارے
طوط کہتھتن کمن بوداسے　　آہم نہٕ دوبارے
کوتت گرٕ ھک ہا شہسوارے　　بال ہا توٗری لارے
پکھ نتہٕ ہے یان بوماسے　　آہم نہٕ دوبارے
وٕ ونیج اَسپس ہا دِودارے　　جاہل وو تُم تبر دارے
ژٕ ٹھتہ ترٕ اَونس ہا قداورے　　آہم نہٕ دوبارے
وُھتو محمودٕ گرٕ ھو ژرارے　　تتہٕ چھی ئبڈی علمدارے
دمون جہانن سُے دِیتہٕ نارے　　آہم نہٕ دوبارے

(۲۶)

روزِ نہٕ کُس آو سمارٕ سے　　رٕ سائے نیوٗ نم قرار
کھش ہیلی کوٗر نبےٕ اِسمائِ علسے　　ژھاؤل کوٗ اِظہار
نرِ ژنگہٕ ژچ نےٕ راجہ زادٕ سے　　رٕ سائے نیوٗ نم قرار
پوٗ نپرٕ گُہتہ کوٗر پتھ شمہسے　　ژھاران پروردگار
دیدارٕ دِیت نس بیٹھ عرشسے　　رٕ سائے نیوٗ نم قرار
سونٔدٕ سے سوٗر گوم شُری پانسے　　رٕ ما دوٗرہ پر چون
مرٕ ما کرٕ کیا فراقسے　　رٕ سائے نیوٗ نم قرار
فان ہیلو کری کُل عالمسے　　واوس دِیتہ یختیار
واوچھیتہٕ تابہ ملائکٕ کسے　　رٕ سائے نیوٗ نم قرار

تار مئے دِتہ مو دڑی یادو سے — تور چھپنہ واتان ناو

تور چ خبر چھپے ذاتِ پاکسے — رسائے نیونم قرار

محشر نہ مائدانہ حساب ہینم — عدلس بہ ہیتھ آسہ ذاتھ

دیدار دِزہم محمود سے — رسائے نیونم قرار

(۲۷)

قدمن داہ سے شاہ لولو — از پیہ محمدؐ پانہ لولو

سور گچھن حورن اوس تمنا — آسہ چھپنہ و چھمت محمدؐ زاہ

پیرس رہنہ داپانہ لولو — از پیہ محمدؐ پانہ لولو

یس آسہ محمدؐ صاحب زان — سے مر پیزہ پانچھو با ایمان

تس آسہ رُت نشانہ لولو — از پیہ محمدؐ پانہ لولو

ہا زمین دار و کھورن لاگ کھڑاو — آپہ دِو زمینش بیچھے بیچلے جاو

اصلک ؤوی زہ یس دانہ لولو — از پیہ محمدؐ پانہ لولو

قودرتھ تمی سینہ و چھتہ کہراہ — پھلہ سے نیران کیشاہ ہنڈولاہ

باگران تی آو پانہ لولو — از پیہ محمدؐ پانہ لولو

محشرن ماؤدان کہ بیابان — تحقہ دِتہ دو تمہ بچان شام

گے تریس آسہ بانہ لولو — از پیہ محمدؐ پانہ لولو

فائفلو سپر حق موثراو نون — بے شک ذات پاک ذاتن کن

دہ ہیراو آسہ نے بانہ لولو — از پیہ محمدؐ پانہ لولو

خوچہ یار بانہ چھپے ناو تران — حضرت بل کن آسہ لاران

دیدار ہاوان پانہ لولو — از پیہ محمدؐ پانہ لولو

محمود کر توشہ وقت یاد — پیلی ہو داتی تورک ناد

سوداچیانہ دوکانہ لولو    از پیہ محمدؐ پانہ لولو

## (٢٨)

دُنیا چھُ غمہ کیُ گرٕ لولو    پانہٕ میانہٕ نی کرٕ سرٕ لولو

دُنی پاہس آیاپہٕ کمہ کمہٕ جوان    افسوس تم تہٕ گے اتھہ مۆران

تھرکوٗب زن گے برٕ لولو    پانہٕ میانہٕ نی کرٕ سرٕ لولو

اُدرے تنہٕ پیٚلی وٗ التم کفن    قبرِ منٛز وائلیتھ کرٕنم دفن

دوٕ درٕنم دوٕ شوٗبے لرٕ لولو    پانہٕ میانہٕ نی کرٕ سرٕ لولو

قبرِ منٛز وائلیتھ کرٕنم تلقین    موتو کیاہ چھُ چون دُنیاتہٕ دین

کلمہ پیے تمجید پیرٕ لولو    پانہٕ میانہٕ نی کرٕ سرٕ لولو

کُدلس تل آسہ دوزخُن نار    عدلس بہیتھ آسہ ملک الجبار

نہٹ چھم کہیتھ پاٹھہٕ تۆرٕ لولو    پانہٕ میانہٕ نی کرٕ سرٕ لولو

شمہس پوٗنیر کرٕ ہے گنتھ    موتن تھاوم نہٕ کانہہ فرصتھ

عشقہٕ نارٕ دوٗدُم شاہ پیرٕ لولو    پانہٕ میانہٕ نی کرٕ سرٕ لولو

پیرو محمودٕ چھے بے سنتھ    پیرو کرٕ کرٕ زہم تتہٕ وسالتھ

پیرو چھسے بے سرٕ لولو    پانو نی، کرٕ سرٕ لولو

## (٢٩)

حبلہ ہا دِتھ، تمبہ لاٗدِتھ ژۄلکھ ترٕاۆدِتھ دِلبرو

ماہ روٗ رخسار ژۄرِ تھاوِتھ ژۄلکھ ترٕاۆدِتھ دِلبرو

لۄل آیس مالہٕ ترٲوِتھ

مےٚل کانٛدس داتنا ٲوِتھ ژُھلکھ ترٲوِتھ دِلبرو

زُلیخا یہ گوکھ داد ہتا ٲوِتھ یوسفو پاغمبرو

منز مصرس واتنا ٲوِتھ ژُھلکھ ترٲوِتھ دِلبرو

گوکھ شیرینہٕ داد ہتا ٲوِتھ فرہادو ڈاتبلو

آب کوہس واتنا ٲوِتھ ژُھلکھ ترٲوِتھ دِلبرو

زُونہٕ تارکھ ملہٕ نا ٲوِتھ آفتابے گاشرو

داتھ دوہ گوکھ ملہٕ نا ٲوِتھ ژُھلکھ ترٲوِتھ دِلبرو

ہی مالہٕ گوکھ داد ہتا ٲوِتھ نا گرائے ششدرو

ناگہ بلہٕ آکھ تن نا ٲوِتھ ژُھلکھ ترٲوِتھ دِلبرو

اَو محمود بڑاتھ ہتا ٲوِتھ در روز محشرو

اَتہٕ سردار معہ کہٕ لاٲوِتھ ژُھلکھ ترٲوِتھ دِلبرو

---

۱ یہ مصرٕ چھینہٕ سورُے دوہ ھتان۔

(۳۰)

بُرہم دِتھ ژُھلم تے تہ یہ ماڈیو ٹھیتھ وَن[۱] — شمشاد قد زیبائے لولو

نوٗر[۲] روٗخ ہاوِتھ دِل نیوم ژُھوٗرن — دوٗرن چھُ ماران گرائے لولو

گیاس اُرزو کہٕ نے پیرس[۳] — پھیرس نہٕ میاٗنی مائے لولو

وارہٕ وارہٕ ڈُنی توس دیو عار پیہ تس — ژھاران یار اُسو آئے لولو[۴]

دوٚرِ سِکری نارٕ سیٖتھ تن دارٕ زاےجنم    سوٚر گوم میلم ناٮ۪سے لولو[5]

سائو جنم ییمہ رتھ بندرن چھیوٚرس    میلم ناگنہ شاٮ۪سے لولو[6]

ییمہ نا ماشوق دییہ نا درشُن    ہیہ تن میانی گےٚ ضاٮ۪سے لولو

وٕتہ چھکم نہ مولوٚم توٚری ییتہ لارس    وُچھ ہٕس کیتہ چھکس جاٮ۪سے لولو[7]

زاگِتھ رٕنہٕ ہٕن وُچھہٕ ہٕن کیتہ چھکم    لاگِتھ محیہ ستے ماٮ۪سے لولو[8]

چھکم منہ کامن رٕبٕ ہٕس دامن    عشقُن لاگس نیاٮ۪سے لولو[9]

دوٚرِ عیدام تےٚ سونٕ ہٕس پاگام    بوزِ ناسِہنہ زار کیاٮ۪سے لولو[10]

ییمہ دِی وِرٕ نیو رفوٚ ہے کرٕ وٕنے    مستوٚری وٕنہ ہے ژھاٮ۪سے لولو[11]

جُبس سیندر پاکھو لنگہٕ پھیرویس    کونگمہ توٚری کرٕی نموضاٮ۪سے لولو[12]

تسے تہ داہ ساماںٕ ییمرِتھ ڈرایس    تم تہ ہو کرٕی نموضاٮ۪سے لولو[13]

ییٚلہ یوٚرِ واتم تیٚلہ بڑونچھ نیرس    سیٖتھ ہیٚتھ ژونس تہٕ داٮ۪سے لولو[14]

یٕغس اَنہ کرٕ اَنہ کرسا لاہ کرٕ ہٕس    اند کنہ منز باگ جاٮ۪سے لولو[15]

خُشبیتھ رونٕوس مل گُو موتس    ژچہ تم دوہ سہ قلاٮ۪سے لولو[16]

قوران پہٕ یوم آسے آسے    دوز نہس روزٕ نا ژھاٮ۪سے لولو

دائن اطلس تہٕ کمخاب ییمرِتھ    پانس سور ملہٕ ناٮ۪سے لولو

شنزیاس لاگس ییتہ پیتہٕ نیرس    وُچھ ہٕس بو پوٚت ژھاٮ۪سے لولو

سونٕ تنہ زاٮ۪شیانہ موختو جالہ    صدقک کرٕ ہٕس پاٮ۪سے لولو

ییتہ توٚری گرٕ چھ ہو دوشمنے نیرِ ییتہ    بیہمہ ہو گنہ جاییہ ژھاٮ۪سے لولو

رُخسار سو دم خال پی اپنس    زاٮ۪ جی نش عشقنے کراٮ۪سے لولو

پوٚری کنز ڈیو نیشم ماہ زن تابان    نوٚہ انہ پیو مت پزیچھ شاٮ۪سے لولو

تتہٕ سۄر[١٠] پوشن فُلُیاہ[١١] اَیہٕ گرٕ — باغس کرٕ ییرائے لولو

یوٗسف دژامُت سرِ بازارس — یارس اَز میلہٕ ناسے لولو

مِصرس نوٗرٕ بیوٗ دوہ ہہ کھوتہٕ جیادے — اَختابہٕ روٗدمُت ژھاے لولو

بیہتھ گوٗنُدو کرِو میون پاسے — سونُدر بہٕ ژٕ کرٕ تس منالے لولو

گوم تنبہٕ لاگوتھ ژوٗلمے ژرا گوتھ — کمہٕ سونیہ دیتنس دالے لولو

کس زانہٕ اَندریُم دود بالہٕ یاگوتھ — کمہٕ چھم پنُنے راے لولو

ژٕ ڈٕرِ یار ژوٗلمُت تےتہٕ ما ڈیو نیتھوُن — دوٗران چھم ماہان تگراسے لولو

محموٗد گامی عشقہٕ نہٕ وٕتہٕ پیٹھ — میلِمنا رہنماسے لولو[١٨]

---

۱؎ بتھ پیم دِیتھ ژوٗل مے ڈیو نیتھن ناے (چھ۔ن) ژٕ ڈٕرِ یار ژوٗلمُت تے (بیاکھ نوٗسخہ) ۲؎ ڈٕرِ یتھ نِش (چھ۔ن) ۳؎ ویرے تِمسُنزے گرٕ بتہٕ دژائیس (ن بیاضِ مہجوٗر) ۴؎ یہ شار چھُنہٕ چھاپی کتابہٕ منز ۵؎ وُچھہن بوجایہ جاسیے لولو (چھ۔ن) ۶؎ سیتو بیتھ ژوٗنزِ تہٕ دالے لولو ۷؎ یہ شار چھُنہٕ چھاپی کتابہٕ منز ۸؎ یہ شار تہٕ چھُنہٕ چھاپی کتابہٕ منز ۹؎ لاگیتھ چھُم شیر ماسے لولو (چھ۔ن) ۱۰؎ یہ شار چھُنہٕ چھاپی کتابہٕ منز ۱۱؎ سُمی توٗرے وِگی نیو رٕوٗد ہے کرِ وتے۔ سنگرن بالن ژھاسے لولو (چھ۔ن) ۱۲؎ ۱۳؎ ۱۴؎ ۱۵؎ ۱۶؎ یِم شار چھُنہٕ چھاپی کتابہٕ منز ۱۷؎ سوٗر پوشن = ۷ ۱۸؎ محموٗد عشقہٕ نہٕ وٕتہٕ کُن چھُ لاران۔ ژھاران اَکھ رہنماسے لولو (اکھ پرُون قلمی نوٗسخہ) بییس پرانِس قلمی نوٗسخس پیٹھ چھِ نوم شار لیکھِمت سہ

بے عار یارَن دِل ژٕ ڈٕرِ نیوٗ نم — ڈیو توس پوٗرٕ دیبالے لولو

ہول گوم جگرس تمۍ شیند بولے — دولہٕ دولہٕ یکہٕ نا ژھاسے لولو

ہُون دل تس باوُن حال چھُم     یاوُن مےٚ کوٚر نمُ خدائے لولو

ونتہٕ یُتھ یار میون وٕنتہٕ لوٚگ رتہٕ نے     کمہٕ سٕن وٕنی نس دائے لولو

مِسکیِن محمود آوارٕ گومُت     کیٚہ یارٕ ستھوے مائے لولو۔

(۳۱)

کرٕ ھتھم منز وہ ٹندس جاے

مےٚ نو ماے مُشی زاہ[1]

بدن میون عشقنو کزاے تتھہ منز وہ ٹنٕد تُلہتھ مےٚ

ڈزیتھ گوس کوٚرُم تہٕ واے مےٚ نوماے مُشی زاہ

شاہِد بیمہٕ وُنی روزاے زاہِد شانتہٕ تیٚہٕ رٕیشر

ژلان اُسمہٕ تہٕ وٕلتے آے مےٚ نوماے مُشی زاہ

مو مار مارٕ زُلفن کژاے یار مارٕ کوٚر ھقس بو

گیٚمُہ جائی سیہ ٹھار[2] اے مےٚ نوماے مُشی زاہ

ہیرے گوٚندہی بہٕ سر دیاے پھیرے پتہٕ پتے ژٕنے

نیرے وُپہٕ چھنے پوٚت ژھاے مےٚ نوماے مُشی زاہ

مےٚ مو تیرٕ مجگان لاے وُنجر بُمہٕ کحانیے

خنجر زٕن مےٚ دِلس آے مےٚ نوماے مُشی زاہ

ٹکوٚنے رُمہٕ رٕیشُن آے مےٚ چھُم چون تمنا

ارمان جائی تیمہٕ کتس ژراے مےٚ نوماے مُشی زاہ

---

[1] یہ شار چھہ اصلی موسیقی کتابہٕ منزے یوت ۔ [2] شہار راى (اصلی موسیقی)

## (۳۲)

یہ کمرٗ یارہ ووٹنےٗ دا ے متے سہتو تراو ملائے

فقرس پیتہٖ فقیر باسہ مٹے نو ماے مُشی زاه

یہٗ دوسے میوزہ بوز کھ نیاسے روز کھ ساڑ سُوالے

صورتھ جیانی ہٗ وُچھپلے مٹے نو ماے مُشی زاه

سندیوم ژوٗ تہٖ کرمیون پاے گیشدو یارہٖ مارھقس بو

انیدہم نالانیشٗ نیاسے مٹے نو ماے مُشی زاه

چھتو چیشی بپیالن چاے بیتو کاٗلی مُرن چھے

ہَتا آدٖ کنجھ کھتوزاے مٹے نو ماے مُشی زاه

یٗیتہٖ نہ یارہٖ رونہٖ آے ژُمو کاٗلی مزارس

ژُرہتھ ہے چھٗے پیوان ہاے مٹے نو ماے مُشی زاه

ہٗ نو ژ دھو بپلاگے ماے چھٗنو دود ژھیوان مٹے

ژٖ دولہٖ چینگ و رباب واے مٹے نو ماے مُشی زاه

دُ چھتو یور کنجھ کھتو آے محمودؔ گو دمتانے

ژٖ مولاگ بے پرواے مٹے نو ماے مُشی زاه

## (۳۳)

روشیہ دولو پوش ہو بٗ لاگے   گوش تھاوتم دنٖہ یو نزا ری

وٗنی دِ مے ، وٗنی بو دمے   لوٖلہٖ باغس وٗنی ہو دِ مے

ییتہ چھوٚ اکھ توٚات بوٚ پیمے　　متہ میانیو لگہ یو پاٚری
شانہٕ زُلفن کوٚرتھ ییٚنے　　شارِخ شمبل ہثوٚن ہثیٚن ستنے
پانہٕ زانکھ بہٕ کیٚاہ وَنے　　جان وٚ دِلس چھم بیقرارٕی
یمبرزٕل چھےٚ خُمار بَریتھ　　شرمہ سیتی کلہ بوٚن گٕژھ کرتھ
ہرنہٕ گے در جنگل مَریتھ　　ماری یم چانی چشمہٕ خماری
لولہ کرتل لاے تھم ژھونٛجے　　ییتھ واٚنجہ کر تھم کھنجے
بالہ دِل چھُم نہٕ روزان ڈٕنجے　　سخت لوے تھم زخم کاری
پردہٕ ژٕ ژھتھ چھک درِ نیے　　زانِہ نے، ییم واقف سگہے
پانہٕ پیر تھ چھک ہر شئے　　اُسہ کَنے چھےٚ پردہ داری
زرہ زٕ جنتس کوتاہ ذرے　　متہ کرٕ تھس ہی زن برے

بہر کرٕ تھس وونی کتہ دِرے
بوز محمودنس نالہ زاری

## (۳۴)

یس مشوق ڈکیہ[1] دبتھ ژلہ نے　　تس تہ نو زاہ بلہ سنے داٚدی
شالہ ماری یلہ لالہ زار پھولہ نے　　ساٚلِ ڈٲل[2] توٚت واتان ساٚری
چھِھ کمہٕ لدیے نیا مژ ڈولہ[3] نے　　تس تہ نو زاہ بلہ سنے واٚدی
یار ژھانڈان یس یاد پھولہ نے　　آسہِ لاران زن فرہی یاٚدی
تس تہِ یوٚدوے اطلاس وَلہ نے　　تس تہ نو زاہ بلہ سنے داٚدی
پانہٕ[4] واٚنی بانڈہٕ مہ کلہ نے　　واتہ قیدٕ[5] ین خطہ آزادی

یُس یارٕ ہیتھنٕ ماے آوٕلہٕ نے[۱] — تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داگِی

بار غم ہیتھ شمشاد ہلہٕ نَے — تارٕ کمٕ کمٕ جبہٕ فرہٕگِی

تَس یارس یار رؤدِ میلہٕ نَے — تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داگِی

شاہِ یوٗسُف میلِم مولہٕ نَے — گَیہٕ فلواہ دُختر عاگِی

عشقہٕ تبر سیتو آیہٕ ٹھلہٕ نَے — تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داگِی

داگی لدِس دوہ دِ کھوہ رِچھلہٕ نَے — زٕھُوکھ لگہٕ تَس دٕیہٕ چھِم ماگِی

کٔہ سیتو تَس اَدٕ شھلہٕ نَے — تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داگِی

دادِ سیتو یَس اُستخان گلہٕ نَے — کرٕ کتیاہ تَس بزمِ شادی

کھیتہٕ تیہنٕ اِدٕ کم لولہٕ نَے — تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داگِی

یٔتہٕ یارٕ سِندِ سمبُل آلہٕ نَے — تٔتہٕ گو بندٕ سہ شیخ سعدی

کاشہٕ تہٕ معہ کلیو ہٕ اَمہٕ آولہٕ نَے — تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داگِی

اٰتہٕ ڈٕبہٕ میلی رِوہٕ بتھم آلہٕ نَے — اِدٕ ڈٕبہٕ ہکھ ڈوٕ نم ہٕ اگِی

عشقہٕ جوشہٕ ہوش یَس ڈلہٕ نَے — تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داگِی

محمود بوز تتہٕ بلہٕ نَے

چھے دٕرپیش عشقٕنٕ داگِی

یَس بٔرہٕ نیہ روز قدم ٹلہٕ نَے

تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داگِی

---

۱ چھوکھ دِتھ (بیٖیِس جایہ) ۲ مالہٕ داگی توٗت واتان سلاگی (بیٖیِس جایہ)

(ق ن) ۳ تیمٕن نیامٕژ برونٹھ کنہٕ ڈولہٕ نے (دٔکھ بٔرون قلمی نوٗسخہ) ۴

باٹھ وانہ ییٹھ بانڈھو کلہ نے (ق ن) ۵ کیشڑن (ق ن) ۶ یس
یارس یار روٗد میلہ نے (ق ن) ۷ زِ دوہ دوہ ییتہ چھم باڈی (ق ن)
۸ تتہ بند گوٗ تیتھ شیخ سعدی (ق ن)

## (۳۵)

اٰندِ نا ییتھ عشقہ نیابیس تہٕ لولو
خشد مارتس کشہ زابیس تہٕ لولو

یارِ ماٰرنس لاٰییتھ تیر عشقُن
یارِ کرِ نم دل جگرس تہٕ لولو

ہا مے لوسم چشمہ دِتہٕ وُچھاٰنی
یارِ لگہٕ مار ییچانس تہٕ لولو

ییتہٕ ییتہٕ ییمہٕ ہا دِتہٕ چھم نہٕ موٗلُ
ییتہٕ للّٰہ، ییہ تہٕ پایس تہٕ لولو

زیتہٕ عشقُن للہٕ وُن پیوٗمُت چھم
ژالہٕ کوتاہ باٰلی، بیکس تہٕ لولو

زیر و بم نکہٕ سرٕ کوٗر مرِدو حق
لے تھاٰوِکھ سینہٕ شاہس تہٕ لولو

حابہٕ حاے نوٗرس جلواہ دِتھ
دوہ ہیہ آکہٕ گو سوٗر طوٗرس تہٕ لولو

پوٗرِ ساما نہٕ ہا وتم نوٗرِ النور
یارِ حاٰیِنس زوٗرِ روزنس تہٕ لولو

نداگ ہا ہیمہ یوٗجوین تہٕ ناگن بیچھ
جان وٹھیدیو باغ چھاونس تہٕ لولو

تاب چھُمنہٕ خابے مُنزِ ہا وتم پان
بلاے میاٰنس پیش اَتہٕ نس تہٕ لولو

عاریما نے وونی میون حارے کرِ
لایہ نایان منز نارس تہٕ لولو

لولہٕ کرہٕ ہے روٗف لولہٕ باغس منز
متہٕ کر تم پوہ مارس تہٕ لولو

لیہٕ لوسم وُچھان ییہٕ نا یار
بھترِ یاوٗن تر آلوس تہٕ لولو

آم سوران یاون ہا ییے گوم
پوہ مارس تہٕ دوہ بجہٕ نسنہٕ لولو

لالہٕ لوے تھم سینس لولہٕ خنجر
گوم پنجرِ کوو سعدرس تہٕ لولو

ڈیکہ چھوٗنے زوٗنہٕ کھوتہٕ تابٲنی
گمہٕ شوٗبان ہُمہٕ وُنجرس تہٕ لولو

چشمہٕ آہو چھا کِن مۆدے خانے
اُلفہٕ کُے آے نستہٕ خنجرس تہٕ لولو

عارہٕ رُستیو پٕرادرے کوٗتاہ کال
کیہہ کھٲے چھتس پیچھہٕ دارس تہٕ لولو

کامہٕ دیوو یامن ہتاوہم چاے
آمہ طوفان خام دڑایس تہٕ لولو

کنہٕ ژھارُن وتہٕ وتہٕ وُچھانی
متہٕ روشتم ییتہٕ آہستہٕ لولو

یژھہٕ چانے لاجوم سعوہ تہٕ ساز
یژھہٕ چانے کژانہٕ دڑابس تہٕ لولو

دادہٕ چانے دٕمہٕ دٕمہٕ چھس دیوان
خم ژاموقدٕ سروس تہٕ لولو

دوہہ درگوم ژیاران عشقہٕ متے
گاران ژییے باغ چھاونس تہٕ لولو

لالہٕ کوتاہ ژالے دوٗرہ چون
پان ماریتھ کوہِ قافس تہٕ لولو

ہاوہٕ ہکس سنہٕ ہاو جگرکو داغ
سروندٕ لیہ آتھ ناوس تہٕ لولو

دوٗرہٕ ہاوتم مےٚ للہٕ روے انور
حورہ لگہٕ یو پورہ ماہس تہٕ لولو

وولہ ہاو سے کلہٕ چانے کیاہ گوم
شُلہٕ دڑایس چانہٕ ہاو سنہٕ لولو

کنہٕ روٗد ہیم متہٕ ثبتہٕ توٗرے ییمہٕ ہا
زہتہٕ ہیومت چھُم سینس تہٕ لولو

تتہٕ ساقیو متہٕ وونی پڑارہٕ ناوتم
دیتہٕ داماہ محموٗدس تہٕ لولو

(۳۶)

ناوہٕ سٲلس سو ندرا دڑاسے لو
مارہٕ زُلفن ہو مار گژاسے لو

نوٗرہٕ شبرژے وتہٕ واں وژاسے لو
ڈیکہ گُنڈی گنڈی سٲلس دڑاسے لو

طاس ہیرہٕ ہیرہ آسہ بلاسے لو
خاصیہ پانس ماران گژاسے لو

خوش پسند امیر باسے لو — سازو سامانہ کرِتھ دژاسے لو

تازٕ عاشق وٕ لِکھ ماسے لو — پیشوازَن ماران گژاسے لو

عشقہ مرٕ شرے اشراف باسے لو — مشرب وچھ شامن دژاسے لو

سیتھو وستہ ہیتھ ژہ تٕہٕ کیو داسے لو — موختہ مالن چھے ماران گژاسے لو

مار تٕہٕ پان گژاکس کیاسے لو — کاٗر لوٗسیم تہ باوُنس داسے لو

سائرِ سنگار کرٕ تھم حناسے لو — والی کنن چھِ ماران گژاسے لو

باغِ نشاط چھُم کنھ شاسے لو — توٚت عاشق رنگہ رنگہ دژاسے لو

چھپنو پیالن چوان چاسے لو — مس کھاسِتھ ماران گژاسے لو

لالہ بابنو مالکس گیاسے لو — لالہ ژھاران پیٚیم ناسے لو

ڈالہ نوان فقیر باسے لو — ٹِکہ مالن ماران گژاسے لو

سال کران لوٗسیم پاسے لو — لال کرٕ نا منتو مشند پاسے لو

تیلہ بلہ تس کم کم جاسے لو — رنگہ ناون ماران گژاسے لو

حضرت بل عشقنے ژاسے لو — محمودس چھُ تمو شند ساسے لو

ہے اُنز راوٕ لانبو نیاسے لو — شائمیانن چھُ ماران گژاسے لو

## (۳۷)

کرساۓ میون نیاسے انسے — ماری منز سے مدن وارو

ژھوپہ مٹا مکھ ہمنہ ہنے — ونہ آہم نہ ووفا دارو

گوژھ ہم سے تر وژھٕ گنے — ماری منز سے مدن دارو

شبہ اکہ یلور یتم — یارٕ ہیانہ ستم گارو

روشہ دیدار دِتم　　ہارِی منڈسے مدن وارو
سوتہٕ چھم یامہ دِدن　　کامہ دِوو جانا وارو
تنہٕ ووتم سۍتے رِون　　ہارِی منڈسے مدن وارو
دِل و جان نیوٗکھ ژھلے　　بٹیہ ونتہٕ بہٕ کیشاہ دارو
سینہٕ جیپانہٕ شمبلے　　ہارِی منڈسے مدن وارو
کوٚ چھک دوٗر ژلن　　مۍ گرٕ جیاگیٚ گل وارو
کرٕ کیشاہ لاگیٚ ژھلن　　ہارِی منڈسے مدن وارو
خستہٕ دِل گیسہ خراب　　مسہ چھوکھس شراب خارو
چھاوتو ہی تہٕ گولاب　　ہارِی منڈسے مدن وارو
کوٚ کرٕ ہقس بہٕ سگۍ　　ہیٚٹہٕ تلہٕ کے موختہٕ ہارو
گنڈٕ بھو اکہ لۍ　　ہارِی منڈسے مدن وارو
ژھونڈنا مکھ سر خدن　　کوٚ نال تھم بدن نارو
نینہٕ ووتم سۍتے ودن　　ہارِی منڈسے مدن وارو

آو محمود گدا　　زار دِنان زور وارو
بوزتم بہر خدا　　ہارِی منڈسے مدن وارو

(٣٨)

دمہ دمہ چھم جیاگیٚ گل گنن　　بشنو عزیز جان من
مشتاق گوسے صوٗرژہے　　دپ تم یہ صوٗرت کمۍ دِژہے
نوٗر تجلے چھے ننن　　بشنو عزیز جان من

مےٚ اوس چونےٚ آرزو — روٗزِتھ یہ ووچھہ ہے روبرو
تی یارٕ چھمنو زاہ بنن — بشنو عزیز جان من

مس کھأسی چشمن چھےٚ خمار — ڈیشتھ یمبرزلہ گئے بیمار
چھی ہرنہٕ رٲوزِتھ منز ونن — بشنو عزیز جان من

زاگیتھ زٕ نےٚ دل نیو تھم زٕ چھلے — کس ونہٕ کیاہ کرٕ کوٗت ژٕلے
ژشتے مو جنبتھ ماژھینن — بشنو عزیز جان من

شہمار زُلفو ووٚل مےٚ زال — اُلفتہٕ رستیو وُچھتہٕ حال
بچھنس یہ دولے وُچھہ تن — بشنو عزیز جان من

ابرو کمانے کشس مہ کر — تس دارٕ نُندی ہے کھشن مہ کرٕ
یس تیرِ مژگان یم سنن — بشنو عزیز جان من

غم غوچھنہ تراٲوِتھ تو شتم — ناحقہٕ متہٕ سأ ہ وشتم
مورُس یہ اُمو پیأنی روشنن — بشنو عزیز جان من

نوزُک کمر چھےٚ اُوسلے — مہ تہٕ کھوتہٕ واراہ زاگولے
ژھینہٕ نک ہیم آہن پنن — بشنو عزیز جان من

شیرینہٕ فرہادن ہوس — افسوس کوتس خسروس
بیچارٕ مور کول کھننہ نن — بشنو عزیز جان من

فرہاد تہٕ مجنون بنیہ فنا — شیرین تہٕ لأل گئے کوٗت ننا
کیا سن تیمن کیاہ گے ونن — بشنو عزیز جان من

ییتہٕ رود ہیم یار وسینے — لے نو روزان چھم زنے
دود آم دوران ماز چھوتین — بشنو عزیز جان من

سرو خسرانو دوہلو کوکل پریشانو وہلو
دل چور کھو کوہ دامنن بشنو عزیز جان من
پھیران لوئیس کوہ بکوہ روان وو تمُ داخہ دوہ
فرئی یاد میون گوئے ناکنن بشنو عزیز جان من

(۳۹)

پانہ میانے غافلہ اُنے منز منہ اوہ نا وَنے یار
وارہ دوڈس نارہ عشقنے خارہ کرِخہ گوم تنہ نیکار
پارہ پارہ گوم سٹے تنہ تنے منز منہ اوہ نا وَنے یار
جوش دِہ تک پوشہ زن چھنے ہوش نیس بخہ اُدہ مونہ چھونے خار
وَدہ بلبل لگہ وُچہ نے منز منہ اوہ نا وَنے یار
خالی پنجرہ مور میٹلہ چھونے گرِشہ وُبالی جانا وار
کالی دِہ تک اُدہ ٹس گونے منز منہ اوہ نو ونے یار
یارہ شندے دود یس سنے کارہ نشے پیومُت بیکار
وَنہ سٹے یس پانس بنے منز منہ اوہ نو وَنے یار
بروتہ ٹہ پتے سولن وہ گنے نوَرِ نعہ دا وُچھتن آشکار
ییمی سرِ سے تی بروتہ ٹہ کنے منز منہ اوہ نو وَنے یار[۲]
کتہ بیوہ ٹک وتہ پکونے دَتہ تراوی زہنہ پنُن کار
ییٹہ پہ جچُہ تتہ تی سنے منز منہ اوہ نو وَنے یار
پان پنّن یس پرزنے خانمانس وانس بیزار

جان جانان چھس بٕرٛتھ گنے — مٔنز منہٕ اوی نو وَنسے یار

محموٗدس ییلی کل گنے — موبوٗدس پننہٕ نیس وَنہٕ زار

تس ننتہٕ اُدٕکُس ونے — مٔنز منہٕ اوی نو وَنسے یار

---

ےا ادکُس گوہنے = ؟ کائی دٔپھ اُدٕکُس گنے (قٔرن) ۲ے
وٕنی بہٕ دٕمس سٕنز وہگنے۔ نوٗرِ ظہوٗر وُچھن آشکار یہی ہبر تی مٔنز تنے
(قٔم)

۴۰

یارٕ میانیو مارکٔن مٔنز یان ہوٗوتھ تی پٔزیا

تارکٔن مٔنز ماہِ تابان مٔنز چھوٗوتھ تی پٔزیا

گُل رخسن ہیچھ چھےٚ زٔن سُمبُل موٗےسُمبُل دستہٕ

گو پریشان بُلبُلن دِل نمبلوٗوتھ تی پٔزیا

اے کمان ابرو بہ رمزہ تیرِ غمزہ نوے تھٔم

باشہٕ کران عاشقِ بیچارٕ پوٗوتھ تی پٔزیا

در کمندِ کوکلِ تو گو دلِ دیوانہٕ بشد

مار زُلفو سیتی عاشق مارٕ نوٗوتھ تی پٔزیا

در تمنائے وصالت راتھ دوہ وو تم وُدان

میانہٕ کھوتے دُشمنن دوس تھوٗوتھ تی پٔزیا

میانہٕ یادٕ سے عشقہ نار سے زول ہتھس بو تشنہٕ لب

زٔنگہٕ میانے خشکہٕ بند ا پیالہٕ چوٗوتھ تی پٔزیا

نازنینا، ماہ جبینا محرم راز اوس ہم

با رقیب دیو سیر یتھ سیر بوڈتھ تی پیزیا

آگہ میسانیو ناگہ رادن بیٹھ چھسے ناگے ہوان

داغ دل تھوو تھم ژٔ نے کس سیتھ باغ چھوڈتھ تی پیزیا

کیشہ پارأوتھ مے ژٔ نے کیتھی شیشہ بری بری تھاوکھ

دیشہ ہیوٚن یارا ژٔ نے پانس نشہ سوو تھٲنی پیزیا

سرو نازا پاک بازا شب بباُزی باگدام

کوکل وبشد قباژٔ نے مُژ روٚوتھ تی پیزیا

از جفائے مَن نفاہ کیتھ اوی نوائے بیوفا

عاشق بے چارہ محموٗد کیانہ ژٔ روٚوتھ تی پیزیا

(۴۱)

ہاژہ لا ژوٚل ہم ژوٚرے — راوہ روو تھم شوٚرے پان

مارہ متے یوہ بہ تھم موٚرے — مارہ کرہ تھس، ہے ارمان

خوٚرِ پیتھم للہ وٲتھ موٚرے — راوہ روو تھم شوٚرے پان

کور کھسیتھ ژوٚلہم گوٚرے — پاد لوٚسیم پیتہ لاران

کتہ روٚد ہیم روٚشتھ دوٚرے — راوہ روو تھم شوٚرے پان

چھوکھ چانی چھم شیوقہ طمبوٚرے — سعہ کھ معہ کھ چھم لکھہ گیلان

اسہ دعون کرسنہ سمبوٚرئے — راوہ روو تھم شوٚرے پان

پان ناون گوہ نگہ کستوٚرے — پیتہ چھاونہ وندہ بے جان

چھانہٕ ژٕ کمہ نو روزِ بستوٗرے    راوٕ روتھم شوٗرے پان

ژوٗر ژٕندٕن سوٗلمٕ رسہٕ پوٗرے    ہیہ پیچھ داٗن پوش شوٗبان

ہے کیتیا گوم سوٗیہ اُکچھ نوٗشے    راوٕ روتھم شوٗرے پان

دَسے نے دِیہ ڈیٚکہِ سنے پوٗشے    وٕہی مرِژہ چھینہٕ کُن پوشان

غمہٕ سیتین تمنا ہوٗرے    راوٕ روتھم شوٗرے پان

پیٚیلی صاحب لوٗ دُمت لوٗرے    کریٚہ کُلٌّ مَنْ عَلَیْہَا فَان

چون فراق چھُم تا لوٗرے    راوٕ روتھم شوٗرے پان

کتہٕ ژہارِ سے ویرناگ ڈوٗرے    تَتہٕ محمود چھُے آسان

پان ہا وتم ژوٗرے ژوٗرے    راوٕ روتھم شوٗرے پان

---

عا محموٗرے یہ سعہ مبراو

## (۴۲)

سَکہ پاٗری نیر کرِ سے زنشار    روز تمَ یارٕ بوز تمَ زار

ژٕے چھیم گُل تہٕ ژٕے گُل زارٕ    بُلبُل نالہٕ دِوان سگے

گرِ شھان گُل بر سہ ژان خارٕ    روز تمَ یارٕ بوز تمَ زار

باریک بُمہٕ سپھے تلوارٕ    مائرِ تھ رُمہٕ رُمے کینتھ

متے چھُم چون سپدٕ آمارٕ    روز تمَ یارٕ بوز تمَ زار

گرٕ یو پرِنگ ژٕندٕن دارٕ    وندہے جان وجگر ژٕے

سعٕندٕ ہم ژٕے روٗس کتہٕ شندارٕ    روز تم یارٕ بوز تم زار

شوہان کیاہ چھے زلفچہ تاءِ — تولن حپائی مورُس بو

ڈولان کیتہ چھ آنْد مزاءِ — روز تمَ یاءِ بوز تمَ زار

دوُل تھم ژسے کالہ شہاءِ — ٹچھتھس بال ؤچھتہ میون حال

کرٹھس لولہ کرَ تیج ماءِ — روز تمَ یاءِ بوز تمَ زار

دئیت تھم برم جودُگاءِ — ژلہ دُن دود للہ وُن چھم

ژھلہ موژل گیمو کاءِ — روز تمَ یاءِ بوز تمَ زار

ٹیشمن کوناہ چھے خماءِ — ششمن حپائی مورُس بو

ہیرے پرنگ ہنگہ طوُماءِ — روز تمَ یاءِ بوز تمَ زار

یمبرزل چھس لولہ بیماءِ — بہ مبرس کتیہ سائ شھاماس

وُنچھان لوُسیس کوتاہ پراءِ — روز تمَ یاءِ بوز تمَ زار

یارسے میانے کلِ آتار — ہیمالہ ہاءِ کرٹھس بو

داغ جبھس مولہ زاءِ جبھس ناءِ — روز تم یاءِ بوز تمَ زار

منے ہے کری تھم جگرس پاءِ — لارسے پتہ ماءِ سے پان

اُتی روز تہ شہسواءِ — روز تمَ یاءِ بوز تمَ زار

سورنا کائنیہ رُود کساءِ — سارنے سور حسنک چاو

کینہہ گے وارِ کینہہ آواءِ — روز تمَ یاءِ بوز تمَ زار

یاونیہ ژھوہ ہار دوہ تاءِ — ہارس ٹاٹی سپنان خان ۲۶

بہارس بتیہ پتمَ لوکچاءِ — روز تمَ یاءِ بوز تمَ زار ۳۶

یکھنا یاءِ بتیہ دو باءِ

تمنا نیرِ محمودس

بلہ یو جانہ اکہ اشارہ
روز تم یارہ بوز تم زار

---

۲ا ژمے ووُل تم نال کالہ شہمارہ (بیٖپیس جایہ) ۲۷ سپتان چھ
(بیٖپیس جایہ) ۲ ۳۲ رنیہ وُنی دند چھی موختے ہارہ

خندہ چون قند کھوتے جان

مند چھاوتھ ست سیتارہ

روز تم یارہ بوز تم زار (بیٖپیس جایہ)

(۴۳)

ژھارتھ نارہ واون آربن　　گے موکلن لستو ییے لو۱

ویتھ وانہ اتھ کیاہ چھلن　　ہانز تم چھی چھستو ییے لو

کتھ جانہ بوزتھ طوطہ کلن　　گے موکلن لستو ییے لو

بالی ییے چھی کتہ والی الن　　فوتہ پھلو چھی پھتو ییے لو۲

گرایہ جانہ عاشق ہوشہ ڈلن　　گے موکلن لستو ییے لو

مستوری چھک کستور ملن　　حورہ دزتھ پھتو ییے لو

نور جانہ چھم قوہ صور ژلن　　گے موکلن لستو ییے لو

یم کالہ سرف نال ولن　　زالہ لاگتھ گیتو ییے لو

ژھالہ نوان کرن موکلن　　گے موکلن لستو ییے لو

سمبل چھ صبحکہ واوہ پھولن　　چھاو تہ نند رہ ہتو ییے لو

رُح گرٛٹھان تانٛہٕ ضنوٗ فہہ لٕن  گےٚ موکلٕن لٔشتو ییے لو

بُمہ چَپ نہٕ ڈیشتھ تیپر ہٕلن  ویر گرٛٹھان گٔشتو ییے لو

قوٗرٕبان[3] لگےٚ کانٛہٕ غُلن  گےٚ موکلٕن لٔشتو ییے لو

خُمار چھےٚ یمبرزہ لٔن  گےٚ بوٚمبوٗری ۂشتو ییے لو

شیوٚد وُچھیتہٕ بیمار بَلن  گےٚ موکلٕن لٔشتو ییے لو

مموٚد[4] پوٗشش نہٕ لاگٕی ژھلن  چاگٕی چھعہ کہہ چھم ۂتو ییے لو

اَرمان گرٕسنہٕ دوہہ ژھٕ شہلن  گےٚ موکلٕن لٔشتو ییے لو

---

۱) لولو یہٕ ژھارٕتھ آربَلن  سےٚ گٔیہم کلٕن چاگٕی لعلو (ق ن)

۲) چھٔشتو ییے لو (ق ن)  ویٚر = بوٚہرٕ ۳) بانگہ یاگٕی لگےٚ (ق ن)

۴) کانٛہٕ فُسل = تیپر پیٹھ ۵) صُبحکہ واوے شمبل چھ چھولٕن - بوٚمبر گرٛٹھان ۂشتو ییے لو (ق ن)

(۴۴)

اُری یہٕ رنگ گوم ژتراونہٕ ہیے  کرٕ ہییے درشُن دیہے

نہ کہہ ہوونم بُرتے تیلی  چھعہ کہہ دِتھ یار ژوٗلم ژھلیٔ[1]

وُچھتہٕ تیہنٛز[2] سے اپز دٕریے  کرٕ ہییے درشُن دیہے

ژھاپہ روٗزشتھ گومے اپاری  پاپہ ٹھدس گٔنس بہٕ پاری

روشہ وٕنِس خوش آدٕ پییے[3]  کرٕ ہییے درشُن دیہے

مُژرٕاوِتھ نیوٗنم[4] سعونیے  بتہ کرٕہس رٕدہ لٔس موونیے

گوم ژراوِتھ رچھ رہیے  کرٕ ہییے درشُن دیہے

سائلی سنگار چھس کیاہ زالن     چھس‍نہ مے کُن دِل تس رٹن
والی کنتن مے بالی یئے[6]     کرَ یییے درشُن دِیے

عارنس اُمر داوا دارن     موختہ ہارس چھس کوت ترارن[1]
ژوتیز رُوزس بہ بیتھ ژگئے     کرَ یییے درشُن دِیے

رُمہ زالو چھ شُہے ونجے     چھُم کران وانجہ کھنجے
سبز پوش چھس ووزالیے     کرَ یییے درشُن دِیے

قسند نابد آرد مُتیے     فسند کرِتھ ژولُم کوتیے
نعشند کرِ نم لوکن ستیے     کرَ یییے درشُن دِیے

موختہ نورس پونپور دشن     سوختگی نو مے زاہ مشن
پوختہ کارس خوش گوم پیئے[8]     کرَ یییے درشُن دِیے

آمتاوے کیہ شاہ نجس     شاہہ سوندر پائن لجس
نامہ پاغام تس کُس نیے     کرَ یییے درشُن دِیے

زرہ وول چھس کوتاہ زرِ سے[9]     بہ اَتہ تم ہا دِلبرِ سے
محمودس ارمان چھُے     کرَ یییے درشُن دِیے

---

۱؎ چھک ژہ ہانزال، ہانزلی (ن مہجور) ۲؎ رہیہ بن کمو نو ویے (ن مہجور)
۳؎ وُچھتہ تہ ہانز اپز زریے (ن مہجور) ۴؎ نیوم کمہ سو نے (بیاکھ قلمی نوسخہ)
۵؎ زاہ مے سپتین دِل چھس نہ میلان (ن مہجور) ۶؎ زالی وانکو ہا نکل کھیے (ق ن)
۷؎ چھس تراران (بیاکھ قلمی نوسخہ) ۸؎ پوختہ کار پان ستے اوسو نے (ق ن)
۹؎ زرِ زا چھس کوتاہ زرِ یے (بیاکھ قلمی نوسخہ. ن مہجور) پوختہ کارا مے رود ییے
(بیاض مہجور لائبریری)

## (۴۵)

سوزِ ژٕنگ پٔژ گیشا وَنے — روزٕ دَما بوزٕم کَنے

کامہٕ دِوو جاسے پیرِتھ — شاہہِ لٔٹ گوہم نیرِتھ

تَتہٕ کونو آیم پھیرِتھ — یَتہٕ یارو گوہم ژھینے

چانہٕ دوٗرہٕ گوٚم بدن — تَتہٕ دوٚہم کوتاہ وَدن

دَردِ نَین چھُکھ شرندن — پان ہاوتم ستھ گٔندِ وَنے

چھکھ بہٕ دِلے ژٕ سٔے کُن مُشتاق — وُچھتہٕ یارو سٔے کُن ماگھ

کَس بہٕ وَنے جُدٲیی فراق — چھُم سٔے وانٛتہٕ گَومُت سَنے

اُمرٕ بہٕ رنگ گوم شراوِ ہیے — داٗمن پوشس ڈیپتوس پیے

سمکھ مے کھے درشن دِیے — بَرِ گژھس ہمہ چھاوِ نے

ہا کونو چھُک ژٕ بوزن — یاوٕ ہنٛز دمہ ساکھنا روزن

کٲلی قاصد نادس سوزن — کیاہ کورُوتھ جائِ چِل زِنے

تھاوٕ قدم بہیتھ دماہ — ثرا وخُدسیٚ چھُم یاوُن براہ

حالہٕ اَکے دزان شماہ — بالہٕ پانٛسے آو زالہٕ نے

عشقہٕ دود چھوٗرسیّدینؔ تسادن — حالہٕ پتم وُنہٕ چھئے آدن

بالہٕ بٲلی کُنَن چھِ کنہٕ وٲلی — مٲلی بٲلی مے گژھِ وُ بٲلی

قسبرِ بہن مرِتہ چھُ کالی — تَتہِ ببرے گژھان وِسنے

بس کرٕ دوونی شیشنے ستم — یَتہٕ ستاہ درشن دِتم

نتہٕ پانس گُنے نتم — توشہٕ کوتاہ خرش سپنے

ایشہ بر چھی مسکو شیشے    زینہ وٗلو ژٕ مے رنشے

خاصہ پانس ییر چھپے کیشے    بہتہ دماہ مے برٛونٛہہ کنے

تیل بل کیشاہ آب و ہوا    خفہ لدٕن داد ین دوا

چون مشتاق چھس بے نوا    داد کر بلم ژٕ ڈیشہ نے

شالمار چھے پھولمہتہ لاے    لالہ یکھنا ژٕ میانہ ساے

سینہ بسینہ ژٕٹھہ نالے    کینہ ژٕ لیم چانے پینے

باغ نسیم بوئے گوشن    بالہ یارس ڈیشتھ توشن

حال میونے ژٕ ئے چھے روشن    روشہ ونے ژٕ کیشاہ ونے

آس پراران در باغ نشاط    پان ہیرم چانے وشات

خوش پسند بتیہ اہل نشاط    ساز ریتی ژٕ ئے کیتھی انے

منز ڈلس چھے چار چنار    عاشقن ہند جایہ قرار[3]

جایہ سبز سیاہ بہار    کمہ نیا ژ یوان کھینے

چھولی[4] گلاب باغس    کتہ زانس ینہ نس آغس

دستارس اندر لاگس    تانہ گلاب مشک ہینے

محمود دنیا چھ گفا    ڈھونڈ یاون چھ بے وفا

نی کر یہ مے وانہ نفا    اہل صفا ژٕ ئے سیتھ پینے

---

۱۔ ہر گیم ہی چھاونے (کشمیری موسیقی) ۲۔ بالی یہ یتھ یالی بالی
بالہ کنٛ شرکباں انہ وٗالی

۳۔ عاشقن چھے تتھ جایہ قرار ۴۔ لج پھولے گلاب باغس (کشمیری موسیقی)

(۴۶)

اَز مےٚ اول آو دُچھ ہیتہٕ وارٕ ے — اَز مےٚ ہاو دیدارٕ ے لو

مُشتاق ژیٚنے پتھ گوس آوارٕ ے — دُچھتو سچھےٚ ماغارٕ ے لو

گُنتہٕ کوٚرٕ کرٕ تھس چھس ناچارٕ ے — اَز مےٚ ہاو دیدارٕ ے لو

چھےٚ نستہٕ خنجر کرٕ تیغ دارٕ ے — ڈیشتھ گےٚ کیتہٕ مارٕ ے لو

زخمن چانین ہُتہٕ سر دارٕ ے — اَز مےٚ ہاو دیدارٕ ے لو

ژھلہٕ دِل نیوٚتھم اکہٕ اشارٕ ے — بلہٕ کتہٕ چھس بیمارٕ ے لو

دُچھتو کوٚت کال کرٕ انتظارٕ ے — اَز مےٚ ہاو دیدارٕ ے لو

سیاہ چشمہٕ چھےٚ آبدارٕ ے — نچھتھس کالہٕ شہمارٕ ے لو

اَمارٕ چانے ہُتہٕ یان مارٕ ے — اَز مےٚ ہاو دیدارٕ ے لو

ڈیکہٕ ہیٚنہ شبہ نےٚ ٹِکہٕ طوٚمارٕ ے — ہیٚٹہٕ کےٚ ہامو ختہٕ ہارٕ ے لو

گمہٕ ہتہٕ جمہٕ چھےٚ ژندرہٕ دارٕ ے — اَز مےٚ ہاو دیدارٕ ے لو

مزٕدار سبز پوش گُل اَنارٕ ے — ووہ زلی چھس روخسارٕ ے لو

غوٚنچہٕ متہٕ رٹھتم گوس آوارٕ ے — اَز مےٚ ہاو دیدارٕ ے لو

ژاوان عاشق اَشہٕ چےٚ دارٕ ے — ہیٚ چانی چھاوان ہارٕ ے لو

شہر اوٚن باشے دوہےٚ پرژھ کارٕ ے — اَز مےٚ ہاو دیدارٕ ے لو

خون جِگرس چانے ہو کارٕ ے — چشمو پیالہٕ ہارٕ ے لو

خراب کرٕ تھس شراب خارٕ ے — اَز مےٚ ہاو دیدارٕ ے لو

شانگس نو گام کتہٕ بو پرٕ ژارٕ ے — وہٕ ہےٚ حالِ اسرارٕ ے لو

لاشکہ چھکھ تِہ ماشوق پرائے — از سۆئے ہاو دیدارے لو

یدوان ونہ ہے ہمہ تہ سائے

بدنام چھکھ کو تہ ہارے لو

محمود گامی لیس بوزناو پائے

از سۆئے ہاو دیدارے لو

(۴۸)

آمارِ چانے چہ یاون ہار — ووہ لو یۆری بے ووہ فایارے

دِژا اصتم تہ بم تہ نیو ستم دل — مدہ گو نو ناله لا جبتمس رگل

خبر چھنم کیتیو پزارے — ووہ لو یۆری بے ووہ فایارے

خمار ہاولۆدی تِہ نخشے — کرشمہ چھے برہتہ چشمے

بُتہ مور ھتمس تہ سے خمارے — ووہ لو یۆری بے ووہ فایارے

بۆ مژہ غمزِ تیرو سپتو — مے ہیو کو مشتاق سپدن کیتو

ترک تازے کماں دارے — ووہ لو یۆری بے ووہ فایارے

تچھے تیر نیز کھوتے تیز — سپھا تیز خنجر خوں ریز

سمن سینے سپر دارے — ووہ لو یۆری بے ووہ فایارے

پزیا دِل نیحتہ زۆ وسن ناگُن — یہ کوتاہ بے وفا لاگُن

جفا جوئے ستم گارے — ووہ لو یۆری بے ووہ فایارے

سپھا پوم یارِ دوہ ژالُن — تِہ ہیز ہے یارِ میون مالیشن

چھُسے محمود بے چارے — ووہ لو یۆری بے ووہ فایارے

(۴۸)

پری رو خسار مستانے　　مہ کرٔ دیوانہٕ گی سے

ؤسنے یہ داد و دستانے　　مہ کرٔ دیوانہٕ گی سے

ڈیکس چھے جان نورانے ۱ع　　یہ کس سینہٕ آسہ بنے

حقس چھے نور نشانے　　مہ کرٔ دیوانہٕ گی سے

رخس خال سیاہ دانے　　یہ کمٚ پادا کورٕ سے

چھُ ہشوند آمت ہندوستانے　　مہ کرٔ دیوانہٕ گی سے

خنجر نس بمہ کمانے　　ونجر کیاہ جان سپھےٚ

ژٕھٹے لوسے ہتھم تیرٕ مژگانے　　مہ کرٔ دیوانہٕ گی سے

ؤسِتھ ژن پوس اسمانے　　لیکھِتھ کیاہ گوم دٕسے

ژٕھٹے کور ہتھم بالہٕ خطانے　　مہ کرٔ دیوانہٕ گی سے

سیاہ مار زُلف پیچانے　　یہ کیتھ پانٕھ اوٚنتھ لئے

نشانہ یا بہ آفتانے　　مہ کرٔ دیوانہٕ گی سے

بہ دزایس سور سانے　　۲ع سنہ دِلبر میلہ نئے

بہ ژھارن خانہٕ بخانے　　مہ کرٔ دیوانہٕ گی سے

مس کھاسی چشمہ مستانے　　۳ع زٕبہ پانٕھ وچھ نئے

اسہ ؤنے غنچہٕ دہانے　　مہ کرٔ دیوانہٕ گی سے

پترِ یزل ونی دند دُردانے　　شکر لب ودہ زالی سے

کھتھا کرتم سوخن دانے　　مہ کرٔ دیوانہٕ گی سے

مَدنو چھس بہٕ پدمانے　　ژٕ سے رؤ ستے کیا بہٕ کرٕ

میون دست چون دامانے　　مہ کرٕ دیوانہٕ گی سے

چھُے یوسف ماہِ کنانے　　غرق کیتیاہ گے

دریں چاہِ زنخدانے　　مہ کرٕ دیوانہٕ گی سے

ژٕ چھکھ جانِ جانانے　　کرٕ سے بہٕ عاشقے

مَتہٕ زانتم بیگانے　　مہ کرٕ دیوانہٕ گی سے

سو مبر نار پستانے　　ہمن کمۍ گوڈ بہرے

بدن چھے باغِ بستانے　　مہ کرٕ دیوانہٕ گی سے

وٕنیتھ کس ہاوی لدانے　　ہُنیتھ کیتیاہ آدمے

ژٕ انتم حیلہ بہانے　　مہ کرٕ دیوانہٕ گی سے

عرق چھے شبنم دانے　　رو خس مشز باگ ہیے

چھُے نور کس موے میانے　　مہ کرٕ دیوانہٕ گی سے

گرشھک کوٹ سرو دانے　　اسہ کُن ہاو روے

جہ نیرسے موپریشانے　　مہ کرٕ دیوانہٕ گی سے

در باغِ سلیمانے　　چھہ رنگہ رنگہ پھلیے

چھُے کشمیر خوش ہیری خانے　　مہ کرٕ دیوانہٕ گی سے

چیتہٕ محمودِ مستانے　　برٕ برٕ پیالہ موے

ازلی چھک غزل خانے　　مہ کرٕ دیوانہٕ گی سے

---

۱ڈ ہمس ٹکہٕ شوبانے (قان)　۲ڈ متے سوداحیلہ ہیے (قان) ۳ڈ

رٕسے بأکھٹو اولہٕ پیٖسے (قنان) ۴ ژٕ موزانم مٔے بیگانے (قنان)
۵ میخانے (قنان) (پٔتمِم ژورشار چھِنہٕ قلمی نسخس منز)

## (۴۹)

لأنی ژۆرِن لأجہٕ نس داوس — بأ لِی باوس لانہٕ نیاے[1]
پوشہٕ نو لو پرژھنو کاوس — کوٚت گیے ژٕ تم ہا وبناک[2]
پم لانہٕ نیاسے کس باوس[3] — بأ لِی باوس لانہٕ نیاے
ہول جھم مٔے لول بأگراوس — سرٕ تراوس یادٕن تِل
تن من بہٕ آیت بھاوس — بأ لِی باوس لانہٕ نیاے[4]
مُشکہٕ کو فوٚ رٕ تن بوناوس — بو بھاوس آیت پان
بأ لِی اَنتن کأ لِی ماراوس — بأ لِی باوس لانہٕ نیاے[5]
ہی تہٕ مسوٚل دأن پوش چھاوس — بأراوس پٔژنگ تہٕ بالہٕ پوش
ترٕ اَلوس لبہٕ پان ساوس — بأ لِی باوس لانہٕ نیاے[6]
رنگہٕ ریونس مُشکہٕ تن ناوس — ووہ بھراوس کوٚنگ تہٕ ہی پوش
ہشنگہٕ طوٚمار دوٚر اُلہٕ راوس — بأ لِی باوس لانہٕ نیاے[7]
چھٔتر بونِن تِل ووہ بھراوس — مستر بہٕ ہتو ہواوس
ہی مال اَدہٕ کأ لِی ماراوس — بأ لِی باوس لانہٕ نیاے[8]
عشقہٕ ژوٚرس آدمی کھاوس — دوہ ہہٕ اَکہٕ پاوس یاد
دہن دُشمن سعہن مُشراوس — بأ لِی باوس لانہٕ نیاے[9]
کنجہٕ لگہٕ تار عشقہٕ دُرِی یاوس — ویتھہٕ واوس لج موناو

آو لینہ ہے منز مار اوس      بأل باوس لانہ نیاسے[۱۰]

کیاہ کرہ یتھ عشقہ نس واوس

زاہ تہ نو بو باوس حال

کأل محمود واو میلہ واوس

بأل باوس لانہ نیاسے

---

۱ء بأل باوس بنہ نے حال (مروجہ نوسخہ) ۲ء ہاوس ناک کوت گوم (ن مہجور) ۳ء لانہ نیاسے بو چکاوس (مروجہ نوہ سخہ) یمہ نے لانہ نیاسے چکاوس (ن مہجور) ۴ء یہ شار چھ "کشمیری موسیقی" منزہ ےیوت. ۵ء یہ شار چھنہ کشمیری موسیقی کتابہ منز ۶ء مروجہ نوہ سخس منز چھ یہ شار غلط پأٹھ درج. بال تراوس چھنوو کان. وون دشمن سون مشراوس (ن مہجور) ۷ء یہ شار چھنہ مروجہ نوسخس منز. رنگہ رونس پرنگ و ہتراوس. بال ہاوس پیر رتھ پان. (ن مہجور) ۸ء یہ شار تہ چھ غلط پأٹھو مروجہ نوہ سخس منز ۹ء یہ شار تہ چھ مروجہ نوسخس منز غلط پأٹھو درج ۱۰ء یہ شار چھ کشمیری موسیقی کتابہ منزہ ےیوت

(۵۰)

چانہ آمارہ گوس بے تابو      مہتابو لول ہو آم

چشمہ کیاہ چھے مست شرابو      چشمہ روستے نظراہ تراو

منہ چھو رتھ کوٹھس خرابو      مہتابو لول ہو آم

روخسار چھی پھولہ ونی گولابو      سو کھ مو کھے ہاو دیدار

بُجتھ بیٹھے تھوو تُل نقابو	مہتابو لول ہو آم
سیم تن حیا نی چھم سیمابو	بیمہ سیتی گوس نیم جان
نالہِ اطلس یا کیمخابو	مہتابو لول ہو آم
گاہ آتش گاہ چھک آبو	سالہِ وُڈِنے تُل والہِ کن
نالہِ وانکن تُل پیچ و تابو	مہتابو لول ہو آم
چھُم مے دِلس چون اِضطرابو	رُمہ اَکے بیلتو مے
راضہ آسنم کاستم عذابو	مہتابو لول ہو آم

برم چھُ دُنیا زانتو خوابو
غم کاستو محمود سِس

وُچھتہ کاژاہ کرِتھس خرابو
مہتابو لول ہو آم

(۵۱)

دَما بہتو مے برو نیتھ کنے	دوہ لو عشقو وَنے کیشاہ
ژہ آکھ اول بوزم کنے	چانے سیتی آو شہنشاہ
ژٔھے سیتی یوتان مے یکسان بنے	دوہ لو عشقو وَنے کیشاہ
یہ کینہہ ظاہر تی تتہ ننے	یتہ گوہم ژہ پادشاہ
ژہے چھُک تاریخ تہ ژہے تتے	دوہ لو عشقو وَنے کیشاہ
ہوہس تہ نفسس چھٔے ملونے	روحس تہ جسمس تھٔے پاٹھو
تمن دوئن قہر آسن و بینے	دوہ لو عشقو وَنے کیشاہ

ژٕلیے اۆنِتھ یوٗسف کنانے  ژٕلیے مُژراۆوِتھ زُلیخاہ

کیتیٖن ژٕلیے پیٚتھ رووآدنے  دِلو عشقو وَنے کیشاہ

عرش چونے بار ترا لنے  فرشس پیٹھ چھُک ژٕٹھتھ جا

شوٗبان ژٕرے چھُک ہیرِ بونے  دِلو عشقو وَنے کیشاہ

گاہ آکھ پانس گنٛڈِتھ گونے  گاہ آکھ اطلس وٕلِتھ شاہ

عاشق تہٕ ماشوق ژٕرے لاگنے  وۄنہٕ لو عشقو وَنے کیشاہ

فریاد تہٕ نالے دِوان چھِنے  سُراخ کٔرِتھ تِم فِراقن

رِوان چھِس تنہٕ ژٕنتھس ینے  وۄنہٕ لو عشقو وَنے کیشاہ

فرہادن دِیان جو یاہ کھنے  شیرِینے ہاد تِم رویاہ

فریاد دِوان دٔریاو آنے  وۄنہٕ لو عشقو وَنے کیشاہ

شیرِینہِ دۄپ تس خوش سینے  بوزِتھ کوٚر تِمو کنیٖن چاک

دوہ کھ سوین عشقن مو کھ ڈیشنے  وۄنہٕ لو عشقو وَنے کیشاہ

پوخِتن ہُشد اکھ نوکتا ونے  کجاک لائلے رٔکن رٔتھ

ژٕییتہِ چھُک تہٕ جُدا سے چھنے  وۄنہٕ لو عشقو وَنے کیشاہ

پوٚک مجنوٗنس نیسترِ دِمنے  تِمی رٔگے رٔگے رٔتھ

آو لائلے ہُشد ناوِ لیکھنے  وۄنہٕ لو عشقو وَنے کیشاہ

فنا گو شیخ صنعان ینے  رۄم چھ ہیٚنز نے ہوونس پان

عشقہِ زورٕ سورٕ رٕچھنے  وۄنہٕ لو عشقو وَنے کیشاہ

مصحف تہٕ خرقے تِمو زولنے  پوٚرن عشقُن افسانے

صوٗرتھ خالی ازمانے چھنے  وۄنہٕ لو عشقو وَنے کیشاہ

شماہ ونزون چھٹنہ روزِ وُنے — دماہ زائلیتھ سُہ پوشپوٗر

ژٕمے پیتہ تیمہ کیشاہ گٔنتھ کوٗرنے — ووہ لو عشقو ونے کیشاہ

کیشاہ تس زوٗ دزراوشاہ کھاسنے — بووُن نہ سِر تے ژراوُن باکھ

کیٚتھ آسے چانے سیتھ بارنے — ووہ لو عشقو ونے کیشاہ

ژٕمے پیٚر نووُبتھ منصورٕ لنے — ژٕمے کرِ نووُبتھ سِرس فاش

ژٕے دزراکھ نوٗن تے ژٕے وُچھنے — ووہ لو عشقو ونے کیشاہ

کأنسہ موگُزرہن ماشوق ژٕھنے — کأنسہ موگُزرہن جُدائی

فنا گے کیٚتھ امی فنے — ووہ لو عشقو ونے کیشاہ

قنبرٕ چھٹے کران ییرے ونے — خبرٕ رٔد بیتے بوزکھ نو

مرتو عشقن پرتو ییٚنے — ووہ لو عشقو ونے کیشاہ

محموٗد عشقن شراب چینے
خراب کوٗمُت چھو یوٗ وکیشاہ

خراب خانک حزب دِنے
ووہ لو عشقو ونے کیشاہ

(۵۲)

روز دماونے حال — بال مرٕ یو مدٕ نو

مار زُلفو ووٚلہم نال — چارٕ کیشاہ چھُم ژالہ نٔس

چھُم ونِنہ آمت زال — بال مرٕ یو مدٕ نو

ألعف قدمیوت سید دال — دِنیہہ گٔنڈ ڈٕ نم بدنس

مُہنہ نارِ منٛز مو زال    بال مرِیوٚ مدِ نو

پیٛنٛچہِ بہٕہ چھُے میون سال    گُنٛجہ اَچھ دارِ تہٕ لے غم

رٕنٛجہ ناوٕ ٹھَس سوٚنٛدر مال    بال مرِیوٚ مدِ نو

ہُلی تُھشٛنٛڈِم کوٚہتے بال    بالہِ یارو میٛٔلتم[1]

کرٕ قوٚبوٚل چھُے اقبال    بال مرِیوٚ مدِ نو

سنیاسس پیتہ گوپال    وٕنی دِوان جنٛگلن

مَنہِ مچھِچہ کاس وادِ پال    بال مرِیوٚ مدِ نو

مولہِ وائی جبھٹھس نیٛوٕ ہتھ مال[2]    زول چھم نو سوٚنٛدرے

وٕلہِ یارو وُچھتم حال    بال مرِیوٚ مدِ نو

فانامس وُچھوم حال    فال ورٕایام منٛز جان

تھنہِ پرٛاران گوم یُتزکال    بال مرِیوٚ مدِ نو

موٚختہٕ[3] فلکو وُٹھ وَند چھی لال

سوٚختہٕ گوٚر تھم جگرس

محمودس ہاو جمال

بال مرِیوٚ مدِ نو

---

۱ وہتہٕ مو (ق ن)، ۲ شلہِ مشوٹھس نیٛوٕ ہتھ مال (ق ن)، ۳ دُبھ رٕتہ فلکو (ق ن)

(۵۳)

اے ترکِ قباپوشِ یمن    ھُوٚتہٕ ہمن گوشس

مے نوش در آغوشِ سمن    ھُوٚتہٕ ہمن گوشس

ژٕنِے کھتھو منٛے گرٕم پوشہٕ چمن — توشِس منٛے موروشِس

مَس چیتھ رُود ہم نشیہٕ کمَن — ٹھوٗتہٕ ہمَن گوشِس

لب ہاے تہٕ چوٗن لالِ یمن — پیالہٕ مے نوشِس

صد بوسہٕ دِمہٕ کوسمَن — ٹھوٗتہٕ ہمَن گوشِس

کرشانہٕ یمن زلفِ خمن — جبُان[1] چھِی بردوشِس

مستانہٕ ٲری اُمو فطاۓ لمن — ٹھوٗتہٕ ہمَن گوشِس

گُلاب چھُے رُخ سینہٕ سمن[2] — بِیتہٕ در آغوشِس

بوسہٕ ناوِ ہَماۓ موجُمن — ٹھوٗتہٕ ہمَن گوشِس

بِنُماے رُخ خوب ہمن — بُرقہٕ تُل روپوشِس

محراب ہمن ساۓری نمن — ٹھوٗتہٕ ہمَن گوشِس

چھُس سوزِ عشقینہٕ دارِ کھمن[3] — چھُم نہٕ ہمن جوشِس

ازو وونٛدے سر قدمَن — ٹھوٗتہٕ ہمَن گوشِس

رٕتھ وٕنٛد چانہٕ ماٗنٛز نمن — اُچھتھ چھِی ماٗنٛزِ پوشِس

لوچرس ساۓری لوٚنچہٕ لمَن — ٹھوٗتہٕ ہمَن گوشِس

عُشاق چھِہ در خاک ژمن — کوٗرتھ فراموشِس

محمود گوشس چانہٕ غمن — ٹھوٗتہٕ ہمَن گوشِس

---

۱ جانانہ چھِی بر دوشِس (مُروجہ نوسخہٕ) ۲ گُملاب رُخ چھُے یاسمن (م ن) ۳ چھُس سوزان حال دمن (م ن)

## (۵۴)

بڑیوٕ کھائس ہَرسے ژٕ تٕے سودا کیا کرے یارو
متہٕ میانے گوندرسے ژٕچھتم سعہ ندرسے یارو
زوٕن زَن لجِس دَرسے ژٕ تٕے سودا کیا کرے یارو
کوٗر ہتم زَرٕ زَرسے زول نقش عشقہ ذرسے یارو
یہ فراق کوٗت ذَرسے ژٕ تٕے سودا کیا کرے یارو
مٕے سوٗرم بوہٕ سَرسے ینہٕ لبہ زاہ شَرسے یارو
کاستم اَرٕ سَرسے ژٕ تٕے سودا کیا کرے یارو
روشہٕ ووہ لہٕ دِلبرسے بہ شراب کھائس بَرسے یارو
پوش زَن گوس بَرسے ژٕ تٕے سوداکیاہ کرے یارو
ژھونڈمو ستنگرسے ژٕندنکہٕ پرِنگ گرسے یارو
ہنگہٕ طوٗ مارٕ جرسے ژٕ تٕے سوداکیاہ کرے یارو
دژاو محموٗد گرسے[۱] ژوٗرِ پاٹھی توٗری ترسہ یارو[۲]
مرٕ ماچانہٕ شرسے ژٕ تٕے سوداکیاہ کرے یارو

---

۱ محموٗد دژاو گرسے ژھونڈمو سنگرسے
ژٕندنوٗ پرِنگ گرسے ژٕ تٕے سواکیاہ کرے

(اکھ پرون قلمی نسخہ)

(۵۵)

نیاسے ونہٕ ہسں ڈیوٗنٹھم نہٕ وارٕ    آوارٕ کرٕتھ گوم
بہٕ کسں ونہٕ کیث چھُم چارٕ    ناچارٕ کرٕتھ گوم
مَرٕ نشہِ درسے اندرو ارٕ    مَرٕ شہے ییٔیترٕ نترٕ لمیونَم
گرٕ ژھی کیتاہ اوسُم خارٕ    بیدار کرٕتھ گوم
کوو روٗٹھ ہتم غُبارٕ    دوبارٕ وُچھتھ نہٕ سے
توَے دادِ چھَس بیمارٕ    کوو مارٕ کرٕتھ گوم
دیپیامَس مےٚ مَدن وارٕ    بَدن نارٕ زول ہتَم
وَدان چھَس تہٕ اوے نو عار    خمارٕ کرٕتھ گوم
شہرٕ باشہِ سوداگارٕ    زَہر نشہٕ موکر ژبے
کیاہ چھےٚ ہمہٕ کرتیٖغ دارٕ    پارٕ پارٕ کرٕتھ گوم
نرگسِ چشمہٕ چھَس بیمارٕ    ہسأ گتہٕ لسے بو
غائرن ژورِ وُچھنم وارٕ    نظارٕ کرٕتھ گوم
دوٚپ نَم یارٕ ووفادارٕ    ژھانڈان بو نفساہ چون
ژٕ مو پھیر قولہٕ قرارٕ    تکرار کرٕتھ گوم
یامتھ ڈیوٗنٹھُن رِتہٕ آرٕ    تامت تارٕ ترٕتھ گوم
سہٕ کوٗت گوم بہٕ کوٗت لارٕ    آوارٕ کرٕتھ گوم
خبردار کس پرٕ ژھہ گارٕ    خبَر کیتھہٕ نہٕ بو زونا
زبردست زوراوارٕ    دِلدارٕ کرٕتھ گوم

ماشوقہ میانے زور اوار　　تمنا چون محمود سس

پیتہٕ مو یور ہمی دوبار　　دود پشون فرِتھ گوم

## (۵۶)

وُچھان لوٗسس تہٕ گوٚت کال ترٲرٕے　　بالہٕ یارٕ تِکھنےٚ مارٕ سے پان[ع۱]

وَنتہٕ چھم نہٕ مولوٗم توٗرۍ یتہٕ لارٕے　　کرٕ کیشاہ چھس غاۂ زان

مَتہٕ وُچھتہٕ میون حال چھس لٕ چارے　　بالہٕ یارٕ تِکھنےٚ مارٕ سے پان

سورٕ چھو توٗت کیاہ چھے خُمارے　　ویرٕ عیانہٕ سورہم تہٕ ان

یِنہٕ چانہٕ تمنا نیرٕ ہم وارٕے　　بالہٕ یارٕ تِکھنےٚ مارٕ سے پان

چھُنہٕ سکا تِہ ماشوق امہ ہنارٕے　　تا شوق چھُم آرمان

مہٕ نسائٕ زر سے چونہٕ زائے　　بالہٕ یارٕ تِکھنےٚ مارٕ سے پان

خارٕ گوم جگرس رزٕ پان گھاٹے　　نہٕ زمیون چھُک لوزان

درٕ کوٗنہٕ عاشق عشقنے ناٹے　　بالہٕ یارٕ تِکھنےٚ مارٕ سے پان

دِل نیتھ ژوٚ لِہم ہے دلدارٕ　　شُلے مُشتقس شِلہٕ پدمان[ع۲]

دِلہ زار وَنہٕ ہے مَتہٕ دلدارٕ سے[ع۳]　　بالہٕ یارٕ تِکھنا مارٕ سے پان

گنز راوان چھس ژندرے تارٕے　　چھپٕنِہ روز چھم دل و جان

اَندرم حال کس کرٕ اظہارے　　بالہٕ یارٕ تِکھنا مارٕ سے پان

نمیارٕ شِلہ ہم وُچھسِتھ دُبارے　　کتھ شاہ چھُک آسان

سمتھ چھم چانی ہا غم خارے　　بالہٕ یارٕ تِکھنا مارٕ سے پان

یوہ کچھا[۴] رکینہہ تو روزان سارے
بوز کھے سمسار فسان
سوز چانہ ونان محمود زارے
بالہ یارہ پکھنا مارے پان

---

۱ء پکھنے مارے پان (ق ن) ۲ء شلہ مُہہ ہیہتہ پدمان (ق ن)
۳ء ذر دِلہ یادِ رے (ق ن) ۴ء نوم دوہ ہ کاٗتیہ نو (ق ن)

## (۵۷)

مدنو چھُم چون ارمان — ییتاٗ موجان وندیو
آستم یارہ میہربان — ییتاٗ موجان وندیو
ماہِ مش پادشاہِ مَن — ژتے کرِ ہدناوٗ متے میہ تَن
ژ کوتہ چھُک یارِ یوان — ییتاٗ موجان وندیو
روے تہ شمع شب افروز — تتمہ گُے پونپرس سوز
زولنم نارہ زِشتہِ پان — ییتاٗ موجان وندیو
ضما عشقِ تو دارم — کرِ کتا چھُم سبتھا غَم
ژھونڈ مو کوہ بیابان — ییتاٗ موجان وندیو
نتے زن صبح نورانے — پھولہ ژ بارِ گُستانے[۱]
لعلِ لب تو دُر افشان — ییتاٗ موجان وندیو
پوشتَن مالہ کریامے — مسکی پیالہ بریامے

ڏِ ڇھم گُل تہ گُلستان — پيتائُمو حبان وڏيو

وَ بجر بُمھ خنجر نَس — زِ شاخِ[2] تير ڇھي دردس

از پئے جانِ غريبان[3] — پيتائُمو حبان وڏيو

خال بر روئے سمن بشنز — حبشي پوشِہ باغس خرز

قامتت سروِ خراماں — پيتائُمو حبان وڏيو

پيچ در پيچ جيں بہ جبيں — كمندِ ديو بنداست ايں

فِكر ڇھا زُلفِ پريشان — پيتائُمو حبان وڏيو

تو بيا باز بَنشويم — غم دل باتو گويم

دل چوں آم فراوان — پيتائُمو حبان وڏيو

گوشۂ چشمِ سياہي

سوئے محمود نگاہے

اے پادشاہِ حسيناں[4]

پيتائُمو حبان وڏيو

---

(1) بجولہ ون بانع پيشاني - نتے زن صبح نوراني (ق م) (2) سلاح ياير ڇھي دردس (قامي نعہ سخہ) (3) مشتاقاں (ق ن)
(4) اے شاہِ ملکِ حسيناں (چھن)

(٥٨)

عبان ڇھي ہم جانِ جہانے — يان وڏبے ہاجانانے

کلہ وٹندے ہا کلہ والے — لولہ مسکی چاد تم پیالے
پے درپے موے عرفانے — پان وٹندے ہا جانانے
متہ مستانہ ساقی پڑمدے — زنڈہ ماشوقس سیتوگندے
شیشہ پکو عال ماگداسے — پان وٹندے ہا جانانے
سوے کپہ معہ کھے دتم درشن — لولہ باغس بیہتم ورشن
گل پھولان گلستانے — پان وٹندے ہا جانانے
نے چھٹے روان دوان نالے — چاگنی جدائے بہ نوژالے
دور بیٹیس نیستانے — پان وٹندے ہا جانانے
تپہ ریشن بیٹیہ درویشن — نیب میوان روزیں کریشن
ڑھونڈہ مکھو خانہ بخانے — پان وٹندے ہا جانانے
میانہ یارے کمان دائے — وارہ ونتم ڑتے کیادائے
سینہ سپر دل نشانے — پان وٹندے ہا جانانے
صاف سینیم متے آئینے — لول میونے زاہ اوگسے نے
میانہ ماشوقہ مہربانے — پان وٹندے ہا جانانے[۲]
پیچ در پیچ[۳] کو گل چپائی — فکر چھاکن پریشانی
ماہ زلفن کرے شانے — پان وٹندے ہا جانانے
شوقہ منزلے کرے ہوہو — خوب رویو وچھت روبرو
اسہ ونے غوہ نچے دہانے — پان وٹندے ہا جانانے
یام ڈری یاو قطرس منز ژاو — تام قطرس ڈری یاو بیوناو
ڈراو بچھلس انبر خانے — پان وٹندیو ہا جانانے

دوہن چشمن ہندے گاشے      رنگہٕ رنگے وُچھ تماشے

چھُک پانس مشتاق پانے      پان وندیو ہا جانانے

چھُے محمود مُشتاق جوٗنے[۳]

کاژ زوٗنے کا ستم گرٗنے

حال وٕنتھ یہٕ کوٗزانے

پان وندیو ہا جانانے

---

۱؎ چون دوٗر ہر (ق ن) ۲؎ صاف سینے چھُے آیینے ———— دل میونے ژٔ تے اوسُے نے (ق ن) ۳؎ ہر طرف کوکل جانی (ق ن)

۴؎ محمود ازٕ یتہٕ سونے (ق ن)

## (۵۹)

بال کرٕ ھتس مژ دیوانے ہے جوانے ہو

عار انصاف روٗدُے نہٕ دانے ہے جوانے ہو

بوز وَنے داستانے سوزٕ گژھس بو

روز گرٕ ھو آستانے ہے جوانے ہو

کوکلن کرٕ ہی مے سے شانے شانہٕ بڈے ہو

زاہ تہٕ نوتی چھُم مستانے ہے جوانے ہو

بمہٕ چھے عشقنہٕ کمانے چشمہٕ چھے آہو

مارٕ ھتس بو مُوہنہٕ کانے ہے جوانے ہو

خندہ کرؔ غنچہ نچہ دہانے قند شرینچھ چو

ونڈ ہے بو ژُو ییٔ جانے ہے جوانے ہو

سرو نڈے بو سرو روانے یور پتاؔ ہو

یچھ نتے بو یمہ پانے ہے جوانے ہو

ژھور مکھ خانہ بخانے خانہ زادو یو

مار متے مشکو شہ غلانے ہے جوانے ہو

ژوری ژؤلہم شہر پانے پور چھک ماہ رُو

موژ ہیمت للہ وانے ہے جوانے ہو

زور دارے پہلوانے کھورپ چھلے بو

یورکن چھک نہ بیوانہ ہے جوانے ہو

متہ کر تم یم بہانے ژھیتہ کرؔ ھقش بو

کیتہ مجلسہ چھے مکانے ہے جوانے ہو

میہر بانے قدر دانے سیحرؔ چھے جو دو

قدر جائی کسو زانے ہے جوانے ہو

مَدِ وٰ جبھقش لو یہ ترانے ددنا دھقش لو

حدّ نیر یتہ گوموؔ فسانے ہے جوانے ہو

کوڑ یہ محمودن بہانے بوزاسے تُنڈ خو

ایں فسانے عاشقانے ہے جوانے ہو

(۶۵)

اَمہٕ حورِ[1] ماہ رُخسارہٕ اَوِتھ ژُورِ نیوٗتھَم دِل

اَمہٕ[2] دُورِ دَرشُن دِتھ مےٚ سورٕ گژھ حورِ نیوٗتھَم دِل

تَس کرِتھ مےٚ وٕیسہٕ ییےٚ گوٚنگہٕ کستوٗرِ نووٗم پان

کَس زانہٕ دٕ نِتھ حال تَمہٕ مستوٗرِ نیوٗتھَم دِل

دیوانہٕ کرِنَس وُچھنہٕ تَس مادانہ بوٗ انصاف

اَمہٕ شوخ چشمن ظٲلِمَن مخموٗرِ نیوٗتھَم دِل

ہا تن مےٚ گیٚیِم ہا پہٕ گیٚیَس ضایہٕ زُول حال

وۄہ ہیرِن مےٚ اَوِتھ ژھایہٕ تَمہٕ زوٗرِ پٹوٗرِ نیوٗتھَم دِل

مَدنَس پہٕ دٕنی توٗم زدِ گیٚیِم رُوٗ پہٕ بَدنَس

اَدِ کونہٕ دوٚدُس دٲدِ لَد تالوٗرِ نیوٗتھَم دِل

شہمار زُلفو نال وۄلِہم خال گِیاہ چھُس جان

مُشکہٕ سیٖتو بَدنَس جِنٛتچہٕ کستوٗرِ نیوٗتھَم دِل

ژھاران[3] بہٕ ڈرایِس بال وٲژِس گیٚوٗرِ تہٕ ییٚی[4]ژال

پَتگلِشہٕ چھُم کَش نیشہٕ مےٚ مَندوٗرِ نیوٗتھَم دِل

سالَس بہٕ ڈرایِس تیٚلوٗن کُنہٕ یار میلِیم نا

ییٚلہٕ یِم رٕٹِتھ نالہٕ مَٹِن ٹوٗرِ نیوٗتھَم دِل[5][6]

پاغام ہیوان یام وٲژِس شانگَس نوٗگام

اَچھ وٕل سَہ وُچھُم ژُورِ پِتھ کھَندورِ نیوٗتھَم دِل

رنگن مئے ژھورُم رنگہٕ ریوٗن یِہٕ ژٕنگ تِتھ ساتَس

مَس دِتھ تَمِ جتَس بریِنہٕ میچھ ہو کھوٗرِ نیوٗنم دِل

گُچھہ بلہٕ بہٕ ڈرایس شُلیہ لولِچہ کام لوٗسُم دوشہٕ

رابلہٕ وُچھام حیلہ میچھ سطوٗرِ نیوٗنم دل [٦]

محموٗدِ چھُہ نزدیکہ سیٹھاہ دردہٕ نئے یار

خوش کردہٕ چھُہ درپردہٕ رٗوزِتھ ژوٗرِ نیوٗنم دِل

(اکہ پرانہٕ قلمی نوسخہٕ پیٹھہٕ)

---

ع ۱ امہٕ لوٗرِ (اکہ پرٕون قلمی نوسخہٕ) ع ۲ امہٕ نوٗر (ق ن) ع ۳ سالسس بہٕ ڈرایس بال (ق ن) ع ۴ تتھ نیشہ (ق ن) ع ۵ وبیل آم بہٕ رژتن نالہٕ مشن طورِ نیوٗنم دِل (ق ن) ع ۶ یہ شار چھُہ قلمی نوسخس منزٕ نیست۔

## (۶۱)

| | |
|---|---|
| ویسو بیہہٕ بہٕ ڈجنس مائے | لول آم یور ییہہٕ نائے |
| دِل نیتھ رٗوٗد کتھ شائے | لول آم یور ییہہٕ نائے |
| کس باوِ تس کیاہ گے ونن | احوال میون کرتس کنن |
| سونٛدرِ بہٕ گرتس ضایے | لول آم یور ییہہٕ نائے |
| روان دامانے دِنیوم | تس روٗمے مخسوٗنہٕ کیاہ نیوم |
| رٗوشِتھ چھُم کتھ شایے | لول آم یور ییہہٕ نائے |

مُہہ نارٕ وُسوٗنی زاجِنٕس  خامہ بہٕ یامٕن لاعجنٕس
کوٗت گوم یوٗت پھیرِنائے[1]  لول آم یور ییہِ نائے
وُچھان اُچھ لوسم ہرنائے[2]  کیاہ گوس کوٗرٕ دُم ییئے
ہم تن مےٚ کرٕنم ہائے  لول آم یور ییہ نائے
کمہٕ ہا ژٕ لِہ برٕ مرو ونم  برٕ مرو ونم کمُہ چھچھو ونم
سیمیں بدن رعنائے  لول آم یور ییہ نائے
چیکل گنٕٹھ مال، دٕور کن  تقصیر دِتھ نی نہم عاشقن[3]
بُتنز رِتھ ژٕ لُم کھتہ شائے  لول آم یور ییہ نائے
ہا میانہٕ یارٕ ے دردِ لے  دِل نیتھ کوٗ چھتھکُس سیٚلے
اندنا ییہ لانیمُن نیا سئے  لول آم یور ییہ نائے
تس ھا ہلس تُند خو ییۂ  مُشتاق گےٚ سنس رو ییہ ہیے
رنج سنس بہٕ نتھ یوٗت ژھائے  لول آم یور ییہ نائے
در صورتے آں نازنین  عاران ستٕ پُند نقاش چین
مارن چھے ماران گرائے  لول آم یور ییہ نائے
عشقہ مُتہ کوٗ مُرشرا اوٗنس  مُرشرا اوٗنس تےٚ ترا اوٗنس
دیُت مُنس کمہ سعہ نہر دائے  لول آم یور ییہ نائے
گرشھ تےٚ دٕییہ یار ان متنے  آعش بہٕ لاگس تن، ستنے
کرٕ ہہس بہٕ لولہٕ متہ لائے  لول آم یور ییہ نائے
محمود گامی بے نوا  ژھاران چھےٚ وصلک دوا
ہول کاستم ہے خود لائے  لوٗل آم یور ییہ نائے

۱؎ کوٹ گوم رٹنہِ کنیاسئے (مُروجہ نوسخہ) ۲؎ اُچھ ٹوٹہم رنے (م ن) ۳؎ تھقچہ دِکھ نیونم بوچھن (م ن)

## (٦٢)

ہا میانہِ ہاوسناکو ہوسے     مُنز مَنہِ اوسے نو وَنے یار

ہا میانہِ مَدنو ساتھا روز     سوز دِل وَنہِ ہے کُن نقاوبوز

بوزتھے سوزاہ میون مُشراو     مُنز مَنہِ اوسے نو وَنے یار

ہَرکھأسی ہَری گے موراوَر     یان میون آمے دوہہ کُے ہَر

کامہ کو ییتأمو داماہ چھاو     مُنز مَنہِ اوسے نو وَنے یار

ہیتلہِ ہأنزِلہِ یوت کُیاہ بوش     دیتأمو درشُن لوَت موروش

ییتأمو پوشَن کَرِ یوِ کُٹراو     مُنز مَنہِ اوسے نو وَنے یار

ہاوسناکو لَگہِ یوِ پأرِی     یاوِنیخ دوہ نو روزَن سأری

موران تنہِ تاوسوران چھاو     مُنز مَنہِ اوسے نو وَنے یار

آدن باجے میانہِ مدنو     بَدن زولتھَم تے وَدِنو

اَسہِ نو چھونے تُمنا دراو     مُنز مَنہِ اوسے نو وَنے یار

شُرہِ پانہِ اَسِس مُشرتہِ مُتأنی     مَدِنو زائنم نو قدرِ چھأنی

راہ چھُم پانس کَس کرِ گراو     مُنز مَنہِ اوسے نو وَنے یار

محمودنہ مو کَر نادأنی     "دِ تن من" وَندہ یوِ پادنی

وُنہِ چھے آدن لادن نُغاو     مُنز مَنہِ اوسے نو وَنے یار

## (۶۳)

دَم ہا ہیتھ تہٕ دَم یا بنی آدم | رٲہنی ژٕٹی سُہ آسی ہر دم

حضرت آدم روٗح الاعظم | گوٚ یاٗدٕ از نوٗرٕ سے اقدم

تَسِے پِہ سٲری نیمے پہٕ رۆحس | نیمیو نہٕ شیطان گوٚ یَرہٕم

ہوٗ کے زورٕ سے مٕہی شنز تکھ بیچھ | بٕشتھ چھہ ہیچ دہ ہزار عالم (۱۸۰۰۰)

دمہٕ سٕنے راتھ بیٚیہ کوٗہ تے مادٕن | زمین آسمان لوح و قلم

"آو فقیرا اکھیاں کھولو" | "بر لو ھوٗ ھوٗ دمبدم"

فکرٕ صفی کر ذکر خفی پر | دَم دِتہٕ ژٕلہٕ نٕے فکرٕ تہٕ غم

پانٕے کا سکھ پانے آسکھ | وزی واسکھ آب زم زم

ہوٗمس تہٕ رۆحس کر نفی اثبات | ذات صفات چھی دم تہٕ قدم

ؤنیتھ کس زانہٕ سکھتہٕ بیگانے | پہٕ گوم مارتے پہٕ گوم تم

موماز نازس بیٚیہ مجازس | ماشوق یارس دِل اَنتَم

غافلٕ پانٕو قافلہٕ دوٗرٕ یو | ووہٕ کھلوس یا ناوے لم

پیرس یار پٕھم پیرس سرپوش | زیرس بم چھُم وزان چھم

سرتاج پیران حضرت میران(۱)

محموٗد گامی تس کٕنہٕ نم

---

(۱) حضرت میران = یِم گٔرٕ ھن تیمے بزرگ آسٕنی یہنٛد ذکر شیخ العالمینؒ ینٛدِس کلامس منز کوٗرمت چھُہ۔ شیُم حضرت میران آو — ناجی

## (۶۴)

بہ واد چانے آیس ہُسے      ہساۓ مساۓ مار  
متیو ژھاران بۂ آیسے      مےٚ ژےٚ گوژھہ ہم یار[1]  
نیاییس مونیر پاییس پیساۓ      ہساۓ مساۓ مار  
چھمو چونے مےٚ ہوسے      رُما دوپ کقم پژار  
تنے یارو ژاران چھسے      ہساۓ مساۓ مار  
ہتے اکے پتم تسے      دِتم مےٚ دیدار  
کوتاہ ستم وہ ذکر بسے      ہساۓ مساۓ مار  
ژکھائی سو مسکو برِتھ چھسے      زۂ اچھ پُر خمار  
وُچھان وُچھان چھو اوٚتھسے      ہساۓ مساۓ مار  
ژکتھ برموہم پرمسے      بۂ کوٚ کرٔکھس خار  
ژنے یکھِ تہ بۂ کرسے      ہساۓ مساۓ مار  
مےٚ یارِ ژولُکھ چھورِتھ مسے      ژےٚ ما اووسے عار  
اَسان اَسان مشتھس چیسے[2]      ہساۓ مساۓ مار  
! دِلبرو دِل یوٚری دِساۓ      وۄلہٕ بوز وَنے زار  
گل زَن زالے بۂ لاجتھسے      ہساۓ مساۓ مار  
دَیات چھس پانہٕ مارس کھسے      بُچھان چھم چاۓ ژِ مار  
سمارن گنتہ تھ بۂ ہیکہ نسے      ہساۓ مساۓ مار[3]  
ژہے ارزاو ہتھ مےٚ کھوہ وسے      مےٚ مشراوِم یار

پتو لاگتھ چھس بیکسے — ہسائے ہسائے ہار
ییہ ہے تنے تن لاگتھے — سوئنس ہافت تمار
مئے میچھ کاس زاضنی گسے — مئے گوڈھ ہم ژٖ یار[۴]

جامن شراب داماہ چھیسائے
محمود سن بوز زار
کیاہ داد چانے ٹہہ آونسے
ہسائے ہسائے ہار

---

۱۔ متیو ژھاران آیس ٹسے — مئے گوڈھ ہم ژٖ سے یار
نیاییس مونیر پاییس پیسائے — مئے گوڈھ ہم ژٖ سے یار (ان م)
مہجور لاہیر بیرہما ہنذریں نوہ سخس منز چھہ ہسائے ہسائے ہار بدلہ
مئے گوڈھ ہم ژٖ سے یار ۔ ژوُریُم مصرعہ ۲۔ آسان آسان ثناھس لیکھے
(ن مہجور) ۳۔ ماریہ تہ گندیہ (ن مہجور) ۴۔ یہ شمار چھہ نوہ سخے
مہجواہس منزے یوت۔

## (٦٥)

ینیتہ بوئے محمد چھم پوان
توت کونہ لاروسائم ری

وُنی وُنی چھہ شہ دیدار دِوان — اُمی کونہ لگوس پاری
یا ماری تمی بشندی شوقن — نتہ ماری تمی بشندی ذوقن

پتی وَنہٕ بو ماشوقن　　تمُو نتہٕ اَدٕ کمُو مارِی

حبائران کم کم گوہندر　　از روے صورتہ بشندر

شاہ روُد کھٹِتھ اندر　　بیگانہٕ کرنس یارِی

میون ہیوٗ بنیو کَس تے　　اَندرِی گژھم وَس تے

مَس وانہٕ چاوُنس مَس تے　　مستانہٕ کرٕنس یارِی

شمع روے ژٔشند وُپھتے　　لاچارہٕ کرٕنس عشقے

روان سپنس نختے　　گُلن چھِ وَنان زارِی

بُلبُل چھِ سپٕدا روان　　بر سر چمن چھِ پیوان

دِل دوُدُس عشقے نارِی

اے بُلبُلِ شیدا　　جانے بکُن پیدا

تَس ہیتھ کرو سودا　　کرٕ یُس وفادارِی

سودا پنُن نمے سومرم　　زرہ ہیہ وَتہٕ کُن دورُم

سارِکے تمنا مورُم　　حاصِل گیم خارِی

ماشوقہٕ کوتاہ ژاسے　　بیکس نہٕ پچس زاسے

دوہہ راتھ دِوان نالے　　ہاران چھِس خون جارِی

نے روز آرام تے شب　　زاجنس در تاب در تب

مے جان وو تم بر لب　　از جورِ ستم گارِی

پچھے جلو دیتھ ہرجائے　　ژھاغام مے ہرشائے

لاجنس تمہٕ ستہٕ زمائے　　تاچند پردہ دارِی

یہٕ دود پنُن وَنے　　پادا کرٕنس سینے

| | |
|---|---|
| ژٕ یاد کوٗرُم چیوٗن سے منے | تسٕ نعمش آیہٕ میانی زارمی |

---

ءا پہٕ سشار چھہٕ غلط پاٹھو لیکھت.

(٦٦)

| | |
|---|---|
| یاد پیوہم تہٕ ناد لایامے | لول چونے آمے ویٚسیو سے |
| وَنہٕ کَس، ژھےین چھمنہٕ وَدنَس | سوٗر گوٗر ژتھم روٗہ پیٚہ بدنَس |
| چھم پیترٕنیٚہ دِوان پامے | لول چونے آمے ویٚسیو سے |
| چھی رُخسار زٕ گُل دَستے | مار زُلف سنبُل دَستے |
| سوٗرمہٕ چشمے چھے بادامے | لول چونے آمے ویٚسیو سے |
| وٲلی کنَن چھے مہ نُشتہٕ ٲلی | سائرِ ووُڈِنے یٚژ صاف چٲلی |
| نٲلی شُبی زَری جامے | لول چونے آمے ویٚسیو سے |
| ییٚنہٕ رٕوٗ ٹُنہٕ ژٕسے ہیوٗن غوٗشے | تٕنہٕ پیٚٹھ غمگین گوٗسے |
| ہوٗل جِگرس زاو نا درامے | لول چونے آمے ویٚسیو سے |
| قول پسار یو دِیت تھم وادٕ | موٗلہٕ دٲی بتٕ کَس اَسر سادے |
| ییٚی میٚے دِپ لکھم نی بوزامے | لول چونے آمے ویٚسیو سے |
| مُیٚہ نارٕ دوٗد م سیٚنے | غفہٕ وَرٕ تھم کتابہٕ گوٗرے کیٚنے |
| وُچھتہٕ کیٚنٛہہ ما میٚے منجامے | لول چونے آمے ویٚسیو سے |
| یادٕ پنٕہ دوہٕ ژیٚے پتٕ رادم | سارٕی پنٕہ میٚے مشرٲوِم |
| چانہٕ بٕرتل سر تراویامے | لول چونے آمے ویٚسیو سے |

توسہٕ ماداں بالس کنہٕ وُن — لوسہٕ وُن پان پنُن اَرشُن

بوسہٕ لوٚد ختمَ بہ پاگہ زامےٚ — لول پوٚنے آمےٚ ویٚسیوٚیے

روشہٕ پیٚزٕ ژھام یمبرزلے — عشقہٕ بیمارس مےٚ کتہٕ بلے

توٚرٕ دوٚپ نَم عشقہٕ مقامے — لول چوٚنے آمےٚ ویٚسیوٚیے

چھےٚ مُشتاق محموٗد گامی — مدامہٕ کشمیرس منٛز نامی

تنَم ژٕھےٚ لوٚدنےٚ عشقہٕ پاغامےٚ — لول ییٚو سےٚ آمے ویٚسیوٚیے

(۹۷)

یارہٕ ییتو یارہٕ ییتو یارہٕ ییتو میون ئے

عاشقن دیدار دِتو یارہٕ ییتو میون ئے

لوٚمت لوٚتےٚ ژراو قدم کوٚت مےٚ چھُم وُاتن ئے

میلہٕ ہمہ مےٚ یارہٕ موٚتےٚ وُنہٕ ہمس حال پرُن ئے

روشہٕ وُنو روشہٕ ولو پوشہٕ برےٚ تون ئے

عاشقن دیدار دِتو یارہٕ ییتو میون ئے

ژھایہٕ روزِتھ مایہٕ جستس زوٗنہٕ کیاہ چھُم گروٗن ئے

رایہ چانےٚ ژایہ سےٚ بوجاے ژراوِتھ کروٗن ئے

نوٚنِ عاشق مےٚ کھسی زوٗنہٕ کاسُم اَروٗن ئے

عاشقن دیدار دِتو یارہٕ ییتو میون ئے

ہنزِ اسی شیشہٕ تنزے تنز او سُم لون ئے

تنزِ دیُت نَم نارِ عشقن کرہٕ شرزہٕ بہ والون ئے

وَنِزِ واتیثا ماری مُنزے ڈالہ دِلتھ ژالون ئے

عاشقن دیدار دِتو یارِ پیتوسون ئے

پُڑِھ گنجام مرِڑھ باوُٹ گرِڑھ ما آسون ئے

پڑِھ روُستے پڑھ مالو گرِڑھ ما آسون ئے

پڑِھ اندرے وڑھ خائی گرِڑھ ماوسون ئے

عاشقن دیدار دِتو یارِ پیتو سون ئے

ڑِنِزِ مُنزے پان پیُن زان کمُ پرزون ئے

پیتیمر ہیوُنے نیرتہ مادے نکھہ تہ ووہ پرزون ئے

گرِثیز روُستے کرنِزِ باغس کرِ ہیُوے زمہ تھڑن ئے

عاشقن دیدار دِتو یارِ پیتوسون ئے

سوختہ شدرس ڈنگہ دِلتھ مئے موختہ چھُم کھارون ئے

حسورنیہ کے تار آپار پان چھُم تارون ئے

مرنہ بروُنیھُے عاشقانے پان گرِڑھ مارون ئے

عاشقن دیدار دِتو یارِ پیتو سون ئے

یینہ یارو ژھیسنہ گو ہم تنہ فیوُرُسے نہ میون ئے

پینہ اوسُم بوُزمت تی پیویم دہ نی ژالون ئے

زینہ بروُنیھُے مُوُدس آرزو چھُم چوُن ئے

عاشقن دیدار دِتو یارِ پیتو سون ئے

---

ءا کوہ ژھ اند = (ق ن) ءا ٢ ءہ

ہنز اوسم شیشہ تنز ے ہنز اوسم لون ئے

تنزِ ذیت تھم نار عشقُن کرتنِ بیوم زالون ئے

وَن ژٔ واتیا مارہ منز ے ڈالہ دِیتھ ژلون ئے

(قان)

(۶۹)

بَہ پکہ آیس وَنہٕ ما خودایس
کیا سنا ییٚیہ نا پایس یار

لالہٕ کیاہ اوسم کرانہ منزٕ درایس
سون کُن پکنس آو تس عار

ژٔلہِ کوتٕ لائی زالہٕ وٕلنے آیس
کیا سنا ییٚیہ نا پایس یار

وزٕ وزہٕ ہندی پوش کنہ دٕ نوٚ زایس[2]
یارٕ دادِ منہ نہٕ گوم گنہٕ گار

اندِ نیائے[3] تے سیٚند یار لایس
کیا سنا ییٚیہ نا پایس یار

ژھاران ژھاران لارو اژ ایس
لاران[4] لاران نوٚ سشم دوہ

وَنہٕ کس احوال وَن رو زایس
کیا سنا ییٚیہ نا پایس یار

تیلہ بٕل ناگس سائلس گیایس
مالہ منتی شالہ[5] رکرٕ نمکر[1]

حضرت بٕل چھم رٔ وز نیتھ سایس
کیا سنا ییٚیہ نا پایس یار

ژُلیفچہ تارٕ ستی سیتار وایس
اُلفت چھم بلاے کیاہ چھم مٕیون یارے[5]

کرٕ کیاہ محمود منزٕ یتھ کلایس[6]
کیا سنا ییٚیہ نا پایس یار

---

۱۔ ژھل گوم (ن مخزون) ۲۔ وتھہٕ وزہٕ ہٕ ریوش ژھارنہٕ (ن مخزون)

ہنڈِ پوش ژھاران ڈرائیس (ن مہجور) ۶۳ انڈِنے یارِ دود (ن مہجور) وِنہ کِس احوال وَن روزائیس (ن محزون) ۶۴ پیاران پیاران (قان) ۶۵ اُلفت چہ بلایہ وِبِل تم نال (ن مہجور) اَلفتچہ تراۓ وو لتم نال (ن محزون) ۶۶ محمود کرکیا عشقِ نیس نیائیں (قانن)

## (۶۹)

یَینہِ یارِ چھُمو ژنتس پیوان ژھینہ گوںٹ سعو نڈرے لول چھے نہ یوان

نتنہ چھم اشہ نیے دارے ہولہ چیانہ کِتھ شدارے

اَسہ وِنہ ہعو نچہ سیتو جیس چھک نوان کُموّ ہیشدِ کھاسے مَس چھک چوان

ویسہ راؤ تھس کوو یارے مَس چھو پر خمارے

اَسہ کنتھ دادِ چانہِ اوّش چھُم لوان نتچہ ژام بگرِس افسوس کھیوان

وس زا جعتم عشقِ نارے وَیتو کیاہ چھُم چارے

دریادِ تو چھُس فرِ یاد دوان راتھ تے دوہ گوم زاگے ہیوان

دوستو گیُس آوارے گنزران ژنڈرے تارے

محمودس چھینہ دوہ نڈ دِد ژھیوان
گو ژندِ کِس ہے فشدِ گارے

## (۷۰)

پہنم نِیتم پانس تہ نشے مےّ تو مشے مارے

برِ برِ چاوتھ شراب شیشے پیالن لدّے چاے

نوزُول شمشیر ہا رنجہ بُمے خنجر مسائُ لائے[۱]

زخمن کیٖثُت سیٖنہ سپر چھُمے مۄ ہیٚشنہ نیٖر مولاے[۲]

چھُھ دَن دَگ چھم یہٕ کس وَنے چھُہ کیاہ بیوزُ پاے

میلتھ گیلتھ گوہم ژھینے وَن کتہ کرٕ نخم گرٕاے

وَدن وَدن بدن گوٚ لمُ آدن رووُم واسے

مَدن وارہیے تراؤتھ ژٕ لُم لدن چھُم منہٕ نیاے

متیو لیجم پوشن پھُلئے سائری توشن دراے

گوشن ژٕ لیے گوے نو ہا بُلبُلے گوشن رُٹھتھ جاے

ہٕ یاری لگے ژٕ سے تسوٕ یہ وَنے ہسے کُن چھیے ییٚژراے

دوٚرہِ چھُم کالُن نوٚزُک ستنے غریب چھُسے گداے[۳]

محمود گامی کتہ چھُک رِون تاپس چھیے پتے ژھاے

اُخر مرو افسوس کھیوَن کیاہ[۴] سَن کتہ کھتوژاے

---

۱۔ واے (ن مہجور) ۲۔ یم تیر مسائُ لاے (ن مہجور)

۳۔ دوٚرہِ چھُہ کالان نوزُک تنے ہمیٔ چھُے بیوان ہاے (ن مہجور)

۴۔ دفتو (ن مہجور)

(۱۸)

گومم کوٚت ماشوق نیٖرتھ ہیوم از سُے یادتے

خستہ دِل تس پتہٕ دراَیس اَستہٕ لایس نادتے

کیاہ بہٕ وَنےٚ دادِ مےٚ کوٚر تھٔم ماہ رُخسارو وُنیو

وادِ سارُیو داد بوزِتھٕ یاد کرِتھٕ شادتے

متہِ کیاہ چھےٚ بیوفائی ہتہٕ وُچھتم کیاہ نیوم

پیتہٕ کرِتھٕ کیتہٕ ناےِ نٔیشہ ما گیر بادتے

خشمہٕ رستے یارِ میانے چشمہٕ چھےٚ مستِ شراب

سروِ قامت چوٚن زیبا شوٗبہٕ وُن شمشادتے

مار مُسأ مارِ زُلف چأنی گردنہٕ جیل گوم

دٔہہٕ اَکے غمہٕ نشے کرِتہٕ مےٚ آزادتے

کیشنہ یارِ رسے نِشیہ گوٗر نہٕ ہمہ کتہِ تھار بتہٕ پردشے

ننہٕ کو نو سر بہٕ وَندے ییتہِ لگو چأنی یادتے

جانِ شیرین چھیہ تٕہ گوکھ اے دِلبرِ شیرین زبان

خار گومت یارِ دادے خار گوٚ فرہادتے

ژیٚنے پتے محموٗد گأمی عاشق نأمی سپُن

حالہ اَکے نالہ دِوان بوزتس فریادتے

(۴۲)

| | |
|---|---|
| ہیتأمو بالہٕ یارو حال باوے | دِتأمو بالہ درشُن کاٗلی راوے |
| ژےٚ یکھہ دادِ چأنے کیاہ وَنے بو | لدہ سے بو اَتھ کاوس تہٕ پانہٕ گراوے |
| گرِ ژھو مأسس نمہِ تہ تیل تأ بہٕ مأکس | مےٚ چأنسے ناوِ بہٕ سیر ھم رنگہ ناوے |
| وَدن زن بالہ مےٚ چھٔم تالہِ بیچھہ ناگ | مدتو نرالہ ادٔش کوتاہ بہٕ تراوے |

خوشی کر از وہلو محموٗد موروش
ژٕسے سِتین لولہٕ باغس پوش چھٲوٕسے

(۷۳)

ژٕہم دِتھ وٲجنس ناوے
غم چھُم یارہ مارا وے

اُندے اُندے فیرس با غس
یار چھُم مشہ باگ ناگس

ہمپوش ماران گر ائے
غم چھُم یار مارا وے

ہُٹہِ و ناو چھےٚ پہا ئے
تارٕ وول تار دیہ یائے

ہٲہ کھوٗر نمہ رٕٹھ ناوے
غم چھُم یار مارا وے

کینہہ آیہ سالس سوٲلی
کینہہ گے سالہ نیش خٲلی

کینشرٕن نیہ میلان جائے
غم چھُم یار مارا وے

مو شٕنم زوٗ میون تھاران
کانڈرکہ وانہ تلہ پٕراران

اُجنس تُنڈ رنہ تاوے
غم چھُم یار مارا وے

اُندے اُندے پھیرس یالس
وٕلنےٚ آس گنڈ ی زالس

اَتہِ نو معہ کٕلن پائے
غم چھُم یار مارا وے

زوہلہ وٲتیہ گرژھ وے سالس
حضرت بلہ کیس مالس

اُلہ مشہ دیدار ہاوے
غم چھُم یارہ مارا وے

زالیوس مالس تہِ ماجے
تمہ چھُم عربکہ راجے

تمہ چھُم وُچھان پوت ژھائے
غم چھُم یار مارا وے

گلہ مٕٹہِ ژنم مالہ دوٗر کٔن
ہتھ دِتھ نیٚ نم عاشقن

بُئنز رِ لتھ چھیئیہ نم چاسےؔ — غم چھُم یار ما راوسے
اَنڈے اَنڈے پھیئو رُسن بو سرسو — یار دادِ دیپیا ہم مُئنز یو تر سر
تر نِس اُ ہسم نیر جاسےؔ — غم چھُم یار ما راوسے

محموؔد کاؔمی بَس سُنتے
عشقُن طاقت کمزُ دِتے

وؤ نمت ما منتر اوسے
غم چھُم یار ما راوسے

(۴۷)

دوہ مئے گومے پیالہ چھپلن نے — وَنتے ناگ اَرزُن سے آوہ
پوز دوّن حضرت صدیقن تے — پیزرِ سے تہنڈ سے
پیر سینتھ مارین موہ کلاوَن تے — وَنتے ناگ اَرزُن سے آوہ
عدل کوّر حضرتِ عُمرن تے — ذاتن تھووُن تارِ نیرُون
فرزند مورُن تل دورن تے — وَنتے ناگ ارزُن سے آوہ
حیا کوّر حضرت عثمانن تے — صاحبن ہاؤ نس تور کُن کُنھ
خونک مارِیہ بوُرن قلمن تے — وَنتے ناگ ارزُن سے آوہ
خیلہ کوّر دُلدُل سوارن تے — تیلہ نار سارس عالمس
ذُلفقار لائین کُفارن تے — وَنتے ناگ ارزُن سے آوہ
حضرت سُلیمان صاحبِ چشم تے — تاپہ دانہ اُسیس جبا ناداز
اَنزِ ہنڈِ کَرہ اوس زار وَنن تے — وَنتے ناگ ارزُن سے آوہ

حضرتِ یوٗسف ڈراو سالَن تے — تس کیاہ ڈٕکہ لاۂ ٹھِنیتھ آو
ڈیشِتھ زُلیخا زار وَنَن تے — و نتے ناگ ارزن مے آو
وَنے دوٗلم ژٔنڈن گن تے

انتو لاگو پولاوس
کھے ہم مہرانہٕ بلہٕ ہَن مَن تے
و نتے ناگ ارزُن مے آو

(محموٗدنہ لاٗل مجلوٗن کہٕ اکہٕ پرانہٕ قلمی نوسخہٕ منٛز)

---

ءا سالمہ شارہ ہیُوٗ کمُ ینہٕ پترِتھ۔

(۷۵)

ژھارتھو بو رنٛگے رنٛگے

بے رنٛگو بیوٗن بیوٗن رنٛگَن — ژھارتھو بو رنٛگے رنٛگے
وندھر اوبتھ گولاب رنٛگن — ژھارتھو بو رنٛگے رنٛگے
چھِچھِنہٕ ژٔٹے روٗس، رژھافالی — جامہٕ زن چھنٛک پانس تالی
چھِنہٕ چانے نرِ تہٕ زنٛگے — ژھارتھو بو رنٛگے رنٛگے
چھُمنہٕ قرار دارد گری — گاش جھتس بال ژٔٹے لوزری
ویرِ چانے نیرے نشنٛگے — ژھارتھو بو رنٛگے رنٛگے
قولہٕ ساریو چھم لولہٕ کامَن — ہولہٕ چانے پھیر پاس گامَن
پان ہاو تمہٕ کیتھہٕ نو مشنٛگے — ژھارتھو بو رنٛگے رنٛگے

بم غندن نیشہ گے جدا　　ژم وأنیلن تہ پچھ غدا
گیہ نمائس دوون ہیند بتگے　　ژھارتھو بو رنگے رنگے

سوز چانے وزان تارے　　بوز دین چھُو عشقن چارے
سازتہ تار واسے چتگے　　ژھارتھو بو رنگے رنگے

پتہ سے کُن دِتم درشُن　　چوان درشن چھُم دیتہ ورشُن
پیش وأنج موکر سنگے　　ژھارتھو بو رنگے رنگے

شلہ سانثر پھیر پاین اگن　　منز اگن چھُسے زاگن
چاو چانے نووم گوہ تنگے　　ژھارتھو بو رنگے رنگے

پوشہ نولن دِتم نالے　　سور پوشن کرم مالے
پھیر نادِ تھس لنگے　　ژھارتھو بو رنگے رنگے

سورہ چھُیو ہا دِلبرے　　دور منز ہیچھ ہو ہو کرے
ہتہ شباہ ییرے پرنگے　　ژھارتھو بو رنگے رنگے

پشہ نادِتھ نو بم مزاہ　　عشقہ منیو مشیم نہ تہ زاہ
تشہ زن نایہ زولتھس کنگے　　ژھارتھو بو رنگے رنگے

سائل کرأن نوسِم قدم　　وائلے افسوس روزنہ یہ دم
دِتہ دیدار ہنگہ تہ منگے　　ژھارتھو بو رنگے رنگے

حال ہیت موچھے وُنہ آدن　　آلواہ اکھ دِتم نادن
کائلی ززر واسہ بم منگے　　ژھارتھو بو رنگے رنگے

گوم وُچھان قافلہ نیر تھ　　پم گے تم آیی نہ پھیر تھ
بیہ بینم ہنگہ تہ منگے　　ژھارتھو بو رنگے رنگے

چھُس محمود گامی مسکین

خود پسند خود خواہ خود بین

کاستم غفلتچ بنگے

ژھار تھو بو رنگے رنگے

( پرانہِ قلمی نسخہ پیٹھ )

(۷۶)

---

لولہِ چانے ہولہِ گژُھ سو قولہِ مو ڈلِ مدنو

حور کیاہ گوم شُرُہ پانس ژورِ مو ژلِ مدنو

لاوِ مورسے چھوکھ لوسے ظلمُ ٹھکہ ہیُو تھتھم جبے

بے خبرے چھُکھ نہ تبرے ہیُو تھتھم ٹھلِ مدنو

ژھون کوُنجن دون دورِ ہیر منتہِ پئیہِ تن کاُنسے

مارِ منٛڈِ چھُے ہیتھنہِ ژرہِ ہم تنتہِ ہاُنکل مدنو

دوہ کھہِ دائے حور سینت نوٗرِ برٛرہ تس پانس

حور ڈولن سعون تولن گئیہ سرتَل مدنو

وَن ڈُبوں وُچھ ہے چھیوں اُتھہِ کوت واتے

کھیٛون افسوس پژھ تھاوتم منہِ ڈاتبلہِ مدنو

بارِ پیتامو وارِ وُچھ ہتھ خارِ ژلہِ ہم جگرس

آرِ ول تتے ہالہِ نارسے فوج مسول مدنو

زیرٕ زیرٕ چھُم سینہٕ پوشن نظارٕ اکھ دِتاُمو

مزدار لوٗگ مأژ حضرت بل مدنو ۲؎

زاس کہتہ کیٚتھہٕ خاصہ پان ماساسہٕ گگھرےٚ لوٗرم

کتس نہٕ مدنس روہ یہٕ پدنس جاے میٚشرِتل مدنو

حق چھُم بس محمودس یتھ بیکس پانس

ازلے چھوٚن چھُ موتَس سےٚ گوشہل مدنو

---

۱؎ یم لفظ چھینہٕ قلمی نسخہ پیٚٹھ وُہ تھان ۲؎ یہ مصرعہ چھینہٕ سورُے درج ۳؎ یہ مصرعہ تہ چھینہٕ سورُے وُہ تھان۔ یہ مقبولِ عام بأتھ وُچھُم نہٕ کُنہ جایہ چھأپی صوٗرتس منز۔ (ناجی)

(۷۷)

وُچھان ووتم شامے

کوٗنے آمے یار

خوشبوے سیاہ نامے — کوٗگل زن ششہار

خوش روٗیے خوش کلامے — کوٗنے آمے یار

سوہ نہٕ چھُم دوان پامے — چھُس نے لیوان عار

سیہ تھر بیٚنیم ہامے — کوٗنے آمے یار

عاشقہ مَوت عشقہ مقامے — لشہ زن گوٗنڈ ووتم نار

نارس سؤر گیا مے　　　　کو نے آمے یار
لدہس لیکیت نامے　　　　لیکہ تس چھمنے وار
اُڈ تون بہ پاغامے　　　　کو نے آمے یار
خابس منزو چھامے　　　　پوان سہ بر مگار
مے خاب اپنز ڈرامے　　　　کو نے آمے یار
تس سیتو دِل لگامے　　　　وِلہ تس وَنہس زار
خاصیہ سال ڈرایس خامے　　　　کو نے آمے یار
محمود شہر گامے　　　　یارس وَنان زار
وِسیو بیے وِلہ ونیامے　　　　کو نے آمے یار

(۷۸)

کاستم خمار آس تم سعہ کھے
مے موکھ چانے ڈیو نہٹم یار

وتہ وتہ ژھور مکھ گتہ ادسکھے　　　　لیہ چھم دیدار چون بکار
مارمتہ جوز تم چھس بار بکھے　　　　مے موکھ چانے ڈیو نہٹم یار
ژھتہ بیٹھ تل نقاب ہ گل رئیخے　　　　بلبل لاگ پھیر بہ گلزار
گلن ہستین روز نکھ نکھے　　　　مے موکھ چانے ڈیو نہٹم یار
ہر سوئے تابان چھک ہر موکھے　　　　کرہے قدمن سر نثار
رُنبہ وَن شوبہ وَن کیاہ جان پھکھے　　　　مے موکھ چانے ڈیو نہٹم یار
لو لو کران لولہ کرِ دمہ کھے　　　　لالو کرِ یو پیالہ تیار

پیہ سۍ خوش میون ہی چھاڈ کیے        سۍ موکھ چانے ڈیکو نھٹھم یار

(نوٹ نسخہ مہجور لائبریری پیٹھ)

(۷۹)

سرٕ پان کو اَمہ یمہٕ لو ہرے        نحقے کینژہ سنے گوس حاَران

دمہ دمہ کم کم گل گے برے        غمہٕ سیتھ سرو قدٕ گوم کان

شرکہ پان گو ہم لو چھرے        زٕ دٕرٕ پاٹھو بحرن ہو ڈم پان

زور شاہبازس فُٹھو مو پرے        سخ گاَم زمین دوٗر آسمان

رمبہٕ وٕنہٕ پانہٕ میانہٕ گل ابرے        کم کمہٕ پوٗنبرٕ چھی گمشک ہوان

بوش کیاہ روزِ بیلہ پوشہٕ زن کرے        ہوش شند یارٕ بٲگے اَدٕ روشان

کیاہ کرٕ کوٕ زانہٕ کمہٕ زُہہ مرے        اَدٕ کیشاہ مشکہٕ بیتھ جسمس جان

پیر بتھ کفناہ کڈِ نم کرے        چھیپرِ تھ اَدٕ نو کانہہ پلان

قبرِ منکرٕ بینہٕ بوزم خبرے        ہیرٕ کارن چھس تنہٕ ترشان

دِہن کہو برے        کھیٹون چھُم افسوس سیتے ہرآن

تتہٕ کیاہ کرٕ محشر کہٕ بازرے        بیتہٕ میون چُن تہٕ پاپ تولہٕ میزان

لوٗت گوٗب بیترن خارکیاہ شرے        یارٕ پہ مشکل کرٕ تہٕ آسان

دوزخچہ زِنھٹ نش رچھم ہرٕ ورٕ سے        پٔرٕ جھ سان روٗٹ میے چون دامان

محمودٕ گامی شوقہٕ سان پرے

بخشم یا رحیم یا رحمان

(۸۰)

گوشن چھے ژٹھہ جاے روشن چھےُ عاشق
توشن مٔتے واتہم لالہ کرِس نالہ مٔتی ئے
باد مار زُلف و نرگس بیمار اُچھو سیٹھو
بہٗ مار یَوٗرنس واہِ تمہ خومارہ ہیٚتی ئے
نکھس شمۍ شالہ پِکھو سیٹھو کران واو
اوس نور ماہ زن دور چھس پانبو ژِنی ئے
چھم جایہ اُکس ژھایہ رُوٗز ہِتھ دایہ وُچھنس
پیوم یاد لایس ناد بیہم شستہ لتی ئے
ہی باغہ پوشن مالہ کرِس لالہِ مٔتے چھُم داغ
کرِ ییہ دُرشُن دِیہ دو بھرس پوشِہ فٔوتی ئے
گوٚڈٕ آوتشند ناوشنتی دراو یہ دُری یاو
جاُرو چھہ جوبن آب سارِی دِتی نٔہ تیٚتی ئے
یس جرہ‘ تے شہباز پرواز کرِتھ گوم
تس زار وُنی زیس نِشہ کرِ ہِتھ تازِہ وِتی سے
مرآت مصفا اے الٰہی ست رٔٹ او
محمود وُچھان گیہ عاشق آر کتی ئے

---

ع: یم لفظ چھینہ دوٚہندسان قلمی نوسخہ پیٹھ۔

(۸۱)

مس دیُت ژھم یارَ سے     کٔس وَنہٕ سوٚندر سوٚندر

کامہٕ دِوٕ ناسے دارٕ     پامہٕ چھم بستر بستر

شامہٕ سئے کوٚت بولارٕ     کٔس وَنہٕ سوٚندر سوٚندر

بُمہٕ چھئے یوٚ ذُلفتارٕ     بُمیہٕ پنٕسٕ خنجر خنجر

سنیت کوٚر ژھم گنٕدارٕ     کٔس وَنہٕ سوٚندر سوٚندر

مَس چھو یو پُرخمارٕ     رٕیہٕ کرتو نظر نظر

لبہٕ پیاسنے دیدارٕ     کٔس وَنہٕ سوٚندر سوٚندر

عشقنے سوداگارٕ     سودا مہٕ کر مہٕ کر

بیٚتہٕ کیتیاہ گئی مارٕ     کٔس وَنہٕ سوٚندر سوٚندر

ہاے شمہے ماہٕ رخسارٕ     کارٕ چھئے ژھٔرزٕ ژھٔرزٕ

کوٚ زاجرٕ ژھئے نارٕ     کٔس وَنہٕ سوٚندر سوٚندر

چھس آمانتھ دارٕ     کیٚتھ چھمنہٕ خبر خبر

رلیتہٕ کیٚہ زات اظہارٕ     کٔس وَنہٕ سوٚندر سوٚندر

تیر ژاو میرٕ شکارٕ     سینہٕ چھم سپر سپر

ییٚنہٕ ژٕسے ٹیٚزی ہا یارٕ     کٔس وَنہٕ سوٚندر سوٚندر

ژٕھمتس بو دیودارٕ     لاگے ژھم تبر تبر

کوٚر ژھم سئے پارٕ پارٕ     کٔس وَنہٕ سوٚندر سوٚندر

سو خستہٕ ہارٕ چھو خستہٕ کارٕ     دوٗر مو آلرٕ آلرٕ

گرٕدہ ما سبے قرارٕ     کٔس وَنہٕ سوٚندر سوٚندر

نازیکہ جبانا واڑ — کہتہ چپانہ شکر شکہ
گرَ طوطیر کہتے تاڑ — کتس وَنہ سوندر سندر
بیے میانہ جمادائے — پتشکہ چھُے بستر بستر
یلہ تڑاوے نستے واڑ — کتس وَنہ سوندر سوندر
تھموُدیغہ یار غاڑ — نیر بے نیبتر نیبتر
ثبتہ کوُت گالاہ پتراڑ — کتس وَنہ سوندر سوندر
(آگیہ بیانہ قلمی نوہ سنجہ بیچھ)

## ۸۲

ہا ویسو چھم یار دودست الالہ واتیم سالہ امشب
ہا زیے روستے بالہ یارو بال کہو شمیالہ امشب
ہم پی آیا پوچھا تم نہ پوچھا بات ہمارا
ہار کو ہتس سنغ یاسی ووہ نی مرے گو پالہ امشب
جگر خون شد بسوز عشق جانان سوخت جانم
تہ کہتیں ژالہ ووہ نی مس پیالہ ژیتھ نالہ امشب
پراگی سات خدا اکبر
سوے تل
ثہ یے کور ہتم شراو نس پیوہ بالہ روان لو سشم دوہ
"ہا ژیکھنا" پوشہ نولو تولہ گرے مالہ امشب
تن تل تن ملا دو منہ کے اوپر منہہ لگا دو
خدا کے واسطے آج سون میرے نال امشب

گٔژھ منز گاش دِتھم لٔگتھے اَکہ یٔو رحم پَتھٕ[1]
قفس پٮ۪ٹھ لولہ نٲگِن ہیٚتہٕ کٔرِ رۄختہٕ نالہٕ امشب

کہاں میرے یار گیا لے گیا سب صبر و طاقت
اللہ سمجھے میرا داد و فریاد نالہٕ امشب

بہار آو روشہٕ روشے خوش آواز پوشہٕ نۄلو
گُلن تہٕ سنبلن منز بال نیمہٕ دٲلہٕ امشب

بدل مشتاقِ دیدار تو شد محمود گامی
زندگی میلہم رنداینہ تمہ پیالہٕ امشب

---

۱؎ قلمی نسخس پیٹھ چھپنہٕ سورُے درج ۔ ۲؎ بیاض غزلیات و موسیقی
مہجور لائبریری۔

(۸۳)

اے پری گُل پیکرے — دِل ژٕ تِمے نیوٗ ہتھم دِلبرے
وے ژٕ گُل نوژک ترے — دل ژٕ تِمے نیوٗ ہتھم دِلبرے
سروِ قدِ نازنین — ماہ رویہٕ ماہ جبین
سیم تن جامے زری — دل ژٕ تِمے نیوٗ ہتھم دِلبری
مس سنبل دستہٕ زن — گردِ باغ یاسمن
دہ چو موی عنبری — دل ژٕ تِمے نیوٗ ہتھم دلبرے
برٕ کمان ماہ وشے — تیر مژگان ترسے کُشے

مجه تیر چاڼی زېړی — دل زمے نیوهٔ ختم دلبرے

خال دانه زلف دام — مرغِ دل تښتي پېښه ونیام

ناڅی ګیتم ولسے بېړی — دل زمے نیوهٔ ختم دلبرے

خال اسپند دانه زن — نار منګله پېښه د زن

وفه وڼی سے کوتری — دل زمے نیوهٔ ختم دلبرے

باڅی چی کنه واڅی سے — مه خته خ بالهٔ ناڅی سے

لال و نګیں جړه جړی — دل زمے نیوهٔ ختم دلبرے

چشم نرګس آب دار — پیالهٔ مے پر خمار

یا مګر جودو ګری — دل زمے نیوهٔ ختم دلبرے

نشته خنجر کیاه چه تیز — بهر الله خون مریز

نوړ چے حور و پری — دل زمے نیوهٔ ختم دلبرے

در زنخدان زیر لب — چاره غبغب چے عجب

پر ز آب کوثری — دل زمے نیوهٔ ختم دلبری

ګاړ ووه ګیڼه ماړی منتر — زن صراحی ره یه بستر

کمڅ چے کړمړ زرګری — دل زمے نیوهٔ ختم دلبری

خونه سبانے ماتیز نم — چی زمے زنګه مستړاے صنم

زن میوان رښته هړی ځړی — دل زمے نیوهٔ ختم دلبری

عشوه ګر نوز دک کمر — معه یه کهوه ته باریک تر

چھپے زمے هاے رنګے زړی — دل زمے نیوهٔ ختم دلبری

پېښه کوهښو زمے زیر ناف — چھپے زمے عصمت چی غلاف

دِیپ نہٕ کاںٛسے شاگِری | دِل ژٕٹے نیوٗ تھم دِلبری
پانہٕ بُڈٕ کمہٕ پاسے چانٕی | چھی ژٕٹے شیرِ تھ نُشنہٕ بانٕی
تِل ستوٗنٛن چھے دری | دِل ژٕٹے نیوٗ تھم دِلبری
رانہٕ چھے زَن | آنہٕ کھوتے صاف زَن
نٔتہٕ سنگِ مرمری | دِل ژٕٹے نیوٗ تھم دِلبری
لوٚہ تہٕ لوٚسے پیٚرِ ژٕراو | اَسہِ گُنے روسے ہا و
کوٗت گرٕ ھک ہے سوٗنٛدری | دِل ژٕٹے نیوٗ تھم دِلبری

(بیاض غزلیات و موسیقی مہجور لائبریری)

(۸۴)

اَتی اَتی روزٕ ہا جانانہٕ | دیوانہٕ کرٕ تھس بال
کُن ژٕ تھاوِتھ بوز افسانہٕ | دِمنک حال باوِیو
کوتاہ وَدَے اَمیہ خمخانہٕ | دیوانہٕ کرٕ تھس بال
نہٕ چھکھ ہیوٗنٛد نہٕ مُسلمانہٕ | لاگیمتھ ویراہ آکھ مٔے
ژٕ ے چھکھ کابہٕ ژٕ بُتخانہٕ | دیوانہٕ کرٕ تھس بال
ژٕ ے چھکھ شمع شبستانہٕ | بہٕ پروانہٕ لاگیہٕ یو
وَنتہٕ میانہٕ ژٕ پروانہٕ | دیوانہٕ کرٕ تھس بال
ییتھ بارس میٚہ دوٗر رُسے شانہٕ | شہ بار کاںٛسہ ژٕولےٚ نہٕ
لاگیمتھ اُڈن تہٕ چھُس لاوانہٕ | دیوانہٕ کرٕ تھس بال
مجنوٗن وُچھتن کیاہ عاشقانہٕ | نجدس گرٕ ھتھ ژٕٹن جالے

ژنڈے ژاد گورستانہ — دیوانہ کرئ بھتس بال
منصور وچھتن صاحب عرفانہ — ئارفتہ سیتی برنے آو
کہ درکابہ گاہ بتخانہ — دیوانہ کرئ بھتس بال
فرہاد وچھتن پہلوانہ — لوین تالہ پنہ سنے ٹونگ
شیرینہ پتہ موڈ عاشقانہ — دیوانہ کرئ بھتس بال
حسناں وچھتن پیرپیرانہ — ہنیز داد تڑوون شاثد
عشقہ زور سور رچھانہ — دیوانہ کرئ بھتس بال
عاشق کونہ گرشہ دیوانہ — لاشک ژھار پنن بار
نے زن آسہ نالہ دیوانہ — دیوانہ کرئ بھتس بال
ژہے چھک مے تہ ژہے میخانہ — محمودس داماہ چاو
تورے گوشے سٹے مستانہ — دیوانہ کرئ بھتس بال

(اکہ قلمی نوسخہ میچھ)

(٨٥)

منے دی تھمو پوختہ کارن سوختہ کور تھمو یاری یے
بو دی تھمو آمہ تاوے زا جنس ژ اری ژاری یے
وچھائی مو کھ تہنڈے چھنس سو کھ ماری یے
منے تم چھو کھ چھمنہ بلان یم شینتہ گیم کاری یے
کلان چھس عشقہ تاپے شین شراون ماری یے
دوان چھس نالہ فریاد ییرؤسان اری یے

میٚ ڈیوٚ تِہٕندٕ جلوٕ تِہٕندٕ آب دٔری یا جارٕ ہیے

چھُ تمیٚک موج حُباب پھیرُن جوٚے بارٕ کریے

میٚ ڈیوٚ تِہٕندٕ روے تابان زوٗن زن شب تارٕ کریے

چھ عاشق خستہٕ گاہے بستہٕ تَس کُن ساٗرٕ کریے

بہٕ زوٗل نَس لولہٕ ہوٚتے دوٗر رکی آرزٕ کرے

پیٚیم ییٚلی داد پَنُن تیٚلی بلہِم بیمارٕ کریے

طمع چھُون محمودس شمع لگہٕ ہی پارٕ کریے

کری پروانہٕ پیٚندی گٔنڈ پان زالی نارٕ کریے

(پرانہٕ قلمی نُسخہٕ پیٹھٕ)

(۸۶)

دٕن نِسے ویٚسیو یہے زار امشب    اَن تنے لگہٕ ہَس پارٕ ہو امشب

کَس وَنہٕ ویٚسیو تِیے مَس دِتھ موٚشِتھ نس    اَسہٕ وَنہٕ خوش رفتار امشب

تنہٕ تن لاگس ییٚنہٕ نس آغوش    بلہٕ ہم لولہٕ بیمار امشب

شین زن گٔ جنبش یامن لاجنبش    زٕ جنبش عشقنے یارٕ امشب

دٕر کھنجہٕ یارٕ داغی بر کرٕ نس    ماری ہشند ہو ماہ رو خمار امشب

دمہٕ آکہٕ ییٚیہٕ نا چھُم منہٕ کامن    غم غوصہ وَنہس سار امشب

بلبل شیٚنہٕ ویر گُل بر کرٕ نس    دِل بنیوم زور اوار امشب

لاٗل تے مجنون گیاہ کھوٚر موتس    طوطس میلہٕ وَنہار امشب

محمود گامی شہر گام نامی

صاحبس وَنان زار اِمشب

(اَکہ قلمی بیاضنہ پیٹھ)

---

۱ جوین لُجنس (ن۲) ۲ (قلمی نوٗسخہ نمبر ۲) ۳

محمود گامی کیاہ کھوژ موتس  مس دِتھ چھورہس یارِ اِمشب

(ن - تھرون)

(۸۷)

ہے ویٚسو بوزتم زارِ ییے

مے ترٛاو پاٚرِ زان

| | |
|---|---|
| بوزتے ہاے وَن ہارِ ییے | طوطس چھُ چون ارمان |
| گولنس چاٚنِ آہارِ ییے | مے ترٛاو پاٚرِ زان |
| قربان لگہ ہے پاٚرِ ییے | پانس تہٕ وندِ ہے جان |
| مے ییٚچھ روشہِ اپاٚرِ ییے | مے ترٛاو پاٚرِ زان |
| گگُرٕ تُرشِ جُمہٕ چانہٕ کاٚرِ ییے | رُمہٕ اکہ ہاوتم پان |
| رُمہٕ زاٚوِج تاب داٚرِ ییے | مے ترٛاو پاٚرِ زان |
| بُچھہٕ تَس کالہٕ شہماٚرِ ییے | وُچھتس تھوو تم تہٕ جان |
| مورُس چاٚنِ خماٚرِ ییے | مے ترٛاو پاٚرِ زان |
| ژٔے تہٕ مے اُس وسداٚرِ ییے | ہیتہٕ وُچھتہٕ کیاہ میون حال |

خستہ کرٕ ہتھن ژٲرِی ژٲرِی یے — مے ترٛاو پأری زان
کرٕ کیاہ چھم لاچأری یے — برٕ گژھتہ ژٕسے روٗس دہن
مرِ یے منٛڈِ چھے بأری یے — مے ترٛاو پأری زان
دِتھ ہتھم تیٖر دأری دأری یے — سینس چھم برسان
وُنہِ چھم دأنچھ لأری یے — مے ترٛاو پأری زان

مے روش ماہ رخسأری یے
محموٗد چھے مشتاق
کیتیاہ گأمت سمأری یے
مے ترٛاو پأری زان

(پرانہِ قلمی نسخہٕ پیٹھ)

(۸۸)

دِل گوم تارِ سے دیدار دِتأمو
یوٗت کیاہ بوش چھے یا وُنی بوش چھے
ہوشس نیوٗ ہتھم گوشس دارو پیتأمو
روبرو وُچھنس تاب چھم نہٕ یوان
چشمہ چہانہِ کیاہ چھے آبدارو پیتأمو
پمپوش رخ چھےسے گمہٕ شبنم چھے
بُمہ چہانہِ کرتیغ دارو پیتأمو

شیہلی اَچھ چانٛی ڈالہٕ ہاس پھنش

کرٕ ہا بینٛہ کتھ تارٕ پیتا مو

اَتھ رٛوہ پٕ ڈکہٕ ہسے خنجر سیتی چھے

گنٛجس پیٚٹھ شہمارو پیتا مو

ژلہٕ وُن یارٕ دود للہٕ وُن ھوُو ھم

ژلہٕ وِنہٕ خوش رفتارو پیتا مو

شوق چشم دِلہٕ ووہنی وورِ منز للہٕ وٕتھ

موہلہٕ وٕتھ لال بازارتہٕ پیتا مو

زُلف چانٛی زنجیر گردنہٕ نالی گام

پھیرنس روُدم ہٕ وارو پیتا مو

لوٗب چشم چون سے مظلوٗمس

موہ کھ ہاو بینٛہ سوہ کھ مارو پیتا مو

سوہ ندرے موہ کھ چانہٕ عاشق چھندرے

ینٛدرے گژھو بیدارو پیتا مو

مُشتاق نامی محموٗد گامی

وُچھتہٕ کیاہ دوُن نے زار پیتا مو

(پرانہٕ قلمی نوسخہ پیٹھ)

(۸۹)

پیہ نا سون دوبارٕ لولو — چینیہٕ نا پیالہٕ مرشارٕ لولو

مصحف رویس آیات پرٕ ہا — جگرس گیم سیپارٕ لولو

سبہ وہ فانتہ مئے صنائمن ژایام
ییٚیتہٕ گوم زوراوارٕ لولو

رنگہٕ رنگہٕ بے رنگ نوٚن چھُ دراُمت
ژھانجام برنگ کوٚٹھارٕ لولو

مخموٗرٕ چشمن مغروٗر موگژھہ
مستوٗر لاگہٕ بیمارٕ لولو

شامہٕ لٹہٕ مستوٗر ژھارنہٕ دژائیس
کامہٕ دِو ماہ رخسارٕ لولو

شمع توے وِگرِ نیو روٗدٕہے کرٕنے
بایہٕ بل گوٚو تہٕ یارٕ لولو

خوش آوازس خلوتہٕ شائے
وائیس چنگ سیتارٕ لولو

محموٗد گامی سٕنز یاس لاگان
پھیران کوچہٕ بازارٕ لولو

(بیاض غزلیات وموسیقی عزیز شاہ ڈل ملکیت ابن مہجور)

# (۹۰)

گوٚرٕ گوٚرٕ کرٕ یو کینہٕ کے دوٗرو
میہہ ڈٕین لدٕ یو ٹھُلہٕ زنبوٗرو

چین ماچینہ کے شاہِ فغفوٗرو
سپنس تملہٕ یو مُشکِ کوفوٗرو

دارس لوٚدٕ نہٕ کھ شیخ منصوٗرو
یارس ووت ہم پانس حضوٗرو

موسیٰ کھوٚت موبرکوہِ طوٗرو
جلوٕ تس سپنٕے تہٕ ہندے نوٗرو

شمعس عاشق چھُے پوٚنپوٗرو
یمبرزلہٕ سالہٕ ولہٕ عشقہٕ بوٗمبوٗرو

آنگن ژاہم ژٕ ے سٕنز ژوٗرو
گُلکہٕ پنجہ دِتھ ژوٚل ہم جوٗرو

دِلہٕ ہیٚند شاہزادٕ آکھ لوہوٗرو
ٹٹہٕ ماد دیو مرگی سوزرو

نیرٕ پتہٕ پتہٕ حقیقہ دستوٗرو
ژٕ ٹہٕ پردٕ ہ تے چھس مستوٗرو

ناوِ چھےٚ کھاوِ مال ہیٚتھ ہیٚرٚوٚرو     ڈالِو سازٕو نےٚ بیٚتہٕ سنطوٗرو

گیٚنٹہٕ منٛز پھول ہم شُبہک نورو     بٕرو تھیٚٹھ ڈمےٚ ایٚہٕ یو جنتچہٕ حورو

محموٗد گامی چھےٚ مشہوٗرو

نزدیک وٚاتتھ اوٚن گوٚت دوٗرو

(اکہ پرانہٕ قلمی نسخہٕ پیٹھ)

(ییٚمہ بٲتچ بیاکھ سورت چھےٚ مےٚ ساوٕ لگہ بٲتہ کتابہ منٛز درج کرمٕژ)

---

ع۱ میٹھ وِین = ؟ ب۲ یہ میٚٹھ چھیٚنہٕ صاف وچھان

## ۹۱

کستوٗری مَدنو از روز سانے

ماٲنز نم رنگِ ہےٚ ہاوسہٕ چانے ہاوسہٕ چانے

نادَس لگہٕ یوٚسبا نانہ میانے جانانہٕ میانے

بُتھ پیٹھ تُرقہٕ تُل ہا نشدہٕ بانے ہا نشدہٕ بانے

گاہ پیوٚ عالمس نوٗرانہٕ چانے نوٗرانہٕ چانے

رِندٕ مستانے ہا نشدہٕ بانے ہا نشدہٕ بانے

میٛٔل گو عاشقن رخسارہٕ چانے رخسارہٕ چانے

جبل گوٚ گردنہٕ لال مہر جانے لال مہر جانے

کھَتس گوٚ سوٚدرن مُہہ تیرہٕ چانے مُہہ تیرہٕ چانے

کٔنزہٕ ڈیٚچھ فاقن الفتہٕ چانے الفتہٕ چانے

حوٗرہٕ چھےٚ منٛدچھان نوٗرانہٕ چانے نوٗرانہٕ چانے

سرپنٔن ونٛدیو بَر اَڑھ میانے بَر اَڑھ میانے

خسبر چھمنہٕ قلیچ کیاہ چھُم لانے کیاہ چھُم لانے

ہوٚنٛڈ بَر مار یو بَر اَڑھ میانے بَر اَڑھ میانے

خشہٕ گرِ لدٕیو بأ قرخانے بأ قرخانے

تی ہو دستوٗر مالنہٕ میانے مالنہٕ میانے

ہَن ہَن زانٛ چھُم از روزسانے ازروزسانے

ہَر گو محمود دربارِ چانے دربارِ چانے

کستوٗری مَدنو از روزسانے ازروزسانے

(غزلن تہٕ موسیقی ہٕنٛز بیاضہ ملکیت محمد امین ابن مہجور)

(۹۲)

دولہ بوز ونہٕ یو دولہٕ ماشوقو دولہٕ ماشوقو

شین زَن گٔو چھُس ہا جویِن لأچھُس

ہا ہیٚنے تایہ ہا گلہٕ ماشوقو گلہٕ ماشوقو

کن تھاو نادن یمن فرئی یادن

یادن ونٛدیو گلہٕ ماشوقو گلہٕ ماشوقو

بال ئبتہٕ زانٛ چھُس لولہٕ تے ہوسے

روشہٕ دولہٕ ہوشہٕ ما ڈلہٕ ماشوقو ڈلہٕ ماشوقو

تیٚلی بلہٕ کانٛہ زوٗنہٕ بیٚلہٕ ژلیم گروسے

گُلشنہٕ بٔیپہ ما پھولہٕ ماشوقو پھولہٕ ماشوقو

محمود گامی سٕنٛدۍ چھٕ وَنان زأری

سورُے وٕنٛدیو کٔلہٕ ماشوقو کٔلہٕ ماشوقو

( پرأنہٕ قلمی نوسخہٕ پیٹھٕ )

## ۹۳

زٕہ وُنۍ دود چھُم پیٚون لٕلہٕ وۄن — مأرِتھ مشندٕ زار بوزسون سے ئے

لون کیتھ کرٕہم یاون گرون — لأگ ژٕ ڈوٗرِتھ تھوونم گرون سے ئے

دِگرس وانہٕ چھُم دَر رِنگرانۍ — مأرِتھ مشندٕ زار بوزسون سے ئے

گوٗڈٕ گوٗڈٕ کرٕہے کتہٕ دوران — دوٗرٕ پھوٚل چھے نوٗرون سے ئے

اَسہٕ نِشہٕ کوتے چھکھ دوٗران — مأرِتھ مشندٕ زار بوزسون سے ئے

چرخہٕ چھکھ لٕتھرٕ مژ کمی توٗرٕ کرٕ چھأی نۍ — بُرقہٕ تلِ چھکھ وُچھأنۍ سے ئے

وُچھتے زُلف چأنۍ چھیم گُچھان — مأرِتھ مشندٕ زار بوزسون سے ئے

نتھن گردنہٕ پیٚچھ کوکُل چوٗن — ٹیٚڑی پأٹھو پان کٔلہٕ وون سے ئے

رٕز پان کھوٗرنۍ عشقہٕ پیچأنۍ — مأرِتھ مشندٕ زار بوزسون سے ئے

سعہٕ ندری اَسہٕ چھکھ وٕنٛدٕ زالان — مَدنَن مَدٕ والان سے ئے

سادسے لاگ گرنہٕ واد یالان — مأرِتھ مشندٕ زار بوزسون سے ئے

نٲلِ چھے کمخاب ژال ملتان — ووہ ڈِ چھے سوٗل سُلطأنۍ سے ئے

زال یوٗژ ہارٕ تلو پوٚٹ جامہ خان — مأرِتھ مشندٕ زار بوزسون سے ئے

پوشہٕ مال زاہ نہٕ چھیم نہٕ وارٕ دِشان — خوش پوٚنۍ چھے پیشأنۍ سے ئے

## روشہ وعولیہ محمود چھے کریشیان
## ماری مشند ژار بوز سون سئے
(پرانہِ قلمی نوسخہ پیٹھ)

## ٩٤

اے دیدۂ بیدار دیدار می بینی    وے محرم اسرار دیدار می بینی

دُنیا چھہ زراعت وو بول کرِ سخنتہ    گوڈ سونتہ چھے نو کھپار

دیدار می بینی

ژھون منز چھُ نفس دون کھسہ وس چھک ہیر لون

ہو حق اللہ یار    دیدار می بینی

گوڈ گنگہ پادا کنہ کنہ چھے اصلیح ورتہ

کنہ بوزتہ کر کار    دیدار می بینی

شکھ ژکھ تہ حسد گال ہینہ ہیکہ نکھ تی ژال

کاس آیینس زنگار    دیدار می بینی

یا متہ ژہ کاشکہ پے اد سینکہ ژہ شے

ڈیشکہ نہ کانہہ اغیار    دیدار می بینی

خودی تہ مدی تراو زان نہ پان مشراو

تُل پردئے بپندار    دیدار می بینی

ہفتاد دو ملتہ سارے چھے گمی ورتہ

کنہ کنھو چھو بسیار    دیدار می بینی

دأریہ ژۂ پرٕتھ روز کر پاٹھ وٕنٛدِس سوز

اَدٕ سپنکھ ہوشیار دیدار می بینی

دِل زان چھہٕ طوطے بولان ژٕ یے خوتے

ہٕتیچھ ناوتٕن گُفتار دیدار می بینی

دِل زان عرش اللہ اَتھ منز چھُے بادشاہ

اَتھ کھور خدمت گار دیدار می بینی

باغوان چھہ در باغ گُل وُچھِتھ بُلبُل لاگ

از روے گل و خسار دیدار می بینی

نتہٕ وس تہٕ شدرس منز وُچھ موختہٕ لُدرس منز

دُر مأرفت بوٗمھٹ کھار دیدار می بینی

وُچھ بارِ صفاتس نِقاب چھُہ ذاتس

در پردہ چھُہ ستار دیدار می بینی

چھُے یار پانس نش پیتھ پاٹھ شراب شیشہ

سن چیپتھ کھسی خُمار دیدار می بینی

فِکرو تہٕ ذِکرو سیتی بیناسپنہٕ کیتھو

شب و روز چھک بیدار دیدار می بینی

پرٕ ذکر اللہ ہو سے چھے زو وگ زو

اَتھ پیٹھ چھہٕ ہشیار دیدار می بینی

بوٗزتھ وُچھتہ گژھ دٕپشتھ یی کرٕ پرٕتھ

اے محروم اسرار دیدار می بینی

---

۲ اتا ۱۵ ۔ یم پانژہ شار چھہ اکس قلمی بیاضہ منز ہریمانہ (ملکیت پروفیسر شاد)

# ۹۵

بوٗد وٗچھم معبوٗد چھُہ نابوٗد نفسے لوٗسے لو

سوٗد گوٗاژ ھم شہ مقصوٗد ننز چھُہ ہر شیئے لوٗلے

بابا داوٗد صاحب سونٹے چھُہ کابے لوٗلے لو

شب چراغ لالہ کہ کھوتے گھن چھُہ تُسے قلو لوٗلے لو

ہرہ منزہ کدیل اندر نیکان گئے لوٗلے لو

ڈنڈی پوٗرس اندر وٗچھم گجر بہ شئے لوٗلے لو

خوجہ یس ہیتھ کرادِ لدس چھُہ دراونئے لوٗلے لو

یس پٹھیہ طلب تس بابہ یاوُن لارُن شہ میہ لوٗلے لو

شہتھر داتس پانام میوان منتھر پیئے لوٗلے لو [۲۰]

.. .. .. .. .. .. ..

ضنیہ ملک تہ حسنہ ملک چھُہ حاتم طئے لوٗلے لو

زرہ دار چھُہ علی ملک فقر چہ لئے لوٗلے لو

موٗد گام یس دوٗن دوسدارس دوان ہیئے لوٗلے لو

طبلہ بازار نیبابس درہ گے پیٹئے لوٗلے لو

ء۔ یِم لفظ چھینہٕ قلمی نوسخہٕ ہِنٛدِس پٮ۪ٹھ پرٕنۍ تگان۔ ء۲ اَتھ مصرعس چھیٚنہٕ دوٚیِم مصرع دِتھ۔

## ۹۶

یاوَن مژی چھاوَن پیٚمُت لولو ۔۔۔ گُراون گژھس ترٛاوان چھیٚمُت لولو

بٕ کیتہٕ ژھارن سہ کیتہٕ پیٚمُت لولو ۔۔۔ یہ کمہٕ سنا کوٚت نیٚچھمُت لولو

زٕنبل موسہٕ ییتہٕ پانٛژمی لولو ۔۔۔ سنٛبُل تتنی تھوٚمی لولو

گولاب رُخس شبنم گمُت لولو ۔۔۔ کھیتھ ژنٛدن لومُت لولو

ناحقہٕ کوسے روٚشمُت لولو ۔۔۔ نرا دِتھ توٚتے راوٕشمُت لولو

سہ کمیہ سعہٕ برٛمرٕ مے ۔۔۔ رٕمے زٕمے ژھونٛمے لولو

یوٚہے پوشاک چھوٚمے لولو ۔۔۔ یارس رُستے۔ ردومے لولو

محمود کس لول ادِشمُت لولو

خدایہ شہ ہوٚز گومُت لولو

## ۹۷

حارِ متہٕ ہے سپرس چھُک مرپوش

کتہٕ کوٚت بٕ ژھارتھ متہٕ موروش

جایہٕ جایہٕ جوین تہٕ آبہٕ سبزار ۔۔۔ پایہٕ پٲٹھ روز تم تہٕ بوز تم زار

سیرٕ کٔنتھ وَنٕہ مے تھاو تم گوش ۔۔۔ کتہٕ کوٚت بٕ ژھارتھ متہٕ موروش

کیاہ بٕ وَنے چھیہم ماہ رخسار ۔۔۔ ہیز پوش مٕنز چھُے خال تیز دار

یُورِ پیٹھ لاگے رٚنگہٕ رٚنگہٕ پوش
کتہٕ گوٚت بہٕ ژھارٕتھ منتہٕ مورٕ وش

دوٚر موروز چھٔم منور للہٕ وُن نار
شور گنڈان گُل نوروزان سار

حورِ زاہ گیہہ ژورِ کوٚ ہیوٚ تھم ہوش
کتہٕ کتہٕ بہٕ ژھارٕتھ متہٕ مورٕ وش

ہا ژلو میٚے چھمنو ژلنس وار
کیاہ ژٕ کرِتھ ژوٚل ہم کرِتھس غبار

میون بدن زٕ سے مدنو اوے نو خوش
کتہٕ کتہٕ بہٕ ژھارٕتھ متہٕ مورٕ وش

نٔژی نٔژی بو میٚے راوٕ رٕودُ تھم لوٚ کھار
ژٕژھہ ژٕژھہ بہٕ تو لبہٕ کتُھ مہ غار

گرٕزھہ کوٚت میٚے خوٚنِ جگر نوش
کتہٕ کتہٕ بہٕ ژھارٕتھ متہٕ مورٕ وش

ہیٚٹِ کرِتھ توٚل ہم ہٹہٕ چھُمے بار
لٹہٕ آکہ میٚے یارو ہاو دیدار

گٹہٕ زوٚن تٔرٕ زانتن یاوٕنٕ جوش
کتہٕ کتہٕ بہٕ ژھارٕتھ متہٕ مورٕ وش

خارٕ کرِتھ گوٚ کمہٕ چھُم تنہٕ خارٕ خار
نال وٚلِتھ گوم چون کالہٕ شہ خار

عارٕ بہٕ مورِتھس لیوٚت موتوش
کتہٕ کتہٕ بہٕ ژھارٕتھ متہٕ مورٕ وش

روز دِماہ بوز محمودس زار
سوزٕ بوٚرٕت یہ دم چھُمے بڑم بازیگار
روشہٕ پتم یارو لیوٚت موتوش
کتہٕ کتہٕ ژھارٕتھ متہٕ مورٕ وش

(پرانہٕ قلمی نوسخہٕ پیٹھ)

۹۸

رٚنگہٕ رٚنگہٕ آیہ تہٕ رٚنگہٕ رٚنگہٕ گے
پانہٕ گوٚ بٲگران بانن مے

الست ربی اول پیرو زے

والاسلام دینی یہ زنان گے

محمد پینہ نے سردار ہے

پانہ گو باگران بانن مے

کلمے شہادتھ پرزناو نے

کلمے تمجید عرشک چھے

کلمے طیبس سیتھ ہاوے

پانہ گو باگران بانن مے

عاشقن بیلہ آے عشقنی ہے

فکرہ سیتھ تموذکر پنہ جہ ے

کل شے پیر جمع اصلس گے

پانہ گو باگران بانن مے

حیات النبی ایم چھ تم نسائی مہ ے

درود رحمت تمن بوے نے

گوناہن سانہن رسید گے

پانہ گو باگران بانن مے

کینشرہ پیالہ چے پیاپے

کینشرن پینے سپن طے

کینہہ چھ توت دائی ہتی کینشرن چھمے

پانہ گو باگران بانن مے

ہزاران گلشن پوشن چھنے بوے

از سنگ بہتر بنہ چھے خوے

محمود قلندر سائلس گے

پانہ گو باگران بانن مے

## (۹۹)

اندریم دود بہ کس ونیتھ زانے

مسافر پانہ میانے ہو

دنی یہس آیاس لاجام دوکانے

کینہہ تہ نو سود درام یئیمہ وانو

کالی ہو گرتھ یو اکتہ ہا دانو

مسافر پانہ میانے ہو

گرہ کڈتھ ننہ مو اند ماڈانو

ودہ تم خیش بے ٹھکانو ہو

شُرِ تہٕ بأڑ نیرِ نَم پَتہٕ رَوانو — مُسافر میانہٕ پانو ہو
کَرٕ کیاہ تَتہٕ یِتہٕ فاقہٕ آسہِ پانو — باز نو یَکہٕ کُنہٕ وانو ہو
دِین آم سوران کَرسا مانو — مُسافر میانہٕ پانو ہو
مسکین دُنیا مُلک وأرانو — ہوش تھاو چھس پَچھےٕ پہٕ دانو ہو

محمودہٕ بابہٕ کَتہٕ چانہٕ گُشو نہ اسنے
مُسافر میانہٕ پانہٕ ہو

(١٥٥)

ہا سے وَنیہو بوزتے کوٹ کال پأرس — یارس سوز پأغام
ژھوہ پہٕ کیتھ کَرٕ زار وَنہٕ تَس یارس — رحمہٕ پہٕ تَن کَرِ نَم ترام
بأل ییہ گَرِ ہیتھے زأل وانکہٕ پارس — کأل ہیہ گژھ گُمنام
صُبحکہ کھوتہٕ چھس نور روہ خسارس — مشہ نین چھ کران شام
بابہٕ داد ہول گوم بال پان مارس — داہ بوز لول دی آم
تُشتُشہ رنگہ روئیتھ گُل زارس — ییس بو سطحی مقام
وُوتُسنہٕ شدرِ کِہ وَتہٕ رفتارس — کَتہٕ چھُم سہ طونی اخرام
گژھی مولی وَن سأ ہزارس — کأشیہ ہُنہ سپنن غولام
یژھ کھے وأقف گژھ اسرارس — ژھارُن سہ خیر الانام
لاشک بأڑھین تَس پوخۍ کارس — عاشق کَتہٕ آسہ خام
مأزِنہٕ ہرگز تیتھ بازارس — ساز دار اوسُس مُدام
محمودہٕ ژٕنیہ ہوہ تَس بیر شکارس — کینتیاہ چھس دردام

(پرانہٕ قلمی نُسخہ پیٹھ)

## (١٠١)

گرٕ ژھٮ۪تہٕ وٕسی یہ ونتہٕ تس دِلدارس    تس روٗس چھُمنہٕ آرام

پیالہٕ چھس برٛان شالہٕ مار زارس    لاٗنی ژٕ دٕرس سوزٕ پیغام

گیاہ مشگہٕ تس روٗس ییتھ گلزارس    خارٕ گومُت کانٛہہ نے آم

عاشقس راوٕرن کمہٕ وتہٕ لارس    وحشی کنتہٕ گژھہٕ رام

زُلفہٕ ہیٚلہٕ وُہرن تتھ روخسارس    مشہ نیٚن سیٚنہٕ شام

بأجہٕ یہ نیٚلی ہیوٗن چھیپ تس یارس    گُل ہیٚلہ آسہ گمنام

سوختہٕ گومُت درفتنے تس پیہ خٮ۪تہٕ کارس    کوٗہ زانہٕ زاہ جستس خام

چارٕ چھُمنہٕ ژھارن پٕہیتھ بازارس    یار چھُم عٲلی مقام

نوتوان گیاہ کرٕ لانہٕ نیٚن کارس    ناچھہٕ لوگ دردام

محمودٕ مے ہوٚت ییتھ شمسارس    عشقہٕ داد ہیٚتن غلام

(پرانہٕ قلمی نسخہٕ پیٹھ)

## (١٠٢)

روز چھُم جاںٕنی تہٕ بوز میأنی زارٕ    یارو ژٕ سے کوو نیو چھُم دِل

ییتھ مے ہوو چھُم ماہ روخسارو    تنہٕ شٮ۪ پیش آم لوٗدٕ منزِل

صبرٕ چھ وأسنہٕ کوٗر چھُم خسارو    یارو ژٕ سے کوو نیو چھُم دِل

فرٕیادس تے نالہٕ دژام بارو    لانو زالہٕ کوٗ لأ جبتس رگل

آلو چاںٕنے بال سُندارو    یارو ژٕ سے کوو نیو چھُم دِل

اَسہٕ وٕنی کیاہ چھیٚن کھسہٕ وٕنٕ انارو — کیتیاہ مشیرتی ہوش ڈُلو
اَسہٕ اوس آرزو بوس وکنارو — یارو ژٕ سٕے کوو لاجہِ کس ژکل
نال کوٚ وڈٕ لعتمٕ کٲیہ شٕہٕ رو — زُلفکہٕ زالہٕ سیتو لگہٕ کٲزِل
شالہ مار باغس چھوٚلہ گلزارو — یارو ژٕ سٕے کوو نیوٚ ختمَ دِل
شُرکی پانہٕ میانے پیٚ لوہ گجارو — ژوٚرِ کوٚ ژوٚل ہیم گوم مُشکل
دوٚر ہیر چانے چھُمنہٕ قرارو — یارو ژٕ سٕے کوو نیوٚ ختمَ دِل
زَرِ کیتھہٕ عشقَن چھُم آزارو — کر گرِ ژھ یارس یارو وارِ حاصل
مرٕ ما شرچانہٕ چھُم آزارو — یارو ژٕ سٕے کوو نیوٚ ختمَ دِل
یِم ہرنہٕ چشمہٕ چانہٕ کیاہ سوٚدارو — مَرنے میانے کیاہ چھُے حاصِل
آسنم مہربان کٲستم خمارو — یارو ژٕ سٕے کوو نیوٚ ختمَ دِل

غارِ رٕستہٕ یارِ چھُے نہٕ لیوان غارو
دارٕ بوز خار کیتہٕ گے غاقِل
کس ونہٕ محمود چھس ناچارو
یارو ژٕ سٕے کوو نیٚ ختمَ دِل

(ڈیرانہٕ قلمی نسخہٕ پیٹھہٕ)

---

۱۰، ۱۱، ۲ یِمن دوٚن مصرعن منزٕ چھہٕ لفظ چھنہٕ سالم روٚزمٕتی قلمی نسخہٕ پیٹھہٕ

(۱۰۳)

فِکرہ ہیٚتھ وتھ گوش — فراموش مہ کرٕ
أندری گوٚندٕ نم جوش — ژٕ پیرِم دایہٕ ژٕ بر

دَمہٕ سیٖتۍ چھوٚلُکھ یمبرزل پوش     فراموش مہٕ کر
لاگِتھ چھکھ خاموش     پانٕژھ وَرخ یمبازر
تمہٕ سیٖتۍ روزک باہوش     فراموش مہٕ کر
سرٕ مٔنز کھوٚت یمپوش     سردار سون یاٚ غمبر
سارِنی ژٕھنہ سرپوش     فراموش مہٕ کر
محمودُن دِیُت گوش     پیرس چھُہ ونی دِوان

پانس مہٕ کھار بوشں
فراموش مہٕ کر

(پرانہٕ قلمی نوسخہٕ پیٹھہٕ)

## (۱۰۴)

چاپہٕ بَرتَل راوہ ہم راژے
آواز وٲژے نوٚ

کھاسہ ونہ زٕلی برگ چھٔژ ے     چھس سعہٕ نیچ یمبرزل
کٲلی میلو قیا مٔژے     آواز وٲژے نو
ژوٚنیز شوٚبے بہ خندٕ مٔژے     گوٚتہٕ عاٚر جوہیٔر بچھہ نہ زاہ
اَدٕ ناو پیوم اللہٕ مٔژے     آواز وٲژے نو

ونہ ہا یٔژ عشقنہٕ پرانژے
کَن تھاو محمودس

# کمن صوٗرتن گژھان میٚیژے
# آواز وٲژے نو

۱ء "آواز وٲژے نو" چھُ للہٕ دیٚدِ ہُنٛد واکھ تہٕ دیوان مانیٛہٕ۔ ممکن چھُ محموٗدن ما آسہِ تیہنٛدِ سے بٲتس پیٹھ تضمین لیٛوٗکھمُت۔ مےٚ سےٚمبیدٕ نہٕ آمہِ بٲتُک کانٛہہ قلمی نُسخہٕ دستیاب۔ (ناجی)

## (۱۰۵)

گوم بیداد یارٕ چوٗنے چھکنہ بوزان زٲری ہے  
داد چانے دٕہ ندٕ پھوٹ موسینہٕ زول ہتھ نٲری ہے

دوٗر لوے ہتھ تیٖرِ مجگان آم زخماہ کٲری ہے  
لولہٕ دٲنجہ کاٗمہٕ ترٕ ترٕ خوٗن کیٛاہ پوٗک جٲری ہے

شیٖشہٕ مَسہ کی پیالہٕ چیتہٕ مو نیٖشہٕ لگہ ہے پٲری ہے  
غنچہٕ ما چھُے سون دِلس توسہ وَہ ہتھ رے سٲری ہے

حالہٕ آکے نال وٕول نمہ زُلفِ سیاہ مٲری ہے  
ہٮ۪ٹھ کرٕنس میانہٕ مرنٮ۪ کھ مٮ۪ٹھ کھسہ نے بٲری ہے

زُشہٕ روٗستے یارٕ میانیو کشتہٕ کڈٕ ے سٲری ہے  
چھیٛنٛدٕ رٲو بٕتھس ہاے رندو زندٕ زا جبتھس نٲری ہے

بوسہٕ دِمے دوٗن پادَن آدٕ نیٛح چھم یاٗری ہے  
لوکہٕ چارس کونہٕ گنٛدٕ موکہٕ جارس بٲری ہے

زِ زا جبھتس زِ کوتاہ خاصہٕ عشقے نارِ یے

گاہ جبھتس بو عشقہٕ نارے کونٛڈ نم ہشکارِ سے

تھوٚد روٗزِ ہتھ شیوٚد وچھتم کرٕنہٕ از دِلدارِ یے

رٔنگہٕ رنٛگے پوشِ باغکو پوش چیادتم ساری سے

سیتہٕ وٗری شے پیٹھ یوٚ تام کرُم انتظارِ یے

دود ییٚنہٕ نے باوکس تے راوی دردِ ساری سے

کرانہٕ دِرایس جانہٕ باپتھ کڈ منے وارہ خاری یے

شہہ تہٕ نِشدر راوٚ مے زٔ ہے تیتھ کرمے شبِ ہجرٔ آری

زور زارے نالہٕ زنہٕ تھوچیلہ منہٕ نے ساری یے

محمودس داری کم کم تھاوِ یتم سمسارِ یے

---

۱ پروفیسر شادس نِش یہ غزلن ہنٛز بیاض موجود چھےٚ، یہ باتھ چھُ تتھو منٛز درج نہٕ بیپٹھ کنہٕ چھُس لیکھت :" غزل کشمیری مطابق وزن غزل مرحومہ مؤلفِ محمود گامی"۔ امہ تلہٕ چھُ باسان زِ یہ عربی فارسی غزل تہٕ چھے محمودنی۔ امکیک ییتم شار چھُ یہ

وین کلام ما بپسند اید در شعر و فنون

انّ فی ہذا الآیات لقوم یشعرون

مزید ثبوت نہٕ آسنہٕ کنہٕ چھُنہٕ یہ غزل "کلیاتِ محمود" منٛز درج یوان کرنہٕ۔ (ناجی)

(۱۰۶)

ژھان بالہٕ گوم شامے — کونے آمے یار
لیکھو لیکھو لدس نامے — لیکھنس چھمنو وار
اُنی توم نامہٕ پأغامے — کونے آمے یار
خابس منز ڈیٖنچھامے — یاوُن برٛم بأزی گار
سُہ خاب اپُز ڈرامے — کونے آمے یار
عائشہ موٚت عشقہٕ مُقامے — لَشہ زَن گوٚنڈنم نار
نارس سوٗزٕ گیامے — کونے آمے یار
محمود شہرٕ تہٕ گامے
صاحبس چھےٚ ونان زار
ویٚسو یہِ حیلہٕ وُنیامے
کونے آمے یار

(پرانہٕ قلمی نسخہٕ پیٹھ)

(۱۰۷)

دمن منز دمہ برم گر حق پرستی — لمن گرنہ تارسی بر طاق مستی
گرکھ بیٚلی نیستی حاصل ژہٕ پانس — بنکھ ہست بیلہٕ نبر نیبرٕ کھٕ نہ ہستی
ز فرشِ خاک گر پرواز عرشس — مُرشد شاہ میر مہ بن کنجشک ہستی
انکھ عالمَ، کرُن بر ہم بیکدم — یہی در تُلکھ انتن دس بدستی

زٕتن نا اِلٰهَ ژٕٹ ماسوٰی اللّٰہ | یہ مُلکھ دِل زٕ الا اللّٰہ دِ بُسھتی
طریق قادری اَے سُہروردی | نقشبندی وہمدانے و چِستی
غنیمت زندگانی چھےَ مہ راوَر | ذِکر پرٕ فِکرٕ اَندر کرمہ سُستی
ژٕ چھُکھ تا واد دِتھ میثاقٕ آمُت | کَتی فُرصَت نہٕ کر وعدٕ دُرستی
دلِ خوٗد دِلبرس کُن تھو نہٕ چائِنر | چھےٚ منظور تس نِشن دِل شِکستی
دروٗن منزلِ جانان رسی کے | مگر از عشق برجان تا نہٕ بستی

وصالِ یار کر محمود حاصل
مگو اسرارِ عشقِ شرحِ ہستی

(۱۰۸)

موروش مَسا روش ہیوٚ مارٕ مَتیو وسے

رِکھو چھےٚ ژٕ سُنگ بوش ہیوٚ مارٕ مَتیو وسے

نیا مُنھ چھےٚ روغن جوش خانٕ بولدٕ یو

پانے تٕنس سر پوش ہیوٚ مارٕ مَتیو وسے

رٕنگہ رٕنگہ ژھارتھ بو کَمہ رٕنگہ دمے وٕنی

متٕ تٕ گو فراموش ہیوٚ مارٕ مَتیو وسے

دُردانہٕ ہیتھ آمو دور کُلن بو گرائی

شوٗبان کتھ شاہ بَرٕ گوش ہیوٚ مارٕ مَتیو وسے

دِلہٕ وٕنی محموٗدن دِلہٕ بر ہیتھ آمہ

جگرس کوٗر تھمہ نوش ہیوٚ مارٕ مَتیو وسے (پرانہٕ قلمی نسخہٕ پیٹھ)

(۱۰۹)

دمہ دمہ پھیر تو دِلہٕ کِس کابس — توجہ کرِو آنچھنابس کُن

شُلہٕ وُہتھ، وُچھتو گُل آفتابس — رُتے پھُٹے تس آفتابس کُن

بیہوش گژھو دمہ دمہ واتکھ متابس — گوش تھاو دِلہٕ کِس ربابس کُن

دُنیا تراو منزٕ نِش چھک خرابس — برمتو متہٕ اُتھ خرابس کُن

اَتھ اُک مال تھو وصلہٕ کِس شرابس — لے کر میلس قرابس کُن

تنہا روزِتھ وُچھتہٕ تیز آبس — آب بن آب وُچھتہٕ آبس کُن

محمودٕ پیاران کتہ چھک جوابس

مو وُچھ بیتس نقابس کُن

(تر پیرانہٕ قلمی نسخہٕ پیٹھٕ)

(۱۱۰)

آدنہٕ آیاس گُنے زُونے — گنڈ پہے تیمو ہتہٕ بدی نیائے

لایوت اوسور منز میدسے زیوسے — کرناو منز زاہ پرنچ راسے

گُنزرس نتہٕ پنڈِین دِتمتہٕ وونے — اوسنے لوگم کیاہ چھم پاپے

میترانہٕ لگیم یسیلہٕ تو لنے — نپکیں منزٕ ما آسیم تراے

مردودن کیتھہ دوزخ سونے — دزٕ دزٕ آسکھ منز تاپے

محمودٕ آسن عرشس گنے — فرشس پٹھ کنز آسکھ جاے

(پیرانہٕ قلمی نسخہٕ پیٹھٕ)

(۱۱۱)

لا اِلٰہَ ژٕ اوٚرہ الا اللہ پٔرتو — کرِ تو دَمہٕ دَمہٕ تٔھکھ کٔن ٹکل

زِندٕ بوٚد روزَو زِندٕ پانہٕ مَرتو — مار خٕمہٕ نفسس ہار کرتل

پانٕژھ وقت نماز دائیم پَرتو — کرتو دَمہٕ دَمہٕ تٔھکھ کٔن ٹکل

کاٗژٕ کر نَفسس رمضان دَرتو — قائیم روزِ تو تَس ٹَرتل

کرتو دَمہٕ دَمہٕ تٔھکھ کٔن ٹکل[1]

باقیہ خاٗصل پوٚر پیر کرتو — سعدن گرشَ ھاک آتکھ یُود ترتل

قول پِیہ دِتھ آسے شہ تیہ سرتو — کرتو دَمہٕ دَمہٕ تٔھکھ کٔن ٹکل

عشقنہٕ آتشہٕ اُرژ برتو

چھکاسنے اَدٕ ٹاٗلِ کوٚثر بٔل

محمودٕ رژٕ رژٕ عملے کرتہ

عملے کرِنے نتہ پرتل[2]

(بسیاحن عرز وَن)

---

ع۱ یہ شار ژھینہ پوٚر وونان۔ ع۲ پرتل = پرتال

(۱۱۲)

مردود بوٚو پیتو لدٔے — پیہ پیہ وچھتن پننہٕ زٕ یار

وارتھ ژٕنٔے موٗے موٗے — عشقن جتو ہے اسرار

بیتہ دوزہ نہ تتہ ہا سُبُئی     وَتہ وَتہ آسی تتہ سبزار
رِشلے متر کیشاہ ہوہ چھے جھوئی     دِلہ کنہ ژٹمنس گرِزحہ ملہٕ ڈار
زِندٕ پانہٕ مُودی ہم تِم ناموئی     چھی تِم ذاتس نِش روٗدار
وَصلک موئی یُس دَمہٕ دَمہ چیئی     اَصلک تمی سیٖ بنہٕ دیدار

مُودیُس کھیو آہینہ ختئی
کِتھہٕ پاٹھو بنہٕ تس ڈیشُن یار

•

شاہدتہٕ مشہود ُچھتھ اُتی     یُتہٕ چھے چونے بیت اللہ
رُمہٕ رُمہ پرتو لیہ تے لتے     دَمہٕ دَمہٕ تس کُن ہُو اللہ
الا اللہ ژھانڈتن چنہٕ چھے تتے     قبلس کُن ترٛاو ہُو اللہ

ہُو ہُو مُودٕ پرلیہ تہٕ لیہ تے
روٗح چون بنہٕ اَدٕ روح اللہ

(پرانہٕ قلمی نسخہٕ پیٹھہٕ)

۱۔ شیرین خسرو

۲۔ شیخ صنعاں

۳۔ قصے ہارون رشید (۱-۲)

۴۔ یوسف زلیخا

۵۔ لیلیٰ مجنون

۶۔ منصور نامہ (۱-۲)

۷۔ قصے محمود غزنوی

۸۔ پہیلی نامہ

۹۔ یک حکایت

۱۰۔ اکھ حدیث

●

# شیرین خسرو

اول حمداہ تمس ییمہ پاد کورٕ جہان ‌‌ ‌‌ زمین و آسمان و عشق و عرفان

درودٕ بے نہایت بر محمدؐ ‌‌ ‌‌ بر[1] اصحاب کبار و آل امجد

ہزاران[2] منقبت بر چار یارش ‌‌ ‌‌ چہار ارکان دین استوارش

ز بعدِ حمد و نعتش ہتھ اوتن یاد ‌‌ ‌‌ ونے شیرین و خسرو عشق فرہاد

چھہ فرماوان نظامی وانہٕ مانُن ‌‌ ‌‌ شہ نعہ سرو چھُے پتر نوشیروانُن

ونے کیاہ اوس تس جاہ و جوانی ‌‌ ‌‌ بصورتھ اوس زَن جمشید ثانی

چہاردہ سالہ شاہِ چار ابرو ‌‌ ‌‌ چو ماہِ چاردہ تابندٕ خسرو

شگفتہ[3] کیاہ اُسُو تس شاہزادس ‌‌ ‌‌ شہ تیتھو کیخسروس نے کیقبادس

دوہا اکہ دراو سُے سائلس شکارس ‌‌ ‌‌ گراہ اکھ ہیلہ گو پتہ کشت زارس

خبر گَے بادشاہس ووت داوس ‌‌ ‌‌ نسیحتھ[4] واراہ کورُن تس شاہزاد س

تیہ[5] کوز بتہ خسروس گو خفہ وارا ‌‌ ‌‌ رفیقو دوستو کورٕ ہیسمی مداوا

---

۱ بر اصحاب کبارش آل و امجد (ن ۱۲۴۸) ۲ یہ شار چھنہ قلمی نوسخس منز ۳ یہ شار چھُ چھاپی نوسخس منز یوت۔ ۴ نسیخ کور تمی شہن تس شاہزادس (ن مہجور- ن ۱۲۴۸) ۵ کوسے تس خسروس (ن مہجور)

شفیقہ خاصہ ایشس ناوشا پوٗر[۱] — بخلوت محرم اسرار مستور

تتھی وُنی تس کنھا اسے خسروٕ تن — زنانہ پادشاہ در شہر ارمن

مہین بانوٗ ونان چھس ناو سأری — لبسنہ کاتھہ کمی درتاجدأری

عزیز از جان چھےٚ تمی ہنٛزے بِشُر گوٗر — بُہ شیازن چھےٚ آہش ہنٛز جنتچ حوٗر

تسندے قد خرامان سروِ آزاد — روُ یہ سندے دست بازوٗ شاخِ شمشاد

سیاہ موبوٗ بیرِ تس کیا چھہ تالیش — شہ تالیش چھہ پنٛہ چھےٚ کستورٕ مالش

خطِ فرقش میانِ موٗے مشکین — عجب پرٗ نوٗر جوٗے چین ماچین

زرین طاقأنی مرصع کار بر سر — وتے گیاہ چھس شبان بر موٗے عنبر

گِژ منٛز زن چھہ کھوتمت آفتابا — نتے منٛز سنبلن جافرِ گُھلاباہ

پس سرگیاہ چھہ تس کوکل پریشان — کمند دل تمن کیتھ یم چھہ ڈیشان

قدش[۲] قائم دو کاکل در نماز ست — بقدرِ عمرِ عاشق بس دراز ست

خنجر مژتس تہٕ وُنجر ذہن تمن منٛز — ہنا آسس سفیدی چون سمن منٛز

سےٚ[۳] منٛز تنہٕ ژندتس ابروٕ موزون — یوان آس درتیتھہ زن شمشیرِ درخون

ظہورِ نورِ حق پیشانئے او — چہ گویم وصفِ عالیشانئے او

ڈیکس پیٹھ ڈیکہ تس گیاہ اوس شوبان — نتے پیٹھ آفتابا روزِ روشن

بُمن منٛز حال تس مابین عینین — نتے پیٹھ[۴] شیوہ نو قطہ بر سرِ غین

---

۱۔ انظامی ین چھہ ینتہ کتابہ منٛز "شاور" لیوٗ "کھمت قلمی نسخس منٛز تہٕ چھہ شاوٗر لیکھت ۲۔ قدش قائل (چھپن) ۳۔ یہ شار چھپنہ ن ۱۲۴۸ منٛز

۴۔ محمد بہ مقامِ کابہ قوسین (ن مہجور۔ن ۱۹۴۸)

بُن منز خال مُشکِ اَدٕ فرو ستھو
وُفان زن راز ہونز اشپیر وستھو

نتہٕ زن زٕنگو یاہ بازو کُشادہ
آمادہ بر سرِ آہوسے مادہ

زٕ چشمہٕ ناز چھس چشمانِ آہو
زٕ جو دوٕ کارِ ظالم یار بدخو

تتھٕ زٕ سے چشمہ یا مُتھ ہرنہٕ ڈیشان
شہ سعہ سے ناز ڈیشتھ تِم تہٕ کریشن

یِنے تِمہ مست چشمو کرِ کھ کانگل
تٕنے چھی ون زٕ ٹھتھ یم ہرنہٕ کانگل

یمبرزل چشمہ ڈیشتھ گیہ بیمار
ز تعجیلِ شوق[2] دیدہ شد نگونسار

دوٕ چشمش پُرٕ زٕ سے ہیچو ل دوٕ چشمہ
نِشاطِ نشہٕ چھس عشوہ کرشمہ

برمزہ غمزٕ تِمو شُشد نارٕ وُزمل
فریبندہ نجدہ کیاہ چھہ ہاژل

زُلف شہمار رأچھہ اَتھہ حُسنہٕ گنجس
نتہٕ ییتھ ظالماہ لُو دمت تیکنجس

کران یامُتھ سعہ تِمہ ہار بُجنے کش
مران مُشتاق کیتیاہ واتہٕ نیہ کھش

اُچھر وال نیز کھوٕ تے تیر تہٕ راس
ز زخمِ ناوکِ اوکس نہ برخاس

بجبگان کرِ یوٚ دوٕ سے اَکھ اِشارہ
کرُن[3] دل سنگ سارس پارہ پارہ

گنے بوزکھ ونے از حال نہٕ گتہٕ
سیاہ دل نار منز سے دزاو یتھ خناہ

رخس پیٹھ شوبہ ون کیاہ زُلف و تے خال
غرمین عاشقن کیشتھ لو گمت زال

میانِ چین زُلفش خالِ مُشکین
بہر سو ڈھالہ ہاران آہوے چین

رخس پیٹھ شوبہ ون کیاہ خال تہٕ ژومت
عجب شاہ حبش دربانغ ژومت

نتہٕ زن زٕنگیاہ بازو کُشادہ
امادہ برسرِ آہوسے مادہ

---

[1] ایہ شار چھُ (ن ہ مجور تہٕ ن ١٢٣٨) منزٕ سے یوت اَکھ جایہ [2] شوخ دیدہ (سارِی قلمی نسخہ) [3] گژھی دِل سنگ خارس پارہ پارہ (ن ١٢٣٨)

شُبان کیاہ خال تتھ برگِ گولابس — تتھے یتھ سنگِ اسود شوبہ کعبس

شُبان کیاہ خال تتھ برگِ انارس — دُزان زُن مرثہ فوّل خنر باگ زس

تَوے ہیوٗ تمت چھ بر دل داغ لالن — تَوے اسپند چھ نار سے پان زالن

زِ رفہ نع ہادِتھ چھ ٹوکن تمبہ لاوان — زِ سُمبل دستہ خستن سمبہ لاوان

بہ عقل وہوش تھو تم گوش وارے — کنن کیاہ شوبہ ونی چھس گوشہ وارے

سنتے فَلی موختہ کی آدیز گوشن — ستے ریشمو زوکھی ہتی زوزنہ چھ توشن

کنوٗ ٹلی دوٗر فلی چھس دو نیتھ ٹیوان — گگے منز زان ستارے شولہ دِوان

پرزل ونی چھس الروٗنی ستھ ستارے — گران تم بیقرار دار مارے[1]

شکرلب چھے دو زلی تس لالہ کھوتے — کھتن دانس شر احلا کا تہہ طوطے

دو زلی وُٹھ زن چھ برگِ پان ٹانے — نتے ما چھس رتے سانکیٔ نشانے

وُٹھن منز دند چھلی چھس موختہ مالے — چو شبنم دانہ ہا بر برگِ لالہ[2]

اُسن وقتن ہیوان چھس گنڈ منز ش — تتھن دوہن موختہ ہارن شوبہ شاباش

سیٹھا باریک ہینی خنجر سیم — دہن چون غنچی تنگ حلقہ میم

وُٹھن دوہن تل ہوہنگن چھے تس مُدّور — زِ کرے ہتھ سیب سیمینس بر و بر

قرارِ دل بود نایاب اینجا — کہ ہم چاہ است وہم گرداب اینجا

ہو نچے منز باگ چاہ یا ورطۂ غم — بہشتک حوض کوثر چاہ زمزم

ہو نچے منز کیاہ چھ شوبان خال دل خاہ — ہیے منز کاویا ہاروت در چاہ

تتر تھن کار ڈیشتھ شمع کو نور — دُزان تے پان زالان چھم نہ تھ نور

---

ع۱ پارہ پارے (چھہ ن) ۲ دانہ بر برگ گلالہ (چھہ ن)

چھنہ ترتھ اثر نہ من گردن درازی — شرو[1] یادن پیوان از سرفرازی

چہ آہو کار ڈیشتھ کار تراوان — زلف ہاوتھ چھ سنبل منز چھاوان

حلب آیینہ کھوتے سینہ چھس صاف — امانتھ خوش پسے پیٹھ کس سے داف

امان چھس ہی سنان چھس سے بدنس — ادے پوشان اتھ بر چھس نو ودنس

پیپر سینے ڈیستان قبہ واری — سیتھا من ڈیشتھ ومن بیقراری

رسہ پیپہ شند کٹوری بر پیتہ ہر کھاسی — کھسہ ونی داں تس کیاہ جان آسی

تن او نرم و نورک نو نختاہ — پیپتھ تتھ نو تختس نیک بختاہ

رواں شہزاد کر ڈیشتھ ہ از دور — تمنا کیتھ پیتھ تہ لی ہیتھ مہتھ سور[3]

بنافش وانہ تے کستور کر نافے — زنافہ تاب پا عصمت غلافے[4]

پدلیہ پیٹھ کو لٹھ تشند کو دم اتھ و ستو تاہ — کمر بون کو ہ میمن بے نو ہو ناہ[5]

کوہ ٹھیو پیٹھ وانہ زن چھس پیپہ شند کوہ — چھہ یادن ریتھ ماران بیغرض زوہ[5]

درنا سفتہ وچھمت چھس نہ الماس — چھہ ٹھوونت عاجین تتھ عصمتک پاس

پہ وون مے تمہ کھوتے خوش سرایا — زبان چھس تانہ شیرین[6] زن چھ حلوا

پہ کوز تھ سرو من دل گومت بیتاب — بہ نو شا بور تو تامت چھمے آب

مے تس کھوتے نو جم نہ سا کانہ درکار

بہر صورت کر دانی دم اکھ یار

---

۱ پرن یادن (چھون) ۲ تمنا کیتھ پیتھ تہ لی ہیتھ ملیتھ سوز۔

(ن ۳۸ ۱۲ ا) ۳ علاقے (چھون) ۴-۵ یم زِ شار چھنہ چھاپی

نو سخس منز۔ ۶ نرم وشیرین (چھون)

بحکمِ شاہ شاپورن قدم تُل — پتہ ارمن ووت گوٚ در خرمنِ گُل

کرِن تتہٕ کاغذس پیٹھ شکلِ خسرو — یکبخت در باغِ شیرین ژھٔنِن گو

گلِس تتھی تھاولا گیتھ برلب ناگ — ہیوٚرِن در باغ پنہاں ژھنڈ ژھانڈ اگ

پگاہ دیٚت بلبلو در باغ نالے — ڈیوٗن توٗ تا ہم اتھ بے داغ لالے

بہ گلشن آیہٕ شیرین مست خندان — بخندہ خوش دِوان درد مندان

پری رخ منز مشوش ٲس بان — منوشن تس چھُت دِل اوس بابان

رفیقن سیتی با عشق ٲس پھیران — زمان ٲس ہرنہٕ چشمو سیتی تیرن

پری نے حور آسس مست بیٚنتے — کران ٲس ہتھ رنگہٕ پوشہٕ دستے

وزان اوس ساز ونے سیتار رنگھوز — چوان ٲس لولہٕ کی ہتھ پیالہ خموز

شرابہ چیتھ چھپہٕ نمر روخ عرق ریز — گژھٕ ازہوش گرٚمت دزہ نظر تیز

نظر ترٲوِن وُچھن اکھ صورتھا جان — فرشتہ یا پری یا حور و غلمان

وُچھن تتھ صورتس گٔیہ بیہوش — سپن ارغوانس زعفران پوش

رفیقو بوسہ کریٚمس غوچہ تم تراو — پیٚیس یاد کنیزا عالیٚ نراو

کوٚرن ہیٚہ یہ صورتھ پورہ ٲسی توام — پری چھا آدمی چھا وارہ وٲنی توام

نقاشن کیٚہ کرِن یتہ نقش مشکل — یہ ڈیشتھ مابیٚیس ارمان در دِل[1]

بدیس صورتھ وُچھم نہ کانٛہہ تہ ثانی — اما یتھ صورتس یوٚد آسہ جانی[2]

بدیس صورتھ وُچھم نہٕ کانٛہہ انسان — اما یتھ صورتس یوٚد آسہ ہے جان

ٲمس کھوتہ زخوبان کانٛہہ گوٚ ذہم نہٕ — ٲمس ترٲوِتھ ییٚیس کُن ٲل چھم نہٕ

گیٚیس آوارہ گرمی تہ چارمیونے — دیٚیس ڈٲی توٚ مے کاسیم زوٚدنہ گرونے

---

؏۱ پری ڈیشتھ ہیٚنس ارمان وچھون) ؏۲ یہ شارہ چھپہٕ قلمی نسخس منز۔

فقیرن وُ انسہ پڑ اُنس کانسہ وُنی تو — فقیرو مُیتھ منوشا کینہ وُچھت نو[١]

فقیرن شاہ پورن لوگ سُنز باس — شبان تس نوٚر اُبر کرتس سوٚرے ساس

تمس ڈیشتھ سعہ شیرین ڈرایہ تنہا — فقیرو کانہہ منوشا مُیتھ وُچھت نا؟

فقیرن کیو نژ کالہ شتوٚد وُچھس نہ — وُچھت زوٚن ببیہ کانہہ سیتھ چھُس نہ

ززانو نژ تمن ھتوٚد کوٚرن ہے ہے — وَنے کیاہ خوبصورتھ خوسرونی چھے

چھُ سے از نسلِ نوشیروانِ عادل — ژٕ وُچھتن چھے تسنز صوٗرتھ مُقابل

وَنے وفہ نیر تمی وُچھنکھ ژٕ درخاب — تنے ژٕ سے ہیچھ سیٹھا گوُمت چھُ بیتاب

بہ سوزس تم ژٕ سے نش قاصد بیانے — تسنز چھے معہ ہر وُاچی زٕ ھٹ نشانے

شہ خوسرو در مداین چھے ژٕ سے پرارا — نتے ما سے پتے یوٗرکہ آسہ لاران

شکر لکھ ہارنے شیرین وشاپور — غمچ تلخی زٕ خسلقہ گیہ تس دور

تتی لوٗزن تہ شیرین گے گرفتار — دوٚپن تمہ شاپورس کن ووٗ ھتا اُتھ یار

وفہ لو شاپور جو درم یر کُھتن طوٗل[٣] — مے نش دور تس ہیچھ کرتہ مشغول

وفہ لو شاپور نوٚ نام ہیچھ مے سیتی[٤] — مے تس کھوتے جوان عاشق چھ کیتی

وفہ لو شاپور دمن منز مہرپے چھُک — مے تس نش وُ اتناوُم ہیمہ ژٕ سوزکھ

دوپس تمہ شاپورن وقت است برخیز — بہ یکے پیادہ ژٕ کھسن پشت شبدیز

تتھے وُ یکھ ہیتھ چھ بیتہ لاران شکارن — پرژھان گاران چھسے بو بیتہ لاران

اُتھس کیتھ واُج تس کرث چھے نشانہ — نشانہ ہاوہ زٕ سس در محلہ خانہ

---

١ چھنا مُیتھ کانہہ منوشاہ ہاپہ کیاہ گوٚ (چھ ن) ٢ ونتہ اسے یار (ق ن ١٢٤٨)

٣، ٤ یم زٕ شار چھ ن ١٢٤٨ تہ ن مہجور منز نے یوت، ٥ زٕ ہیچھ ببر (اڈلیثو گ نوسیخ)

٦، ٧ یہ شار چھُ ن ١٢٤٨ تہ ن مہجور منز نے یوت۔

تنھے یوژنھ سعہ شیرین دراے لاران　　کوہستانن اندر گے حال حاران

دہ ہفتہ رفتہ رفتے اَس فاقے　　سعہ ہفتن زون زن گجھ فراقے

ونس منز دوُر ڈیُٹھن ناگہ چشماہ　　یہ بیتابی گژھتھ تتھ منز ژھینن بعاہ

غبارِ گرد راہ از تن کوُرن دوُر　　شبان اَس کوترمت منز جنتچ حوُر

دپان القصہ خسرو دراو شکاران　　شکار زن آشہ رٹھن کانشہ داران

وچھن از دوُرہ خوراہ پان نادن　　پری زن آب زمزم اَس چھاون

مژہ رمت موے مشکین دام عشاق　　یہ ڈیشتھ شاہ خسرو گوس مشتاق

بہ پنجہ اَس والان شانہ زلفن　　شہ پنجہ شوبہ سرگس گنڈ قلابن

تنِ سیمین تشتس زن گامن کوفور　　یوان اَس دریٹھ زن نوُرن گلانور

میانِ موے سراں چشمِ بے غائب　　چوپاہ زن کالہ اژدہن تل گژھان غائب

زنخ اوزن سرس منز باگ پموشن　　گگلے دوُد منقل بہ بیناگوش

زلف ڈیشتھ چھ سنبل دل پریشان　　زرکو کل مشکہ تر تر عشقہ پیچان

دلس گو خسرو سرد موج گیاہ سن پری چھا　　پریہ نے آسہ تیلی جودو گری کیاہ

بصورتھ چھس صفتھ شیرینہ بندی　　بہ دوُل نس ہایہ گژھ پانے بندی

بہ یس نیشہ گژھ کیا ستہ آسہ ناسعے　　مے یتھ آسنہ پانس کاسہ نا کھے

دچھمنا روشیہ یودوے آسہ شیرین　　چھو گل دستہ تلن بو بہ ہیر زمین

ونن کیاہ اَس شیرین پاژ پانس　　کنن کمہ گژھ دیمیونے تس جوانس

---

۱۔ بیاباتن (نا معلوم) آمہ شارِ پتہ چھپن ۱۲۲۸ منز بیاکھ شہ ریس شہ وعو پھان چھُ ۔

قرارِ دِل لوٗگُس نہ دَرِ چمنَس | گَژھِ ہمسہِ سٮ۪تۍ رٔژھ اَخِر جایہِ تنہا

مکانا قادِخاناہ بَر سَرِ کوہ | دِوان اُس نالہٕ تِتھۍ بٮ۪ٛٹھ[۱] راتھ تہٕ دوہ

پکان پرویز گوو دَر شہرِ ارمن | شکارَن وُنی دِوان گُلشن بہٕ گُلشن

سمکھ شاپور شاہَس بَر سرِ راہ | وُہمسہ پتہ ویٚر گوُرن افسوس تہٕ آہ

خبر کیٚتھہٕ چھِیہٕ تَس شیرینہِ پیٚیہٕ گوو | خٔتے کَرِ واتہٕ ہُ ییٚت شاہِ خسرو

خبر لوٗہِ پتہ سہٕ خسرو گوو خبردار | دِ آکھ میر بادِ کَس مۍ راوُرم یار

اَچھو ٹپ شیٚتھ ہہٕ رودُس دِ گمانے | سہ یٚودوٕے آسہ سہ شیرین نشانے

نہ چھُس شاپورنے شبدیز خسرو شرنگ | غلط گوٗر نَم گمانُن وقت گو تنگ

ولو شاپور وَنتم کیاہ کرے یہِ | مۍ نیش نے واتہٕ شیرینۍ پٮ۪ٛتھ مرے بہٕ

سہ ما آسیم سماہ پٮ۪ٛتھ ماتمَس منز | غریبا بے کساہ بَڈ پُر غمَس منز

ہمسہ کرکرہ پکان وُلی انتم لوٗ | غمنک دوہ سہ مست کیٚتھہٕ پٮ۪ٛتھ تمک سوٗر

سہ امتھہ دو مت زندانِ شیرین | دُچھُن شیرینہِ برلب جانِ شیرین

دوٗپُس شیرینہِ اے شاپور بیباک | سٮ۪ٛٹھا کرُتھس خجل وُہ نی یوٗر کوت آکھ[۲]

دُچھت پانے مۍ اَسِم کم مکانے | نہ تہ آسِتھ قادِخانس شوبہِ جانے

دوٗپُس شاپورن کیٚنہہ چھم نہ تقصیر | تو سہ دوہن ازازل ییٚی اوس تقدیر

یہ سوزُس خسرون وُلی انتم یور | حکیمے پرنہ نادی نبض رنجوٗر

---

۱؎ تتھو منز (ن ۱۲۴۸) ۲؎ دوٗپُس شیرینہِ اے شاپورِ گستاخ
خجل کرِ تھس ژکس منز یور کوت آکھ

(۳؎ بٮ۪ٛیس ژھٮ۪ٛنس پٮ۪ٛٹھ) (ن ۱۹۴۸ ـ ن مہجور)

سپُن خوش وقت شبدیزس کٔرُن زین
ٹیکان تس خوسروس نِشہِ وأتہٕ شیرین

اَکِس اَکھ ڈیشہٕ وُن تیم شادِ سینہٕ
زٕھیدٕ رنج و غم آزادٕ سینہٕ

شرابِ شوق چیتھ تِم اَسی مَستہٕ مَس
ییکان أسی خوش مکانس دست باد

شمہِ سائلن شِکارن أسی نیران
گُلن تہٕ سمبلن منز باگ پھیران

گہے خوسروا ہتس کینٛہہ ہیتھ چھہ جاماہ
ہتو ماشوقہٕ ہیا نِے چیتہٕ داماہ

میوان أسی اَکھ اَکِس ییتھ مست مدہوش
کران أسی بوسہٕ بأتھ کگاہ در آغوش

گہے تس خوسروس شیرین چھیے روشن
مے کرِتم بوسہٕ لأر مے فروشن

گہے خوسرو زٹان شیرین غوسہٕ
بہٕ وارا بوسہٕ نوو ہتس پھیر بوسے

گہے شیرین چھیے پرویزس کران جنگ
زنے کور تھم ارغوانس سوسنک رنگ

گندان أسی پانہٕ وأتی شیرین خسرو
رقیبو چھہ مہین بانو ییتھ پیو [2]

---

(۲) پتہٕ مہ صفحک بأقی)
أمہ شارہٕ پتہٕ چھہ اَکِس قلمی نسخس منز کینٛہہ شار نوم سہ

پتھے یأتھ راتھ دوہ شیرین پوان اوس
شکارہٕ کہ چھلہٕ یارس وُنی دِوان اوس

"کہ تا در پیشہ تراوک روارو"
نوتے ییتھ وٕدت تا منہٕ شاہ خوسرو

ییکان اوس فوج لشکر بین بس
"منز باگ لجہ گو مریانہٕ طوطس"

"زدہ نوو یام ڈسک حنک ناز"
وُٹھتہٕ پتھ یہ زمینہٕ ہردہ پرواز

سینہٕ یک دل دو منزل سیر یأتھ
نتیجم بہٕ تیتھم بینہٕ غم غچیہٕ تراوکھ

پتھے سوے خوش سینہٕ از شاہ پرویز
نتیجے بٹکون خوش بسپد یو نہ شبدیز

نشانی منز ہمیشہ چھہ تِم چھینہٕ وار یأتھ دوہ بقان ... کرتم بوسہٕ لأر مے فروشن
(ن ۸- ۱۲۴۸ ن سبمور) ہا صحتہ پو (ق-ن)

زیٚنِن شیٖرین دۄپنس تھاوتم گوٗن — اَمِس شاہ خسرو مَس چھےٚ صورت زَن

زن زیبا چو بیند مرد بے ریش — تستہٕ جامٕے ژھٹِتھ سۄےٚ نیرِ دیش [۱]

مشو دنبال مردان چون زلیخا — بہ عشق اندر صبوری کن چو عذرا [۲]

اَول چھیٚنا خیالتھ کرٲنہٕ ژٲنگِتھ — ڈیپی کرتام خسروٕ پانہٕ آیکھ

ژٕ چھکھ شیٖرین ہراہ نوزُک شۄ چھےٚ شیٖر — زبردستی کری آخر اَنی زیر

ژٕ چھکھ [۳] اَکھ گُل شہ چھےٚ بُلبُل ہوناک — ڈما رٕونتھ ژٲلی آخر ملی خاک

نےٚ بس پالہٕ چیٚتھ چھُے مست آسن — مےٚ وۄن چھےٚ وارٕ ژھیٚنٕ ین شُعلہ وٲسن

بوٗزِتھ بوزکھ نصیحتھ ہاے مادر — تھٔوِس بیٚچھ از خبا شرٕ برقعہٕ ژادر [۴]

قسم دِیت تمہ جٲدن ہٮ۪ند پانس گرِ زُمہ — بپائی خسرو س اخلاص ژو زِمہ

نصیحتھ آیہ بوزِتھ دراے غمگین — ڈیپان امس طالہ ہس کُن تلخ و شیٖرین

پکان گےٚ مست پاٹھی بیشنوں پۄر دیز — پھِرِ پۄ دیز تس بیٚچھ گوسیٹھا تیز

یہ مستی گو ژٕٹِن شیٖرین نالے — ژٕ چھیٚن تس سۄختہٕ بانس مودختہ نالے

عجب بیداد کٔرِ تھم اے ستمگر — گرِ تھی ئے مال منگتم لال وجوہر

مےٚ چھم نہٕ صبر طاقت دانہ ال حال — دۄ دۄس بو عشقہٕ نارٕ ووہ دَمسا ذا ال

یہ آب وصلٕ آتش ژھینتہ کرتم — کھوٲلی ییٚتھ ہُری [۵] تیشند لول برتم

شرابس سیتو بیٚچھ ناو کانسہ ہُند شورٕ — شراب چھُے سوز عشقُن عقلہ ہُند زور [۶]

---

۱ تستہٕ پۄ دَے ژھٹِتھ سۄے نیرِ پیش (ن ۱۲۴۸) ۲ یہ شار
چھُن ۱۲۴۸ منزٕ یوت ۳ ژٕ چھکھ گلشن شہ چھُے (ن مہجور ن ۱۲۴۸)
۴ یہ شار چھُ اَڈ لیکھس قلمی نسخس منزٕ یوت ۔ ۵ پرِزم (ش ن)
۶ یہ شار چھُن مہجور منزٕ یوت۔

تہ چھہ شیرین نعمی کا تم سے　　قہر تہ اوِ بتہ میہربان آسہ تم سے

خلائق وِ پننہ کانہہ ما جور ہے سنتے　　ملائک جور رقیبن کتیہ سنتی

چھہ ظالم[1] سارنے پیٹھ شور عشقن　　چھہ غالب[2] سارنے پیٹھ نور عشقن

کتھ کھوتہ نار پلیتھ وار روزیا　　غم پیس یار تم ظالم زار روزیا

گُل و بلبل مے و مطرب تہ چھہ ساقی　　چھہ نا افسوس صحبتھ روز باقی

غنیمتھ زان فرصتھ وقت احت[3]　　مو صحبتھ بالگراو وقت خلوتہ[4]

پیہے پادن پتھ چشم جپا نز لادن　　پگاہ آسکھ دتین چھے ونہ آدن

گنہ چھے چم تس رشہ تہ پیمے بو　　کتنیک چھے دال توتت پیتن پیمے[5]

گنہ نچے میانہ کھوتے ما سے دردل　　مے کھوتے کمو تے کرنے جائے دل

یہ کتھ توز بتہ تمس شیر منہ کو نمش　　بہ غارتھ تو سیتھ تمس ہیوس آتش

کو رن پیچھ خود نایا یہ گیشاہ گوم[6]　　دل خوہ سر پیتھ سنگ زاہ سپنیا موم[7]

سنے چشم پر کانہہ در دل تس سوا بی　　بہ پاگی چھس بکان بو بر ہوائی

بحیلہ تسن[8] نشن یان معہ کہ لوقن　　بلا بر خاس بابا قیمتہ سوون

سعہ کیتر اہ خوبرس کن آس مختاج　　مو معبر واوس تس مو مختاج دم باج

---

۱۔ غائب (ق ن) ۲۔ ظالم (خ ن) ۳۔ غنیمتھ زان احت وقت فرصت (ق ن) ۴۔ جاے خلوتہ (ق ن) ۵۔ کر تمتھ چھے خوش کران دل توتت پیمے (ق ن) نسندہ چھے لول) توتت تامتھ پیتے بو (ن مجور) ۶۔ کیاہ یہ کیاہ توہم (چھ ن) ۷۔ دل خودرو مے پیٹھ سپنی نہ زاہ موم (ق ن) ۸۔ تس تیشنہ تن معہ کہ لاون

گَہے کوٗرنس دِلاسا گاہ مدارا — یہِ چھُس چاکر تہٕ چھُک جمشید دارا

بہ شکرِ عشقِ شاہا بند گرِ تھس — شمع زن منزِ بن شرمندہ گرِ تھس

کنیزا چانی چھُس شیریں نمک خوار — ژٕ چھُک شایستہٕ چھُے تو کیٚنہہ ہیوان[۱]

مستی چھُم تہٕ وُچھمِ زاہ شرابس — اِذا اشو بیا سزا اُحتہ اضطرابس

ژٕ چھُک میونے سر و سودا انفاہٗ سوٗد[۱] — ژٕ چھُک میونے کلیدِ گنجِ مقصود

چھُسے بوخانہٕ نیا متھ چانہٕ تبر تل — خوٗشی چھے میون زُوتے چانی کرتل

قبیلن دوٗن سوا بوزے تہٕ زاہ کتھ[۲] — نتے روزِ ہم کتھا مٮ۪ے بروٗنٹھ تے پتھ

تمی اُنی دوٗن گرٕ تھ وہ نی آشنائی — نتے چھے عشق بازی بے وفائی[۳]

نہم یوٗدوے کیٚنہہ گرٕ تھ زن بہ بازار — غنیمت زانہٕ تی اے یارِ غم خار

دوٗنس تمہ بوزِ میونے زار پارے — متےٚ کرتھ جگرس پارہٕ پارے

ژھے دِی دیوانہٕ کوٗرتھس ہائے تیر کے — ژٕہے کمرُس دشمن میانی کن تیر کے

دوہلانے رشتے کرے بوٗ پوشیدہ مالے — کتھا کرتم متے رٕ ٹھتم کھلالے

بہٕ چانے شوقہٕ چھُس دیوانہٕ گوٗمت — نےٚ چھُم تہٕ کانہہ تہٕ چھُس اسمانہٕ پیوٗمت

جگرس آم عشقن زخم کاری — کرے بوٗ ژٕ یہے پتے از جان سپاری

تُرے تس نحوہ سروس گو کیٚنہہ در دِل — دلو پانو بکار اُیینہٕ در دِل

تمس کیٚنہہ چھے نہ ژونے حال مولوم — ودان ژوٗل شاہ نحوہ سرو ووت در روم

کُنی تس شاہِ روٗمس کور مریم — زِ شیرین اوس نہ تس حُسن کیٚنہہ کم

---

۱؎ رضا سوٗد (ن مہجور) ۲؎ پرٕ تھ کتھ (ن ۱۲۴۸) ۳؎ یہ شار چھُنہٕ چھاپاپ
تہٕ اڈلیکس قلمی نسخس منز۔ اَمہ پتہٕ چھُنہٕ ن ۱۲۴۸ منز شیٚے شار۔

صفتھ کیاہ اُسی تس نقشِ مُرادس
کرِن سعی پیشکش تس شاہزادس

بہ خلوتھ خانہٕ خسرو ژاو یا منتھ
تلا فتحہ کیاہ تجن از خانہٕ نیا منتھ

منتھس شیرین شربتھ چاونہٕ تس
ژ لیس غم غصہ ساری باونے تس

سعہ مریم ہیہتھ شہ خسرو در مداین
عدا اُژ بیوتھ تختس طبل و وین

خبر بوزِتھ سعہ شیرین آیہ روان
بزاری حالہ اکے نالہ دوان

رفیقو ہے شفیقو ہے کنیزو
عزیز جان ژول ہم ہے عزیزو

کریا تم زارہ یارے بوزِ مس نے
ٹھکان رو شہتھ ژ علم کانہہ سوزِ مس نے

مے کر زو تم شہ گو خونخار مے بیتھ
مے کر زو تم شہ گو بیزار مے بیتھ

تشنہ دل مے رچھت زو تم نہٕ افسوس
تشنہ فرمان مے موتم نہٕ افسوس

خبر کینہہ چھمنہ یا منتھ تام دوریوم
لدس کیاہ راہ طالع زاہ نہٕ پریوم

شکارا زالہ وول مت راوِ زوڈم
دُرو گوہر سو شُرمت [١] راو رووم

سعہ نس چھے پانہٕ داوتھ [٢] سون کرِتھس داس
سعہ نے نادِ مرِ کرِ گرِ دھون کرِن خاس

سونے داشے سعہ نس مے گیم نترک
سونے داشے بہ داوہ نی ڈولہ برتل

[٣] خبر کینہہ چھمنہ کیوٗ ظلم گلستان
بہارس مے تہ ے کور تم زمستان

و وتھ قہر مشو لوٗلہ باغس یہی تہٕ مقبول
بوٗ مبور کن خستہ گرِ تس بو بیمبرزول

گیس رسوا یہ عالم قاف تا قاف
ستمگر ظالمس رود نہٕ انصاف

---

ع١ شکاراہ زالہ لوٗگمت راوِ روڈم
سعہ ناہ ساعت نہٕ سعہ بریتھ سنہ چھوڈم (ن ۱۲۴۸ - ن مہجور)

ع٢ ساس (ن ۱۲۴۸) ع٣ ژمتس کینہہ چھمنہ۔

دِمس فرٛیاد بوزِ یا نا میونے | گیِس فلوا پیٚیس نا یاد میونے

ژٕ ولٕم دِل ژٕ ور سیٛتھ کٔرٕتھ جدٲیی[1] | مرِتھ بو کرس نہٕ بے وفٲیی

دوٚپُس دایو سونس چھیے موِل کنس تل | منس چھیے ژٕ ور لاگٕم دامنس تل[2]

دواے صبر[3] عشقس راہ لگیس نے | یلا بچے آن[4] عکیمس کینْہہ تگیس نے

ہۄرتھن ہمراہ یتھو کینْہہ ژھ تنہزٕ داے | مدامیِن واتٕھ گیہ بیٚیہ پرانہٕ شاے

شیا شب خوٗ سرَوس نیش سۄے خبر گے | ژٕ ٹے پیٚٹھ شیرین شیدا دربدر گے

بہٕ خلوتھ گو[5] ہکان در پیش مریم | بہٕ لۆو دوے آسہٕ چوٗنے کا سے ہم غم

مۄے لۆبٕرٕم آیہٕ شیرینا از دوبارہ | دوٚپُم کتھ شایہ تھاون کیا چھُ چارہ

بجان تو قسم من عہد کردم | بہٕ عہد نو بگردد او نہ گردم

ژٕ ژھی سے خوش تہٕ یکجا لول برٛیتو | کنیزن منز کنیزا آسہٕ کیاہ گو

ژٕ تنے لۆبٕرٕتھ سۄ مریم آیہٕ در جوش | دوپُن تس خوٗ سروس زینہار خاموش

سۄ سنے نراو کھوٚنے بو شاہ زوٗ مس | انکھ داتاب تتھ جنگس ہچومس[6]

ہیکہ کھ ما دوون اچھن منز تیٚر ژالتھ | ہیکہ کھ ما زند پانے پان ژالتھ

اوٚتُن تتھ خوٗ سروتن شاپور دلخواہ | ولو شاپور وتُم یتھ کرٕ و کیاہ

ژٕ گژھ شیرینہ ونُن سۆنی روز کے غم | مۄے تس کھۄتے موافق چھمنہٕ مریم

مۄے چھُم شیرینہ ہندے شرمہ شبنتھ | ہمس پانے ولے آز چھمنہ فرصتھ

---

۱۔ دغاہی (ن ۱۲۴۸) ۲۔ مٔتس چھے کھور لاگٕم دامنس تل (ن ہجور ین ۱۲۴۸)

۳۔ دواے بے ثمر (چھ ن) ۴۔ جان (ف ن) ۵۔ بخلوتھ خانہٕ گو (ف ن)

۶۔ جنگ چی نسخہ ہچومس (ق ن) قلمی نسخس منز چھُ ایہ پتہ بیاکھ شار یتھ ووٚتھ۔

قۆبۆل یۆدوے کریم نے یۆرے آنتن — خریدارس ہنن دیدار دِی تن

وَنس کیاہ حالِ دِل آگاہ چھے پانے — تسی تتھ جایہ رۆزن یتیہ چھے پانے [1]

رَوان تمی شاپرن شیرینہ بوزن [2] — تمبر دارن ژاٹھ از بیخ تراون [3]

بہ نوشاپور تۆت وَاتے یوتے بس — بہ ترارس پتھ تمس بیچارہ بیکس

صلاح ہیتے زانہ گاہ گاہ وۆنم رتھ — نتے از زلفِ مشکین یک سر مۆے

پتہ تمی ووۆن نے ژہ از باطِن نیشۆ وت — سہ چھم پترن سگان مۆلن وان دروت

رہمین بانو سو یمہ داراہ مۆے گولیشتھ — تہ چھم خانہ ہی چھم تمی بسنز وسیتھ

پننم پتھ گوولے دوہ نز کرتہ چارے — بہ چھس مو صۆم طفلِ شیر خارے

دریاہ مصنعتہ سراے فتنہ انگیز — ذِزان چھس روز و شب ژ عشقِ پرویز

گوناہ گارن پیکادہ زالن یہ دوزخ — بہ چھس ان دور خِش منز پیغ تہ تچھ

غذا کینہ چھنہ الا شیرِ شیرین — مۆے چھم تۆت زہر ہو واتن بادِ پشین

بنی نا اوستاداہ کرتہ پادا — ذِبان پیدا اسپن فرہادِ شیدا

دۆپس شیرینہ اے فرہادِ استاد — سرت سبز و رونقت سرخ و دلت شاد

وچھن شیرینہ تمی سند قد و قامت — بہ پردہ ستگہ نوون پام تامت

بہ زاری دۆپن فرہادس ژہ روزم — مۆے چھم آکھ حاجت تہ نی کین سۆ بوزم

تہ اسس لج گمژ چانی وناتن — مۆے چھم دہہر نتہ شیرِ زہر رواتن

---

[1] نتے تتھ جایہ رۆزن شاہ چھنہ پانے (ن ۱۲۴۸) [2] گرنہ صحیح تمی شاہ ور (ق ن) [3] چھاپی نعہ سخنس منز چھ یہ مصرعہ غلط پاٹھی لیکھت۔ [4] دۆیم مصرعہ چھنہ وارہ دوہ پھان [5] گلت سرخ و لبت بنوشتہ خویش باد (ن ۱۲۴۸)

کَرِ کَتھا بیٚچھ کُس ہیٚس بیٚچھ شیرٕ جابٕری
ژٕ تیٚ بولاگہٕ ہوٚ یَس دوس داٗری

اَچھُو یا مَنٛتھ وُچھن شیرینِہ ہُنٛد رٕتھ
اول از آب چشمہٕ خود ٲنین چھُن

پٔتھٕر ہیوٚ ڈیٛشِتھ وُنُکھ بے خبر گو
وَنِے کیاہ تَس تَنٛتی زیر و زبر گو

گٔمن شیرینِہ نظر فرہاد پانس
نوانایی کَتیو چھُے نو نوانس

کھوٚن تٔمی کیوٚہ نہٕر کالا ہٕ جوتن چھُن
صبح دَم تٕے ڈیشِتھ شام گاہ ہیوٚے

نکو تا منٛتھ گٔژھ تس خسرو سن ووٗن
جوان فرہاد گو شیرینِہ بیٚچھ ژوٗن

عجب کاراہ کوٚرن تٔمی سنگ تراشن
لشکر ترٲوِتھ تِہ سنگ مالہٕ ناشن[1]

کٔرن جابٕری بہ قصہ[2] نیتھ جوریہ شیرین
وُچھان ہر دم بہ خوبی[3] رویہ شیرین

زہر از دست شیرینا چھُے شکر تس
بزیرے پایہ شیرین جایہ شکر تس

لوٚبُن لَحیٚن[4] تہ چھین کینہہ خبر غم دوس
سلاۓ بکھ خصلتھا چھُے آدمی پوس

وَتَن شیر چھُے وَنان تاریف شیرین
غزل ہاسے وَنان تصنیف شیرین

دِلَس شیرینِہ واراہ رلُے فرہاد
عزیم جان تَکشد چھُے جاے فرہاد

بہ غارتھ خسروَن سرتاج ترُوُن
بہ خسرٕ نھ بام تا منٛتھ مشنگہٕ نوُوُن

بہ پیشِ شاہِ خسرو دوت فرہاد
دوٚپُن تٔمی دیو چھا یا آدمی زاد

دوٚپُس تٔمی خسروَن وَن ناو کیا چھُے
دوٚپُس تٔمی تور ناوس داو کیا چھُے

دوٚپُس خسروَن مادر پدر چھُنے
دوٚپُس تٔمی داٗدی غم یم در نظر چھیے

دوٚپُس تٔمی خسروَن چھُھک کتھ مکانس[5]
دوٚپُس تٔمی جاے چھم بیٚچھ لامکانس

---

۱؎ سنگہ مالے لشکر ترٲوِتھ تہ ناشن (ن مہجور) ۲؎ بہ خوبی (ن ۱۲۴۸)

۳؎ بہ فرصت ۴؎ لبی نہٕ کینہہ تہٕ کھین چھین جز غم دوس (ن مہجور)

۵؎ دوٚپُس تٔمی آسہ وَن چھُک کتھ مکانس۔ (ن ۱۲۴۸)

دوٚپُس تٔمۍ خسروَن کتھ چھےٚ دلس | دوٚپُس تٔمۍ نور مجلوٗنس گژھم لاٚل
دوٚپُس تٔمۍ خسروَن ماوَن تٔمے بو | دوٚپُس تٔمۍ صد جہان دم کرہ ہیمے بو
دوٚپُس تٔمۍ خسروَن شیرین گژھی زا | دوٚپُس تٔمۍ کور خواہد چشم بینا
دوٚپُس تٔمۍ خسروَن کیاہ چھکھ پوٚنرےوَن [1] | دوٚپُس تٔمۍ عاشقَن شیرین چھ کوہ کن
دوٚپُس تٔمۍ خسروَن از دِل کرُن دور | دوٚپُس تٔمۍ نیلہٕ ہیلی اچھ اسہ بے نور
دوٚپُس تٔمۍ خسروَن شیرین گژھی نا [2] | دوٚپُس تٔمۍ چھم وچھنو در چشم بینا
دوٚپُس تٔمۍ خسروَن شوٗبی نہٕ شیرین | دوٚپُس تٔمۍ چھےٚ غلط بر اصیل خود بین
دوٚپُس تٔمۍ خسروَن شیرین ژٕ مشراو | دوٚپُس تٔمۍ عاشقَن شوٗخی مساہ و
دوٚپُس تٔمۍ خسروَن [3] چھےٚ ماکنیک غم | دوٚپُس ہیٚمۍ جز غم شیرین ژٕ دفتم
دوٚپُس تٔمۍ خسروَن وا اللہ بہ دارتھ | دوٚپُس ہیٚمۍ شد سروتن ہم بہ غارتھ
کرانٕ اُسہ گفت گو خسرو تہٕ فرہاد | بہ ننگ آو شاہ خسرو کوٚرُن آزاد [4]
بیاران گفت رُخ اکی دٔ آبی | ندیدم این چنین حاضر جوابی [5]
وزیرو ہا ایرو چار کرِئ تم | نتہٕ فرہاد تس شیرینہ ہیتہ گوم [6]
گو ورکھ تدبیر سوٗ زکھ پچھنہٕ کارس | نتےٚ ؤتھ تار پیٹھ کالی سنگ خارس [7]
اوٚنکھ فرہاد دوٚن ہس پرُ جنونس | گژھنا وُتھ ژٕ تار کھ بے ستونس

---

[1] یہ شار چھُ چھاپی نسخس پیٹھ غلط لیکھت [2] یہ شار چھُنہٕ چھاپی نسخس منز [3] یہ شار چھُ (ن ۱۲۴۸) منز بے یوت [4] واے بیداد (ن ۱۲۴۸ ن مہجور) [5] یہ شار چھُ ۱۲۴۸ منز بے یوت [6] نتہٕ فرہاد نیہ شیرینہ کیاہ گوم (ن ۱۲۴۸) [7] یہ شار چھُ چھاپی نسخس منز بے یوت۔

کوٗر کُھ اَتھ واوِ شیرین ژیٖنہِ دموٗنہٕ
ولیکن تیٖلی میٖلے وَتھ پٔتھی ژٔلے

اَکھ کَس کیٖتھ تیشہِ ٹوٗنگ ہیچھ آولارٕن
کوٗرٕن تمیٚ پارٕ پارٕ سنگ خارٕن

اول بر سنگ کھوٗن تمیٚ نقش شیرین
بزیب آیی بسے رنگین پٔنگین

بَنے نقاشن بےرنگس ڈُنین رنگ
نیٚتے مشہور سپُن نقش بر سنگ

غِذا[1] وقتن غذا تس صورتِ یارٕ
دُچھان تتھ کُن گژھان اوس محوِ دیدار

کمر بستہ بہٕ اُمیدِ وصالس
شدہ خار اغبار پایمالس

اَکھ دَن کیاہ ہٹ گٔٹ اَسِس ژٹان کوہ
کعہ ہس[2] منٛز کیاہ دِوان بر بادِ او ژھوہ

وَنان اوس[3] پوشہ کٔتھ ہیچھ دُرن بلار
پیہ کیاہ اوسُم میے لیٚتھ کٔمت اُمیٖ خدایہ

وَنان یارس[4] کُنن گژھ نا حمد امیون
بہٕ چھُس بندہ ژٕ چھُکھ بر حق خداوند میون

بہ صورتہ گوٗ کران صورت پرستی
بہ ماسے پوخته گو بےخود ز مستی

کوٚ ہن منٛز وَتھ ژٔھم سورم اَچھن نِگاش
دُبارے چھم بہٕ تس وٕنی وُچھنِچ آش

پھِرُم میے سگرن منٛز آب تارٕن
کوٗرُم کیاہ خسرو سن ؤن تمیٚ مارٕن

پیٚمس پتھ زو گوٗلم تس کیاہ ژھنڈ پیچھے
تیٚ[5] یُس کُن چھُس وُچھان تس کُن لبا پٔیے

پیہ بے رحمی پیہ بے انصافی غمِ یار
پیہ کوہ ہے بے ستوٗن ظالم ستمگار

---

[1] اِذا وقتے (ن مہجور ـ ن ۱۲۴۸) [2] کعہ ہس منٛز گو دِوان رانتس دوہس ژھوہ (ن ۱۲۴۸) ژھالہ دِوان راتھ ستہ دوہ (ن مہجور) [3] پیہ شار چھُن مہجورٕ منٛزے بوٚت [4] یارسہ (ن ۱۲۴۸) [5] بہٕ چھُس تس کُن وُچھان یُس چھُم وُچھان پیٚے (ق ن) اکس قلمی نسخس منٛز چھ امہ پتہ پیہ شار یم نہ پوٗرٕ پأٹھی وٕہتھان چھ۔

کنیٖن منٛز خستہ گو تس اسپ شبرنگ     گژھان کیٖژاہ تہٕ ڈیشِتھ اُمن دِل تنگ[1]

تیٚتھی گرٕ گو مرِتھ تس گئیہ غمگین     وُچھان عاشق پٔرستھ پانہٕ شیٖرین

چُنیٖن گویند اسپ باد رفتار     سقط شُد زیر آن گنج گہر بار

ہمے شیٖرین تُلن کُل گون بر دوش     تمہٕ خانہ واتناوِن زود[2] بر دوش

ہیٚوٚن رٔچھنہٕ دِتِن فرہاد نالے     سلامتھ آس باشوق گژھ حوالے

یِیہِ ہے اوسُس ہیٚتِتھٕ دوہ تسٔے پٔتیم رات[3]

یِہنہٕ اوسُس پتہٕ لاگن ملاقات



زبان تس خسرو میٚلوودت اخبار     سپہِ فرہاد و شیٖرین یار با یار

دُویم تِتھہ بے ستونس تھٔ کرِن صاف     وَزیرن کُن وونُن تیچھہ کیا چھم انصاف

ہمے چھم تس داد گوٚو لٔگت یار شیٖرین     مےٚ[4] چھم تس تیٚتہٕ گوٚلٔمت جان شیٖرین

گژھ چھم تس تیٚتھ تہٕ چھُے مُشکل کٔرُن میون     تُشنہٕ[5] نیٖرِن تہٕ ئیژ چھُے ژٕ گٔھٕسُن میون

تِہمو مشوٗر دوپُس اکھ ہی چھُ چار     کرو شعوہ رٔٹھ سوہ شیٖرین گیہ وارے

اَنکھ ژھاٹھ تہٕ دانا بڑٕ زنانہ     خمیدہ قامتس زَن ہیچ کمانہ

بہ کوہِ بے ستوٗن سوٗزِ کھہ بہ فرہاد     دِتِن[6] نزدیک واتتھ زور فریاد

---

١ گژھان وقتہ سعہ کیژاہ اُس دِل تنگ (ن ١٢٤٨) ٢ نزد باہوش (ن مجبور) مست و مدہوش (ن ١٢٤٨) ٣ ساتھ (ن ١٢٤٨) ٤ مے چھم پھوٚلمت تمِس انار شیٖرین (ن ١٢٤٨) ٥ تشنہ تس سیتھ نیٖرن زو گھٕسُن میون (ن ١٢٤٨) ٦ تلِن فرہاد ہمے داد و بیداد (ن ١٢٤٨)

وَلو فرہادِ وادے تا قبیا مننتہ

بہ چاپانی چھس وَلیکن پِرار تا منتہ

بپائی مرشب احمد مرشب اچھے     بپائی عاشقن مُنز مرنبا چھے

بیا خموشہ گامے مختصر کُن

بحال عاشقا اکنوں نظر کُن



وَداں رواں فراقہ چاپانے دِداں چھس فرِتہ یادو

وَلو فرہادہ ہیمے ژیئے پَتہ دِ ـــــ مے نادو

کھناں کوہ منز الفقن ہنھ گنی وتہ کرہے استادو

کھٹے ناپان پِنن ہاوے ژیئے پَتہ مارسے بو

نشترا پس شمشیرہا سینہ کرن دوہن فسادو

ہیمے ژیئے پَتہ دِ ـــے نادو وہ لو فرہادو

زبر زستے نور او ارسے سروِ قد شمشادو

نیر دارن ژیئے ژوونکہ خبر نا چھم کینتہ

قبر تپا ایتہ نیر نیر ہم گذ ھیم نا دِل شادو

ہیمے ژیئے پَتہ دِمے نادو وہ لو فرہادو

ژونگے چانے شاس بشور گوم سنگین دِل فولادو

گو نگہ کوستورے تدن نامے شوہ نگہ ژیئے نیش!

---

ءا یہ مولی تہ نادِر با ئتہ چھپ اکس اڈیشن قلمی نوشتہ نسخس تہ ھجور لائبریریا

ھندیس نوشتہ نسخس منز سے بیت درج ۔ (ناجی)

بَنِیہ ڑہ موں موریج آدن باجے بے کسں نہ بے اولادو

پیہے ڑتیے پیتہ دِسمے نادو وھلو غرہادو

ھنے خوش بوچھیلے اُکتم کھورسٹ ھلیڑ ناگرادو

وَسے بانسں شوبکی جاسے وھلو کامیڑ کر

ڑلے نا وعید ڈلے نا غریبہ نامرادو

پیہے ڑتیے پیتہ دِسمے نادو وھلو غرہادو

ڑمو دَپھ چھُم سے چون موسُبعتہ مےٓ چھُم چاپڑ کھتو جادو

مُتہ مرتم کتھا کرتم ستھا گرشن مےٓ

ہتو وُجھتو پتو لاکن ڑیتہ مےٓ کیاہ اُسیوادو

پیہے ڑتیے پیتہ دِسمے نادو وھلو غرہادو

اُپڑ وونہے دِموے شیریں کوڑ نہ تنجھ اعتمادو

ڑہ ٹھتہ پرنجھ ڑتے سیانہ وہرسے ڈٹھتہ کوشتہ وں

اوسے مو یاد مےٓ چھم دُشمن لونٹھ سیتو دتے سادو

پیہے ڑتیے پیتہ دِسمے نادو وھلو غرہادو

ٹنکان آیسں بہ چاپڑ وہرسے پکاں لوسیم پادو

ھیکار اُمیسں مےٓ پیہا شوق وکاپڑ کیاہ گوسے ڑتے

فنڈ ۂ نہ رشخنند ھامور ہکھ گوہ ندر شاہزادو

پیہے ڑتیے پیتہ دِسمے نادو وھلو غرہادو

---

۱ء فنڈ ۂ نہ رشخنند ۂ = ؟

# یک حکایت

حمدٕ تس ییٚمہ پاٛدٕ کوٚر تم جسم جانٕ[1] — عقل و فکرت بخشنم دل تہٕ زبان

حمدٕ پتہٕ سوز صلوٰۃ و سلام — بر محمدؐ آل و اصحابس تمام

اہلِ دردو دوٚو کیاہ گو بوزی تو — چھُسہٕ سانہِ تہِ نہٕ ساہتا روٗزی ٚ تو[2]

یک حکایتھ روز کاشری پاٛٹھی بوز — سر بہ ونٛدے پاٛدٕ گرٛتھی درد و سوز

سوز و گدازِ محمدؐ آسہٕ یُس — وانناوہس پانہٕ حضرت جنتس

سوٗز رہبر آں محمدؐ نوٗرِ پاک — تہتھ ندِ خاطرٕ پاٛدٕ کوٚرُن آب و خاک[3]

اُمتس پیٚٹھ کیاہ چھُہٕ میٚمتھ سرورس — ساٛر اُمت پاٛری لگو پرورس[4]

کینتو معہ رسل اُمتس پیٹھ کراو — مول گوٚ ہرس لول تیتھ زاہ برناو[5]

کوٚ زانکھ سون سرورِ کیاہ چھُ جان — پانہٕ دوٚپنس ذاتِ پاکن در قرآن

یا محمدؐ پاٛدٕ کٔرِی جاۓ نی وشات — عرش، کرسی، لوٚح قلم تہٕ شہ تہٕ را ہتھ

---

۱۔ احمد دپ تس پاٛدٕ ییٚمہ کوٚر جسم و جان ( ن ۱۱۲۳ )

۲۔ یہٕ شار چھُنہٕ قلمی نوسخہ نمبر ۲۔ ن مہجور تہٕ چھاپی نوسخس منز دٕرج۔

۳۔ ۴۔ ۵۔ یم ترٛشے شار چھُنہٕ قلمی نوسخہ ۲۔ منز

۴۔ ساری سٔمبھتھ ( چھان ) ساری سٔمبھتھ پاٛری اُمتھ پرورس
پاٛری لگوس ساری عالی ہمتس ( اڈلیشوک نوسخہ )

۵۔ یہٕ شار چھُ قلمی نوسخہ ۱ منز۔ کرہاو؟

آسہ مکھ نے آسہ ہتے کانہہ تہ چیز | روز و شب بیدار روزن چھک عزیز[1]

اتفاقن شبہ اکے آو جناب | اوس شونگت متھ لوسمت بر فرش خواب

خاصیہ[2] خادم آسن جبریل پام تام | یا محمد[3] صاحبن لزنے سلام

یاد کور مکھ دیو کرہم بندگی | کیا ژ نے کور تھم کو اتھہ بندگی[3]

بند بیزار بند بند پس شنگ نس | آغ ہشار بند یز یا شونگنس[4]

کو شونگکھ کیتھ مشرتھ امتی[5] | امتی چھی دوز خس منز پیمتی

نصیف شب نے یام آخر تور چھم | تمہ وقتے پیمیہ تہ موشنگم تس دیتم

ڈالیتھ ترا وتھ راو روو تھ نصیف شب | خاصیہ وقتے امتس کور ہے غضب[6]

زار زاجنے سارے امت عام و خاص | کانہہ تہ اکھا سپنی نو دوہ نی خلاص

بوز امت پرورن یامتھ خبر | جگر نشے نالہ دوان گو نیبر

دود صحابو[7] آیہ جمعس ژھاپنے | اشہ کنے موختہ زن لگو ہارنے

پتیتھ مکانس داتی تم بعد نماز | کوت سنا گو لامکانک شہباز

اہل بیتو ہے تلکھ یا ربنا[8] | کانسہ منند گرسگے نہ گے تم کوت سنا

---

۱۔ یہ شار چھنہ قلمی نوسخہ ۲ تہ نوسخہ ہجور منز۔ روز و شب بیدار روزم چھک آ عزیز (ن ۱۱۲۳) ۲۔ خاصہ خاصے آس (چھپن) ۳،۳۔ یم ژ شار چھ قلمی نوسخہ ۱-۲ تہ نوسخہ ہجور منزے بیت درج ۵۔ راو راوتھ امتی (چھپن) ۶۔ چھاپی نوسختن منز چھنہ یہ شار درج ۷۔ بوز صحابو (چھپن-ن ۲) یار تمیتھ آے ن ۱۲۳۔

۸۔ یارب پناہ (ن ۱۱۲۳)

آيا لاڙان ڳيا ٿڌا ڳڪ عائيشه[1]
سون سرڏار اوس آسان ٿيئي برنيشي

عائيشن وڏو ڏاکڻ ٿياڻي الفراق
ڇهم مٿي آمت لول وارا اشتياق

ڇُمِنه فتوانته ٿڌارنه نيرها
ڏنا وڇان ٻيتا پيتا نيرها[2]

اوس شونگ ٿڪ گوکه ياد اجبريل
يا محمدؐ ڇڇي ڏيان روئل جبيل

ڪياز شونگ ڪهه ڪو ٿمشر ٻڪا امتي
امتي ڇمي دوزخس نز پهيتي

يام بوز ڳڪ تام نيرهڪه سگي نبر
غمه سيتين اڌ ڇهمنو ڪينهه خبر

بوز يارو لڳو ڏني بارو سپهڻا
ڪيا سنا ڪنحق جايه سگي امت پناه

ڏرايه[3] ٿڌاران خونڻ دل هاران ٻمه
ڏنه سمڪڇڪ الکه بولا هميڇه زماه

هاي پهليو ڪيشه ته مولوم ڇڇي
ڪته اوسکه ڏته ما ڪانهه سمه کڇي

ها پهليو يار گو يارن جدا
عاشق حق خاصه ماشو قي خدا

ها پهليو سي ڇه تيشته عالي نشان
يا يه بڊس اڌبر[4] ڏڏوٽ ڇڇي مابان

ها پهليو سون حضرت نشد بون
ڪته ٿهو ٿهن مته ڳهتن[5] اسرو ڇيون

تمو پهلي يا مسته محمدؐ بوز ناو
ناو بوزته لوله سيتو تن ڳرييه[6] آو

ڇهس به پهيران جنگلن مئن ڪنه ڪوه
شور بوزان اته ميئي وا ٿم ڏور دوه

---

١ آيه ٿمڇه ڳيه ٿڌا ڳڪ عائيشي (ن ٢) سارو ٿمڇه آيه ٿڌا ڳڪ عائيشه (ن ١)
٢ ٻيته پيتي ڏته وُ ڇهني پهيرها (ن ١)
٣ آيه لاڙان (ن ١)
٤ اڌبر لونگ (ڇهن) ٥ مته ڳهٽنن، اسه هاوتن اسرو ڇهون (ن ٣)
٦ ترز ڏاو (ن ١) ٧ دوپکه پهلي ڇهس به پهيران ڪوه به ڪوه (ن ٣)

| | |
|---|---|
| بوز یارو جانوارو ترٚو کھین | کیا شناکس[1] دود پیومت للہٕ ون |
| بلکہ ساتھا کل گرٕتھ تھاو یوم کن | گرٕ بہٕ بوز یتھ سینہٕ[2] گوم بریایہٕ تن |
| لیل کران تمہ نوٚح چھنٕ ڈیتمت بنتی | اوسکران[3] امتی یا امتی |
| بوز یارو یام پتھلس[4] نش نیب | ون تمہٕ آسہ سونے دلفریب |
| واتی کوہس پیٹھ چھک غار شریف | غارس اندر اوس سردار لطیف |
| سر بوٚن کٕن اوس وائیتھ للہ وان[5] | بار ھا جیس یارس ہڑ یا پٹھو لیل کران[6] |
| اوس چشمو کنہ تران خون جگر | یا الٰہی از کرم برمن نگر |
| یا الٰہی میون فریاد بوزتم | میاینہٕ امژ سارے گونا بخشتم |
| اوس دوان نالہٕ دوان یا اللہ | غم مے کاستم امتس بخشتم گوناہ[7] |
| ڈیو تھ یارو یار اندر غار تنگ | صاحبس سینس گاہ بہ صلح گاہ جنگ[8] |
| ووٚد صدیقن یا امام المرسلین[9] | مربہ ونداسے تھود تلم مرا ز زمین[10] |

---

۱ کیا کمنس کس دود (چھ ن) ۲ سینہٕ بریان تن (چھ ن ۱۱۲۳)

۳ اوس کران امتی یا امتی (ن ۳)

۴ تس پتھلس نشہٕ نیب (ن ۳)

۵ کوچھ کینہ اوس سر مبارک للہ وان (ن ۳) کلہ بون کن (ن ۱۱۲۳)

۶ یہ شار چھنہٕ چھاپی نوہ نسخس منز۔ سلوان (ن ۱۱۲۳)

۷ یہ شار تہٕ چھنہٕ چھاپی نوہ نسخس منز ۸ گاہ صلح تے گاہ جنگ (چھ ن)

۹ یا امام المتقین (نوہ نسخہ ۲)

۱۰ اسہ ہاوٕ کھنا جمال نازنین (ن ۳)

یا محمدؐ چون چھُس نا یارِ غار — چھُس یہ بَوان چھٹے پَنہِ یوان میون عار

چھُم یہ کینژھا کوٗر مُتَن راہِ خُدا — سور سٕتھ[1] مبر تھٕ اُمتس کوٗر مے فِدا

کونہِ بخشی بار صاحب اُمتس — یاری لگیہ ہیوٚ سأری عألی ہمتس[2]

پیوس پادن پیٹھ پرن عمر خطاب — اُمتس پیٹھ بخش مے عدلک ثواب

چھُم یہ کینژھا نی کرے راہِ خُدا — سور سعہ مبر تھٕ اُمتس کوٗر مے فِدا

آس تامیتھ فاصیہ عثمانِ غنی — یا محمدؐ کوٗ چھیوٚ ہمہ[3] روشنے

آیہ آسے سعہ برسے فرقانِ خاص — ہیتہ رٹھتم اجر تمہ کے میتھ یہ آس

چانہِ اُمژ پیٹھ مے بخشم بوزتم — چشمہ وٚندے مٕتر[4] تلیتھ تھوٚد روزتم

سر بڑیہینہ ذراو علی مرتضےٰ — کأفرن سیتو جنگ کرنس چھا جزا[1]

چانہِ اُمژ پیٹھ مے بخشم بوزتم — چشمہ وٚندے متر تُلیتھ تھوٚد روزتم

کونہِ بخشی بار صاحب اُمتس — سأری سیمتھ یاری لگیہ ہیوٚے ہمتس

مال دولتھ لال ژنگتم یا رسول — منتہ گرنا ہتم یا رسول اللہ ملول

پھیر موٗ دانس توٚے اسہ زیر و واتی — زار بوٗزِ یار گاہتو آر کأتی

نو سو وار اہ چون دیدار اہ کرو — منتہ وٚدسو تو نتہ اسو سأری مرو

توٚ پیٹتہ ذرا یہ اصحاب کبار[5] — یا محمدؐ اسہ تہ کرتے سر نثار

نورِ دو پیٹکھہ ہمتس چھیوٚ مرحبا — عشقِ تالا جادہ اتھ دی تو جزا

---

۱) سور سٕتھ (حیوان) ۲) یہ شعر چھُنہٕ چھاپی نوسخس تہٕ ن ۲ ہشرہ۔
۳) کیازِ (ن ۲ چھاپی نوسخہ) ۴) مر بہ وٚندٕ کلہ تلِیتھ روزتم
(ن ۱) (ن ہجور) ۵) آیہ سیمتھ سأری اصحاب کبار (ن ۲)

مَتہٕ ڈٲپِتوٚ اُسِی کرو روز و نماز[1] — توٚ ژٕ نِشے چھُوٚ صاحب بے نیاز

مَتہٕ ہھٕٹکی توٚ اُسی کرو حاصِل ثواب — تو بہٕ کری توٚ کرِ ما قہر و عذاب[2]

مَتہٕ ہٕدی توٚ[3] یانہٕ پننہٕ بندٕگی — بندگی نو یارٕ چھُوٚ شرمندٕگی

مانہٕ بُتشار ٹھٕ آمہٕ امیتُک عارِفس — آغٕ ہُشار بندٕ شُبیا شوٚ گنس[4]

کیا چھُھ بے پروا خودا یے پاکذات — انبیا چھِن وٕدٕ نٲمتھ دوہ تہٕ راتھ

نا ووٚ میدن مے چھُ کران با ووٚ مید — با ووٚ میدن شے چھُ کران نا ووٚ مید

صابرو ایوب و یونس ذکریا — ژالہٕ نٲوِن داٚدی زحمتھ تے بلا

خوٚ بصورتھ یوسف علیہ السلام — چھوٚ ہ کھار رِتھ بیہٕ منزٕ شُبد بو غولام[5]

چھُھ محمدؐ ناد مسکین و فقیر — عاجز و بے چارٕ مسکین و صغیر[6]

سارِنے بُروٚ نہہ یادِ کوٚرُن میون نوٚر — میانہٕ نوٚرٕ ے اوس توراۃ و زبوٚر

آیۂ لولاک سوٚزم صاحبَن — سرور و سردار کوٚرنس مُرسلن

زوٚ لہٕ گنیم وٕچھتہٕ ببنجھ آم کیا[8] — تیوت ووٚدُم یوٚت وُوٚدُست چھُم نہٕ زاہ

چھُس بہٕ کھوژان وٕدٕ نادِم یتے — غمہٕ ستین چھُس بہٕ گوٚلمُت اَمہٕ شے

---

۱ء ییہٕ شار چھُن ۲ تہٕ ن ۱۱۲۳ منزٕ ے یوت ۲ء عتاب (ن ۲)

۳ء ییہٕ شار چھُنہٕ ن ۲ تہٕ ن ۱۱۲۳ منزٕ ے یوت۔

۴ء ییہٕ شار چھُنہٕ ن ۲ منز۔ ۵ء چاہہ کھار رِتھ بیہٕ اَکِ شُند بو غوٚلام۔

۶ء چھُس محمدؐ یانہٕ مسکین و فقیر رہنمائے خلق و بشیر و نذیر (ن ۲)

۷ء بُروٚ نہہ سارِن یادِ کوٚرُن میون نوٚر

میانِ تعریف اوس توراۃ و زبوٚر (ن ۲) (ن مجوٚ)

یا محمدؐ اَدٕ ڈیٚکِ توٚ کیاہ چھُکھ جان   تور دوٚپ نِکھ راتھ دوہٕ اَسوٕ دان

ییم غمہٕ دا بٔرِتھ چھُ تیٚتھ ثواب   وَدِ ونیمن ہُنٛد دُعا چھُس مُستجاب

نیٚتہٕ وُڈ کر تو ہیٚتے یتہٕ میانِس دنش   ساری سٔمِتھ زارٕ ونی تہٕ ھا ہٕشیُس

کانسہٕ ہُنٛد بوزُن پٮ۪یے جاگے ہہ   آیہٕ ژھأ رِکھ نیٚبہٕ حضرت فاطمہ

فاطمن ہیٚتو سیٚتو پانس نورِ عین   شاہ حسن بیٚیہ امام حسین

داتہٕ وَنے فاطمن کیاہ ترأو پاک   بابہٕ ھأ بو اسہٕ ترأو تھو کیاز آکھ

چانہٕ دوہ رٕتہٕ سیٚتو صُبحن کوم شام   ژھین دوہ ہُنٛد[1] فاقہٕ چھم آمتو امام

یا محمد یا امام الانبیاء   اوسیہٕ ہم ژٕ پے صبر کران از بلا

میانہٕ[2] بابو سون کیتھہ چھُے ملال   وہنی ژٕ تے روٹ نِکھ کو باچھتہٕ ونتہ عیال

تور دوٚپ نس ہأ یے میانی فاطمے   یاد گیہم امتس ناداہ رٕمے[3]

ییہٕ بوزم تیہٕ چھُس گریہ یاہ کرن   زالہٕ نم ما امتس یم کیاہ کرن

جبریلن[4] دول نم آیے عتاب   یا محمد امتس کر سوے عذاب

ییہٕ[5] بوزم نیہٕ چھُس گریہ یاہ کران   زالہٕ نم ما امتس یم کیاہ کرن

سجدہ کرِ نو سوئے[6] رب العالمین   سر ژٕ بہنہٕ ڈیکہ تھوو نو بر زمین

بے نیازس اسہٕ کرو فریاد و آہ   بخشنا وون امتس سأرِی گنہگار

وُڈ امامو[7] یا امام المرسلین   اسہٕ ہأ و کھنا جمالہٕ نازنین

---

۱ ژھین دوہ ہُنٛد بچہ فاقے چھم امام (ن ۲)

۲ یہ شار چھُ ن ۲ نیٚہٕ ن ۳ ۱۱۲۳ منزٕ سے یوت ۔ ۳ یہ شار چھُیہٕ ن ۲ منزٕ ۔

۴، ۵، ۶ یم ژور شار چھِ ن ۲ تہٕ ن ۳ ۱۱۲۳ منزٕ یوت ۔ ۷ یہ چھُ ۱۱۲۳ منزٕ یوت ۔

بابہ ھائیو دوزخس منز غم ہیو بر — انشاء اللہ اسو چھ تتھ نارس بیر

وڈ ناون گرکہ پیٹھو عرش عظیم — اشہ پیٹھین زھیون نار جحیم

بے نیازس اسو کران فریاد آہ — بخشن ناون امتس سارے گناہ

دوپس فاطمن بابہ ھائی بو دوسا — مو کلاو امتک زوریم چھسا

تربن چھن چھی شاہ حسن و حسین — مو کلاون چائی امتھ اجمعین

فاطمو نوٗ نتام سر تھوو نوٗ تلے — یا اتہ بخشیم پانہ پزرس نو ملے

فاطمن ووچھ استقامت گر گرے آسی — نوٗر دیدن پیٹھو کوٗرن اتھو اس

دوٗد ہانو فاطمس پیٹھو زار زار — امتین مغفرت کر یا غفار

یا الٰہی چھکھ تہ ستار العیوب — فاش مہ کر چھکھ تہ غفار الذنوب

یا الٰہی سانہ کرتھ گہ کرتہ پاپس — خاصہ امتھ کرتہ از دوزخ خلاص

شور تلکھ بڈ ووڈکھ زور پسان — عرش و کرسی اوس ووڈان آسمان

ذات پاکن سوز جبریل امین — یا محمد رو ے تھوو تل از زمین

جبریلن پانہ حضرت تھوو تلن — اشہ پیٹھین روے مبارک چھولن

بوسہ کوٗرتس یا محمد غوصہ تراو — وڈ پیٹھن نوٗر دیدن روے ہاو

---

۱۔ تربن شیعن اصحاب بیٹہ حسن و حسین۔

۲۔ یہ شارٔ چھ ن ۲ تہ ن ۱۱۲۳ منز سہ یوت نشان آسمان (ن ۲)

۳۔ روے تھوو تل یا شفیع المذنبین (ن ۲)

۵۔ یہ شار چھ ن ۲ تہ ن ۱۱۲۳ منز سے یوت۔

گٔرِیہٕ حضرت فاطمہ شُد گو قوبوٗل　　موکلاوُن سأرٕ اُمتھ یا رسوٗل

غم مہ[1] کریٚو شوٗبہٕ ژٕھے پأغمبری　　چھےٚ ژٕ ہے ہمیٚتھ کرُنہٕ اُمت پرٕ ری

شاد سپنہٕ سأری اصحاب و غولام　　یا رسوٗل اللہ علیک السلام

پأری لگہٕ موٗے[2] سأری ہمیٚتھ سرورے　　غم ژٕ ووٗلے اَز سانہٕ اُمت پرٕ وٗرے

یا محمد یس ژٕ آسکھ پُشت بان　　کیاہ چھُ غم تس اَز عذابہٕ دوجہان

یا محمد چھُے شفاعت دستگاہ

بخشناوِ مسکین محموٗدس گُناہ

---

(۱) یہ شارتہ چھُ ن ۲ منزِ سے یوت۔

(۲) یہ شارتہ چھُ ن ۲ نہٕ ن ۱۱۲۳ منزِ سے یوت۔

# اکھ حدیث

ا

روز واضح یوز حدیثِ عربی — دوٚپ حضرت عائشنٛ فوٚرِ مووِیی

دوشہ اکِہ حضرت اُسوواظ یانہٕ پران — کیاہ چھُ معوٚدِس سخت احوالا بنان

ٹوٚٹھ زوٗ بیٚلو تس گرٛھان چھُے ازبہ ن — چھوکہٕ لدتن چھس سپنان مَن مَن

ساعہ رنگے خار گرٛھان خاصہٕ ہوٗر — شرٛ شرانکٕ تس کرٛان چھُے شرانہٕ گوٚر

۲
شرانہٕ گوٚر بیٚلو

شرانہٕ گریو شران کرتم استہٕ مٮ۪ے — چھوکہٕ لدتن چھُم گآمٕژ خستہٕ مٮ۪ے

وہ نی بہٕ معہ کلیوس مل ٹھو مونتہٕ شرے — شرانہٕ تختس پیٹھ کوو بوٚ دٕرے

شران گرٛیِتھ بیٚلو ڈلان چھی کفن — کیاہ چھیہ دیان دارِ اکھ تُن ہاو کن

چھُو سہ دیان اُشناہ وشہٕ پرو — چھُو سوالاہ دوس دارو حاجزو

مَتہٕ گرٛیو تو میون بڑزی تو زارِ پار — مَتہٕ نی توم ہٕکہٕ ہٕکہٕ سان درمزار

مَتہٕ کرِیو توم بٔتیہ تھاوی توم اکھ گرٛاہ — چھُم تمنا دِیہ ہٕ بعیہ نظراہ

اکھ پانس شرٛین باُژن بعیہ گرٛس — چھُس نہٕ لبان پوٚت پھیرنکُ دسترس

یا محمدؐ چھُس بہٕ محمودا اکھ غلام

خانہٕ دارو بٔتیہ ٹوٚی تو تہٕ بیہ سلام

---

۱۔ اکِہ پرٛانہٕ قلمی نسخہ پیٹھ ۔ ۲۔ یہ شار چھیوٚ کم نہٕ پرٛتھ۔

# نظم


۱- تمثیلِ آدم

۲- پوهنیږه نامه

۳- کلېیان وڼدې ...

۴- شاه سلطان نو لګړیو

۵- رب اغفرلی ...

۶- لوه کچیارے هتا بالې یارو ...

۷- زان دُنیا واویلا

۸- مدنو عشقه ځانے

۹- پښتو نامه

# تمثیلِ آدم

تمثیلِ آدم پرٛژھوم حبابس — رٕنٛدٕ چھُک زٕنٛدٕ کنِھ آبس سیٛتھ

ژھکِھ پھٕٹِتھ رزٕ لمُ ذکرے دولابس — اَرٕ ہیٛٹھ پھیری طلنا بوٗ سیٛتھ

مو گژھ غافل خوشیہ تہٕ خابس[1] — رٕنٛدٕ چھُک زٕنٛدٕ کنِھ آبس سیٛتھ

قصٕبک مانے پرٛژھوم قصابس[2] — دوٗپ نمُ دل گنٛڈ قلابس سیٛتھ

دزٕ دزٕ سیٛتی مَژٕ اَتھ کبابس — رٕنٛدٕ چھُک زٕنٛدٕ کنِھ آبس سیٛتھ

جوٗیندٕ جیٛ یا طالبِ طلابس — گوٗبندٕ گوٗ اکتابوٗ سیٛتھ

غافِل چھُکھ مشغوٗل لہوس تہٕ لعبس — رٕنٛدٕ چھُک زٕنٛدٕ کنِھ آبس سیٛتھ

واعِظ چھُکھ پانے شاہدِ شرابس — زاہدس لے چھُے ثوابس سیٛتھ

کنِھ کھوژِ عاشق عشقنس عذابس — رٕنٛدٕ چھُک زٕنٛدٕ کنِھ آبس سیٛتھ

حُبہٕ سیٛتی جبیٖن پھوٗکھ لوٗے حُبابس — پھوکہٕ سیٛتی میوٗل بنیہٕ آبس سیٛتھ

موٗد کیاہ روٗد کیاہ باقے حسابس — رٕنٛدٕ چھُک زٕنٛدٕ کنِھ آبس سیٛتھ

پوٗچھرک پرٛژھٹھ اَژ مژٕ حجابس — پادشاہ ڈیشہٕ مَن نوابس سیٛتھ

ثرونُٹھ پکِھ کھوژمو قہر و عتابس[3] — زٕنٛدٕ چھُک زٕنٛدٕ کنِھ آبس سیٛتھ

---

(۱) نیٛندرٕ تہٕ خابس۔ (اَکھ پرٛون قلمی نوٗسخہٕ)

(۲) کسب کیاہ گوٗ پرٛژھام قصابس۔ (قلمی نوٗسخہ)

(۳) کھوژو قہر و عتابس (قلمی نوٗسخہٕ)

آب تٕر ناوٕ سے ناوٕ تٕر آبس — یُتھہٕ چھُے حق آنجنابس سیتۍ

آنجناب میلیتھ پیٚیتھ اصحابس — زِنٛدٕ چھیک زِنٛدٕ کیتھہٕ آبس سیتۍ

صوٗرتس مانے تأبیر خابس[1] — مُشک زُن[2] میلیتھ گوٚلابس سیتۍ

دأصلس نشہٕ ژھائے چھینہٕ کینہہ نقابس — زِنٛدٕ چھُک زِنٛدٕ کیتھہٕ آبس سیتۍ

عشقنس مسلس یتھہٕ لاجوابس — زانہٕ کیھے مانہٕ چھیک حسابس سیتۍ

دٕفیتہٕ[3] کورٕ نیٚمہٕ یُس دانہٕ تٕر کعبس — زِنٛدٕ چھُک زِنٛدٕ کیتھہٕ آبس سیتۍ

تَرٕ گومُس کرٕ کیاہ یتھہٕ اضطرابس

کرٕ میلہٕ ذرہٕ[4] آفتابس سیتۍ

محمود کأمین یِیہٕ ہووٕ حُبابس

زِنٛدٕ چھیک زِنٛدٕ کیتھہٕ آبس سیتۍ



---

۱۔ صوٗرتس نشہٕ چھتھے تأبیر خابس (قلمی نسخہٕ)

۲۔ پیٚیتھ (قلمی نسخہٕ) ۳۔ دٕفتوسہٕ کیتھہٕ نیٚمہٕ یُس دانہٕ کعبس (قلمی نسخہٕ)

۴۔ زُن (قلمی نسخہٕ)

# پۄمپر نامہ

پۄمپُر چھُ مشہوٗر عجب عاشق جانسوز — دوٚد آکہٕ دمہٕ یام ڈیوٗٹھ تَھن شمع دل افروز

تس سیٚتھ چھُکھ کیٚتھ کریاے شیلہٕ بہانے — یا باوتھ تشنہ ناو نتہ ہاو نشانے

دِل کتہ [1] لوٚگ تسٕنٕز پیٚتھہ دِچھتو تَنہٕ و چھٹ کیاہ

فریاد کوٚرُن [2] زارو وٚنُن بدٕ کوٚرُن آہ

دیوانہٕ بےٚ پروانہٕ کریتھ باوٕ [3] تمس گژھاو

سُے زانہٕ یِمیٚک مانہٕ یِمس پانہٕ بنیتھ آو

تمہٕ توٚرٕ دوٚد پٔکھ کنہٕ چھُنا شمع کہ گاشہٕ

بینا اُچھو سیٚتی اَدٕ [4] وُچھتو تہٕ تماشاہ

ژھانڈان نہٕ ژھونڈان درایہٕ چھُکھو یام شماہ ڈیوٗٹھ

کمہٕ مایہٕ پھیریتھ آیہٕ وُچھکھ ناٚ زالن کریوٗٹھ

افسوس تس یُس گرٕ نیریتھ وَنہٕ پھیریتھ آو

راوٕ روٗد [5] تمہٕ منٛد چھُو تمن عاشقن منٛدناو

---

۱۔ کمتہٕ (ن ۱۱۲۳)  ۲۔ فریاد دِتُن (ن ۱۱۲۳) (ن مہجور لایبریری)

۳۔ بےٚ کس زانہٕ کریتھ گژھاو (ن مہجور لایبریری)

۴۔ بینا چشمو سیٚتہٕ کرس وارٕ تماشا (ن مہجور) اُچھو سیٚتہٕ وُچھو تہِ

تہٕ تماشا (ن ۱۱۲۳) (ن محروٗن)

۵۔ تمہٕ راوٕ روٗن منٛدٕ چھُوٗن (ن مہجور)

گوٚ پانہٕ ژٕے پروانہٕ تمی آنہٕ زولُن یان
ژٕ اوٚن ہٕ کرٕ چھتے بالکہٕ تھوٚن عاشقن اَر مان

گوٚ پوٚز تہٕ اپٕز سرٕ وُ چھتو بیپر شُنٛدے کار
نارٕس[1] تہٕ نوٚرس پتہٕ پانس پانہٕ گرفتار

پرسان کوٚر ہس یان کوونارٕ زولُتھ ژٕے
سیٖتھ کیا زٕ لوگُتھ سادٕ کمیک واد پیٚ لُتھ ژٕے

تمو ہیٚتو تن وُن حال پنُن کیاہ بنن گوٚ
جانیاز موحرم راز چھُ پیٚتمو ماز پنن کھیٚوو

درنار ڈیٚو تہٕ ژٕھُم یار ہاوان عاشقن دیدار
یکبارٕ کرُمس لارسیٖتن نار میٚتے گلزار

از دوٚرمے یُس نوٚر تشنٛد وار ڈیٚو ژٕھُم نیٚور[2]
کوٚر سِراٚ کے ذرٕ سیٖتن کوہِ طوٚرس سوٚر

نارس مہٕ مارُم گتھ یارس بیٚلہٕ فدا گوس
خصمانہٕ کرُتھ تنہٕ نوٚن آسمانہٕ وٚسیتھ پیوس[3]

پوٚنیوٚر بۓ نو دوٚرِ چھُسے ژوٚرِ بِہتھ کتھ
[4]سُے زانہٕ یُس چھُے نوٚرِ خود ژوٚرِ بتھ کتھ

---

(۱) نارس تہٕ نوٚرس قسر چھُ پانس پانہٕ خریدار (ن مہجور) (۲) نوٚر تجلے ڈیٚو ژٕھُم نیٚور (ن ۱۱۲۳) از دورٕ وٚ چھس نوٚر تشنٛد وادٕ یُس پور (ن مہجور لائبریری)

(۳، ۴) یم زٕ شار چھنہٕ مُروجہ نوسخن منز۔

نمہس تہِ اوٚش پوٚک دارِ گفت اے یارِ وفادار

تھزٕ کارِ دِلہٕ کے نارٕ کمیوٚ یارٕ ہیٚشیوٚتے نار

یُس یارٕ تۄے نارٕ ہنزے ووت دٕری یادس

تس نشہ چھُس پانہٕ پنُن خانہٕ ہادسے کُسٕ [1]

سپدِ چھُے نحن اقرب خاصیہ گواہ آیتِ قرآن

یہ وۄھوٚ محکم سٔر کرتو یارٕ پننٕ پان

باشمع دِلاں بِیٚہنہ دَما دِل ژٔمے گرٛٲھی موم

چھُس کیاہ اوسُس کیاہ دۄفی کوٚت گژھ کیاہ گوم

اوٚن دوٗرِ کیاہ پرٛہزناوِ چھُم اندھیر دِلس گل

پوٚنپرٕ تہٕ شمع زانہٕ گلک مانہٕ سُنہ بُلبُل [27]

چھک پاٗنی پانس ژھایہ ژہٕ امہ جایہ وۄچھتہٕ گژھ

سو روز نیٚبرے کُنہ خبر یوز اندر اَژھ

اندرٕ رۄزُن کارِ عاشق نیست مُناسب [36]

مطلوبہ شُدسے ڈوٚلہ غائب ھۄ چھُس طالب

افسوس کہ با ہمتے پروانہ کسے نیست

پروانہ کجا باشد و اینجا نہ کسے نیست [37]

محمودِ یارس پتہٕ مرٕن زان ژٕ عیدا

من مات من العشق فقد مات شہیداً

(وار یاہو پرانیو قلمی نسخو پیٹھ)

---

۱؎ یہ شار چھُن ۱۱۲۳ ہنزے یوت (باقی فٹ نوٹ برونہہ صفحس پیٹھ)

# کلہ پان وِنْدہا...

کلہ پان وِنْدہا تَس کلہ والس
ژھلہ اکہ نیؤ نم جِس ہیٚے
سپہ چھو یِس بال

عطر کھعتہ مُشک چھُے کتروِس پیالس
میٚے ہار مو فست چاونس ہیٚے
پیالاہ ہالا ہال

یَنہ یارہو دانتاوتس یِتھہ حالس
تنہ کو انْدرہ ترٛاونس ہیٚے
چھُس کیشاہ غو جیہ مَلال

خفہ بوز نم تھٚچہ لایس نالس
پَتہ پَتہ تورہ لارس ہیٚے
سپتی نالی نال

لوہ کپار روؤم کُھو تمبالس
ناگرائے تمبہ لاونس ہیٚے
رنبہ وِنی ہیٚے مال

---

( پُتمِہ صفکو با قیہ فسٹ نوٹ ۱ ) ۲؎ یہ شار چھُ ن ۱۱۲۳ تہ ن مہجور نمبرے یوت ۳؎ یہ شار چھُ ن مہجور نمبرے یوت ۴؎ یہ شار تہ چھُنہ مروجہ نوہ سخن نمبر۔

---

۱؎ خفہ یار کوٚر تم ییس تھٚچہ بٹہ نالس (ن مہجور لایبریری)

۲؎ ناگراے روؤم تُل پاتالس ناگر ہل پیٹھ ترارس ہیٚے
رنبہ وِنی زن ہی مال (ن مہجور)

شوٗز یاس بیوٗ ژھُٹھ ہرمہ کھ بالس
دُنیٖ یا مستس[1] پھیرناوُنس ہے
اُسہٕ ووٗنی بو گوپال

مُشتاق عاشق اَتھ جمالس
لاشکہ میلہٕ یارس ہے
گے غرق وصال

لوٗبہٕ کونہٕ عاشق اَتھ خط و خالس
شوٗبہ ووٗنی جان کیا چھس ہے
زُلفہٕ کوکل زال

زلفکہٕ سلسلہٕ وانتن کمالس
پئرزی یاٹھو اَدہٕ ہاوُنس ہے
یانے زَن ہِلال

دم دیوٗ ذاکرو وانکھ کمالس[2]
کھےٚ کاس آیینس ہے
سپدی کشفہٕ کمال

دمہٕ سپنو بُلھار سپدان دالس
دم دار لوٚد وَن کھسِہ ہے
ژسہٕ ہے یوہ تی بال

دمہٕ چی غرق چھےٚ شیرِ شاہس
اُنہٕ گنڈِہ[3] دم داوُنس ہے
کینہٕ منزے ڈراو لال

دمہٕ سپنو زنگی بادشاہس
دمہٕ سیٖے ناو نوٗر ہیس ہے
ژھِچک روونس[4] بال

---

۱۔ عالمس پھیرناوُنس (نسخہٕ مہجور)
۲۔ کمالس۔ ن مہجور لایبریری ۳۔ دمہ دار لوٚد وہ نی کھسہٕ ہے (ن مہجور)
۴۔ ژھِچک روونس بال = ؟ چھچک داوہ نوکے مال (ن مہجور)

سرخم اُلفس کُن چھُے دالس

یَینہٕ ہیٚیتھ اَند ژٕراؤنس ہے<br>
تَینہٕ گو کوتاہ کال

مے ییلہٕ منز ژاو اُلفس تہٕ دالس

آدٕ کمو سجدٕ کورنس ہے<br>
سُے گوو حبدو حال

محمودٕ یارٕ دود کوتاہ ژالس

یارٕ کُرٕ نَم پیکہس ہے<br>
باوِ سُے کُس احوال

# لگہٕ یو...

لگہٕ یو لگہٕ یو لگہٕ یو — شاہ سلطانو لگہٕ یو

لگہٕ یو لگہٕ یو لگہٕ یو — ہاوتم یانو لگہٕ یو

ہمےٚ مَتہٕ ژلتم ژٕوٗرے — حوٗرٕ کتہٕ روٗد ہم ذوٗرے

یتہٕ موللہٕ وَتھ موٗرے — راحتِ جانو لگہٕ یو

کٔتھ کٔنٛ کرٕ تھَم گرٛائے — ہارِ مَتہٕ مو روز ژھائے

گژھ سوٗ چانی مائے — نوٗژٕک میانو لگہٕ یو

ستٕنز تے سامانہٕ پیرو — شیرِ تھ تہٕ سائس نیرو

چمنن منز باگ پھیرو — پوٗرٕ سامانو لگہٕ یو[۱]

کیٛاہ چھی روہ خسارس زلی — چشمن سوٗ رمےٚ ازلی

لالہٕ کھوتہٕ ژٕرٕٹھ چھی ونٛزلی — غوٗنچہٕ دہانو لگہٕ یو[۲]

رٕچہٕ تیرِ دتیت تھَم داغٕ رٕتھ — ہے کوٗ گو ہم مأرٕتھ

نالہٕ مَتہٕ رَٹہٕ ہیتھ لأرٕتھ — جمہٕ کمانو لگہٕ یو[۳]

کوٗ چھُک خوٗنٛ میون مَتھہٕ نے — مأنزٕ کنہٕ کھورَن تہٕ اَتھہٕ نے

رٕتھ وَنٛدہٕ چانین کتھہٕ نے — شیرین دہانہٕ لگہٕ یو[۴]

---

۱ ، ۲ ، یِم ژٕ شار چھِنہٕ چھاپی نوسخس ، ۳ ، غوٗنچہٕ دہانہٕ لگہٕ یو چھاپی نوسخ (بنم)

۴ ، یہٕ شار چھُنہٕ چھاپی نوسخس منز۔

ونچھ ہتھ صوّر بتھ بشدرو     رچھ ہتھ وانجہ اندرو (۱)

ولہ وہر میانے گونڈرو     پہلوانو لگہ یو

ماشوقہ ہا پرہ نازو     قولہ ونہ اچھ چھے دانزو

خوش رو پہ خوش آوازو     مولود نشانو لگہ یو (۲)

ہہتہ متہ کر تم پیتہ مو     ژھئو نجہ اکہ درشن دیتہ مو

مس کھاسو برمے چیتہ مو     متہ مستانو لگہ یو

کو زانہ کمہ پاٹھو مرتے     مر ماچیانے شہرستے

محمود کوتا زرستے     جان جانانو لگہ یو (۳)

(اکہ پرانہ قلمی نسخہ پیٹھہ)

---

(۱) جگرس اندر (چھاپی نسخہ)

(۲) یہ شار چھنہ چھاپی نسخس منز۔

(۳) شاہ سلطانو لگہ یو (چھپن)

# دُعا

یا الٰہی کر اجابہ بیتھ دُر دُعا — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا

چھُس گدا موحتاج تو اے بادشا[1] — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا

در ازل بو یادِ کورتھس از عدم — یلہِ ژھینو ختم فکرِ تے اندیشہِ غم

نفسہ کِنو دِیُت نم مے شیطانن[2] دغا — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا

یام با لینغ گوس اوسم لوہ کیہ چار — کنہ تہِ توشے نہ ت[3] کورم نو کانہہ کار

در جوانی یُس کرِم جُرم خطا[4] — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا

فرض دسو نیتہ مستحب بی و اجبا — سختہ مشکل وقتہ تم نتہ ذات

ہائے افسوس ترم گیم ساری قضا — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا[5]

ذکر تہ اوبتہ فکر کران دوہ گوم — تام ژیوانم یام ہارس لوہ گوم

نفسِ شومن کیتھہ کورنس در بلا[6] — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا

نی مے چھم پننہ گورتھس ڈیشنے — تمی ہہ مورس پننہ گوڑھس کرشنے

---

۱۔ یہ مصرع چھُنہ اکس ترائمس قلمی نسخس منز۔

۲۔ نفسِ شومن کیتھہ کورنس در بلا (چھون)

۳۔ زیتھ کورم (چھون) ۴۔ نفسہ کتے دِیُت مے شیطانن دغا (چھون)

۵۔ یہ شار چھُنہ چھاپی نسخس منز۔

۶۔ فکر کران یوس در خوف رجا (چھون)

تی میٚے کوٚر ٕم یِتھ کانٛہہ اوسُم نَفا   رب اغفرلی ذنوبی کُلہا[۱]

تَمہِ ساری نِشتہِ ووہ نی بیزار گوس   بار صبا خبو زار بوزُم خار گوس

فِکر کران ہیوس در خوف و رجاؑ[۲]   رب اغفرلی ذنوبی کُلہا

مَنٛدِ چھےمُت آس ژٕٹے کُن بے نواؑ   عفو کرٕتم لوٚکی بٔڈی ساری گونٛاہ

از ترحم چشمِ رحمت برکُشا   رب اغفرلی ذنوبی کُلہا[۳]

توبہ کرٕدم توبہ کردم یا صمد   مَتہٕ اَنتم روبہٕ تِہِم اعمال بد

چھی شفیع یِم انبیا و اولیا   رب اغفرلی ذنوبی کُلہا

رزق و روزی سوزتم در زندگی   ٹھٔل تھوٚوُم تازٕ اندر بندگی

ازبرائے روحِ پاکِ مصطفیٰؐ   ربِ اغفرلی ذنوبی کُلہا[۴]

زُو کھسُن ہیوٚن کرٕتہٕ آسان یا غفور

وقتِ نزع تھاوتم ابلیس دوٗر

نورِ ایمان کرٕتہٕ محمودس عطا

ربِ اغفرلی ذنوبی کُلہا

(اکھ پرون قلمی نوسخہٕ)[۵]

---

۱۔ یہ شار چھُ چھاپی نوسخس منٛز یِتھ کٔنٛہ

تی میٚے کوٚرُم ییٚہٕ اوسُم کرٕنے   نتھٕ میٚے موزُم یِتھٕ ییٚہٕ اوسُم ٹانٛے

۲۔ آس بر در با ہزاران التجا (چھُن) ۳۔ یہ شار چھُ قلمی نوسخس منٛز یوت۔

۴۔ یہ شار چھُنہٕ چھاپی نوسخس منٛز۔

۵۔ اَمہِ بٲتُک بیاکھ نوسخہٕ چھُ (۱۹۰۸ بکرمی) منٛز لیکھنہٕ آمُت یُس میٚے نِش موجود۔

# لوکچارے ہتا...

لوکچارے ہتا بالہ یارہ لولو — بیٚنیہ پیٚٹھو مَتہ دوہ تارہ لولو
لوکچارو گُل بے خارو تے — فولہٕ وَنے ہا گُل زارہ لولو
لوکچارو پوشہ بہارو تے — روشہ ہاو تو بیٚنیہ دیدارہ لولو
لوکچارو ہا پوہ ختہ کارو تے — رٕنبہ وَنے ہا موہ ختہ ہارہ لولو
لوکچارو تُلہٕ وے نارو تے — سوٗر کوٚر تھم بیٚنیہ نیگارہ لولو
لوکچارو برٛم تہٕ بازیگارو تے — کم کم "اکھ" کرتھ آدارہ لولو

لوکچارو ہا پمپوشہ ہارہ لولو
برٛم زان نو ہا یہ سمسار لولو

لوکچارس تہٕ پچھے یاونہٕ فُلے — چھاوان پچھے یارمن یارہ لولو
لوکچارس سٲری چھیہ زانان — نازن چھی ژےٚ خریدارہ لولو
یاونہٕ دوہ تس بیٚلو سورأی — تس ناموٗل "اکھ" گھنڈ ہارہ لولو
فُلے سوٗرِتھ چھپنہٕ مرٕ خارو تے — بُلبُل ہا وَدان بارہ لولو
لوکچارے انہٕ وٕنہ رہزی ستے — بوزی نو کانہہ کأنسہ زارہ لولو
لوکچار ہے کیتہٕ نے آیہے تے — مُلہ ہا ہمہ ہن بو بازارہ لولو
داأدی لدے دوہٕ کھوٚر لوٚد چھلنے — أہتہٕ گے تس بیٚنیہ ہزارہ لولو
یارہ مییانے ہا مأسے مَدنو — تیبل ہل چھے ہا سبزارہ لولو
شیشہ ٹبرٕ ٹبرٕ کہ اپشہٕ ٹبر باغس شتہ — نیشہ گژھ ہم ہا دوسدار لولو

عشقہٕ جوشے وَتھ تہٕ مو راورتے جان کیٛاہ رُخ شالا مارٕ لولو

چانہٕ وُشاطہٕ باغہٕ نشاطس شور کیٛاہ ووٚتھ ازٕ آبشارٕ لولو

یوٚت مو ماز نغمس تہٕ نشیمن چشمن ژٕہے کاس خمہ دارٕ لولو

تھزرٕ بیٚٹھے نظراہ ژٕہے کرتو حضرتؐ ہو دِیہٕ دیدارٕ لولو

آولارائنی محمود گامی نوٚ کھیٚاوہ ہیٚتا بالہٕ یارٕ لولو

## پانہٕ میانے...

پانہٕ میانے ہا نادانو زان دُنیا واویلا

بابہٕ آدم عبد انسانو اولے تس سوزُن موت

خاکہٕ باخاک گو یکسانو زان دُنیا واویلا

نوحؑ نبی اوس لیل کرانو روح ژٕھمس گژھ جُدا

ساس وُہرسے گوس اکہ آنو زان دُنیا واویلا

خاصہٕ خلیل الرحمانو پاس لوٚدعے کرٕ ہے تس

آس موت تہٕ ہیٚبت نش جانو زان دُنیا واویلا

شاہ یوسف کیٛا اوس جانو تمیٚ تہٕ ذاتس گیشرٕن پان

تہٕ شد مرنہٕ گے کیتھ وارانو زان دُنیا واویلا

اوس داودعیش الحانو وُچھتہٕ چھرٕ ماگنہٕ سوجنود

تس تہٕ موتن کوٚر نے وُکانو زان دُنیا واویلا

بختہٕ بوٚڑ اوس تختِ سلیمانو وُقتہٕ اکہ اوس گوٚت سنا گو

بخت ہرگن کوٚر وارانو زان دُنیا واویلا

حضرتِ عیسیٰؑ اوس روانو کیٛا سنا موت کرٕ کیٛا سے

حالہٕ اکہ موٚد نالہٕ دِوانو زان دُنیا واویلا

قبرِ منزتے ژاو زنڈہ پانو     خاصہ موسیٰ کلیم اللہ

ذائقہ شُندا وس شیرین زبانو     زان دُنیا واویلا

افلاطون بیَنیہ لقمانو     تم نہ کیتیاہ دانا اُسو

وقتِ موردن گے نادانو     زان دُنیا واویلا

بو سکندر شاہِ جہانو     تمو تہ ژھوڑن دارُوے موت

موتس کینئہ چھپنہ درمانو     زان دُنیا واویلا

اِدریس، عیسیٰ بر آسمانو     خضر و الیاس در دُنیا

ژھڑہ موتنہ ژھیبہ دِوانو     زان دُنیا واویلا

پائغمبر آخر زمانوؐ     روزہے شے کیاہ اوس دوُر

تمو تہ موتنُ شے فرمانو     زان دُنیا واویلا

خاصہ ژور یار چھی بڑ شانو     تم وپے کوّر تمنائے موت

وقتِ نزع موٗ نگھ آمانو     زان دُنیا واویلا

غوث قطب اُسو کھوژانو     کیا سنا تنہ آسہ کیا حال

مالہ والی گے اَتھہ ہوانو     زان دُنیا واویلا

حضرہ فاطمن کوڑیہ بیانو     چھم شرنا[1] ماے اُم متقین

چھم نہ ٹوٹے اَتھہ نژاوانو     زان دُنیا واویلا

نکیر منکر چھی ژرانو     نار دوسبس مبتھ ننہ زاگن

چارِ کیاہ چھے ہمے نوتوانو     زان دُنیا واویلا

---

۱؎ چھم شرنا ماے = ؟

یوّد آسکھ مُسلمانو — دیوّد آسی دینِ اسلام
سبّوّد وُنھیھ — زان دُنیا واویلا
ہوسئے نتہِ جننگ ُسکانو — کھیادسئے نتہِ نیا عُمرِ جان
حور تابے سچھے رضوانو — زان دُنیا واویلا
یُسے اکھاہ آسہ بے ایمانو — زانہِ پاسئے کیاہ گوم داہ
کھیئیہ افسوس بتیہ آرمانو — زان دُنیا واویلا
زِندہ زِندن سیتو میلانو — معو رد بسیلن مو دن سیتو
اِد گرڈھن سیخ بیگانو — زان دُنیا واویلا
اُچھہ، کن، نیرِ زنگہ نتہ پانو — چھی گواہ پتیچھ کار ئیں
نیک بد چون کرن بیانو — زان دنیا واویلا
بیتیہ کاتہ چھونہ کھوتہ لدانو — نِتہ کیشر ڈھا پانس سیتو
موت مُشرون چھے نو قصانو — زان دُنیا واویلا
زِندہ لوگ ختم کیا مُستانو — نِیندر نِشے گرڈھنتہ بیدار
زِندگی میہ گرڈھ پڑدھ کرانو — زان دنیا واویلا
ہیتنگہ زُزر موتن نشانو — رنگہ سفید سپنے معوے
وُنہِ نوسچھے سنگ ڈلانو — زان دُنیا واویلا
دگ نتہ بیماری مرگن بہانو — کرنتہ نظراہ گرڈھ کور کین
نیر نتہ مادے اِنتہ حاضرانو — زان دُنیا واویلا
مل گلو موت ہاویسلو پانو — ژھیٹہ تیھتیزے معو کلکھ نو
شور، مستی سوئے ہمانو — زان دُنیا واویلا

یاژ پیٹھ تھر نیرسنے وَدانو     رأنز اَکے ژتہِ یکھنو

یور یُن چھُپنہ کانٛسہ اِمکانو     زان دُنیا واویلا

مال دولتھ لوٗکھ کھوانو     تَتہِ کُنٛہ سے ہپترن چھے

بیہِتہ کانٛہہ نو ناو ہپوانو     زان دُنیا واویلا

پیٹھ تختس دِنہِ مو سرانو     بیٹھ رختس مُنگو زے کیشاٗ

نش گہ ماگژھک سنگدل پانو     زان دُنیا واویلا

کیتھ گُفتگو چھے کَتھانو     بوٗد نصیب آسی ژئے

روزی ما نیتہ اَرمانو     زان دُنیا واویلا

گاٗلی مرگن کم کم عَوانو     ماٗلی ماجے رُچھمتو اسی

زاٗلی ڈیہ کیشر گے واٗرانو     زان دُنیا واویلا

مول موج کوٗت گے ہاٗگے حیانو     ٹاٗٹھی فرزند ہاٗے اولاد

دُ چھیتہ نیرِتھ گو کاروانو     زان دُنیا واویلا

راتھ دِہ چھک تی ڈیشانو     ڈیشِتھ کو مُشرتھ موت

زاہ نہ ہپوان چھک ناتانو     زان دُنیا واویلا

پَرتہِ کُل من علیہا فانو     روز باقی ہو اللہ

بوز کھےٗ لاگ تس سپتوزانو     زان دُنیا واویلا

ھُموُدو ہے نوتوٗانو

لے بھاو معبوٗدس سپتو

نور کیشتھ کر تیشہ سامانو

زان دُنیا واویلا

# مدنو عشقہ چانے...

مدٕنو عشقہٕ چانے عاشقن دِل مُشکہٕ تبر یتھ
مدٕنو کیتھو عاقل واے ژٕٹے دیوانہٕ کٔر یتھ

بے تو در باغ مرا نشگفد ایں غنچہ دل[1]
ژلے کوٚت ژالہٕ کوتاہ زالہٕ کوو لاجھتھس گل

مدٕنو چھس بہٕ روان چھُے نہٕ یوان عادمیونے
سٕٹے آمو لول چونُے بالہٕ کاسنتھ زوٚنہٕ گرٕژھُنے

بہٕ کمیو رنگہٕ ژھارتھ رنگہٕ رٔنگے رنگ چھُ چونے[2]
ارنی گوٚوے زانٔنی یس ژٕٹے دوٚچھتھ لمن ترانے

مدٕنو گل بدنو نامہٕ لیکھتھ یو کامہٕ ردوو
ہأر چھس پنجرس منز سانہٕ گجھرٕژ ہأرتھس بو

مدٕنو شامہٕ سعہ ندر زاُجھتھس بو آمہٕ تاڈے[3]
یدٕن مانزوٕ نشتے خالہٕ گژھ ہیم کالی رادے

مدٕنو مایہٕ وجھتھس کرٕ کیاہ چھم پایہ بندی
روش مو روش ہوشیار لاگے پوشہٕ گونڈی

مدنو پامہٕ لیجھس بوزتم دمہٕ نی نامہٕ خود[4]
مٕٹے او شم لانہٕ دژایس کژانہٕ کیاہ چھُے مانہٕ مُدا

---

۱، ۲، ۳، ۴ یم شار چھہ قلمی نوسخس منز بوت۔

مےٚ چھےٚمہٕ لولہٕ کامن دِژلہٕ پھتوسانہٕ ژتے

گژھس بوہ ولہٕ چانے دولہٕ مو پچھ مارٕ ژتے

سمبل از کوکل مشکیں توشہ حال پریشان[1]

ینمبرزٕلی چشمہ ون زاہ چھُسنہٕ خائرِ ڈیشان

ونے داستانہٕ دِلگ رستم داستانہٕ وۄنو[2]

چھور ہتس لولہٕ مستے مس چھو یہ مستانہٕ وۄلو

مدنو عارٕ رستیو وارٕ ونتم کیاہ ژےٚ گژھی[3]

آہ و افسوس جسمس شاہ تل چھُم پاہہ پیٚژھی

گیٚیس بوختہٕ خاطر گژھتہٕ بخشتہ میانی گناہ[4]

ژٕ چھٹم دِل لولہٕ وائے ہیچ وۄنی مےٚ روٗدم چون پناہ

مدنو رشکہ ہیکہ اشکہ گنگ مو بالہٕ روان[5]

کوو چھُمک خشکہ مؤہنہ عشقہ مرشے ڈالہٕ نوان

ہسا محمود گامی عاشقن ہنز کر غولامی

چھُ دُنیا برم تہٕ فانی کرتہٕ حاصل نیک نامی

---

۱، ۲، ۳، ۴، ۵، پم شار چھ قلمی نسخس منزٕ یوت.

# پشونامہٕ

| | |
|---|---|
| چھِ نَہ کَہ کَرَو ہِشو | ہَب پشو ژٲلو نا |
| پشو پشو کوٚر یمہ گشو | دِ پیشو گرٕ ھوشکارس |
| رَھا ژشو ماژرِ وٕخشو | ہَب پشو ژٲلو نا |
| ژیٚیترِ کو لَن دِیہ ہاکشو | دَتر کھوتے سو ہی جانن |
| پیھترِ پیھ ہیہ بلایہ گشو | ہَب پشو ژٲلو نا |
| ژرتہٕ مانکن چھی پیھ دِشو | وانکس اندر زنانن |
| شینکہٕ رُستے گیمہ رشو | ہَب پشو ژٲلو نا |
| کَتُن دَو تھُم مسے آرشو | تہٕ یارٕ مسے نومشی زاہ |
| کتُن کمانس گیمہ ہشو | ہَب پشو ژٲلو نا |
| کمیشیاہ وتھرکر توم پیتھرِ وشو | وگوہرِ لشو ہو ووس بو |

---

۱: عبدالاحد آزادن چھ "کشیری زبان اور شاعری" منز لیو کھمت زِ یہ بائتھ چھُ عبدالاحد ناظم سُند۔ مگر قلمی نوسخہ چھ تمی شر کھتھ غلط ثابت کران تمی چھ نوم ترٛیشے شار نقل کرٕمِتۍ س

| | |
|---|---|
| شمہ تھ آدم کھیو وم ہشو | ہَب پشو دار و وکیاہ |
| شو شو پیٹھ ژاد یوم ترشو | پشو ژٕو ٹھم مسے ماچھ راہ |
| گرکانہٕ فسٹریم وگوہر تہشو | ہَب پشو دار و وکیاہ |

| | |
|---|---|
| یتھم نِتھم باُژن نِشو | ہَبا رپشو ژٔرِ نا |
| بۍ کیاہ وَنے کیاہ کوٚر پشو | شیشو کیبر اندر ژاے |
| لِمھ خِمھ کوٚر ہم ہِشو | ہَبا رپشو ژٔرلو نا |

محمود گامی پیچھ ہُگو دِشو
پاُژن سیتی چھس مَلالے
رپشو داوِ ووتے کیموہ نِشو
ہَبا رپشو دارِ وِ کیاہ

(پرانہ قلمی نسخہ پیٹھ)

# معراج نامہ

حمد تس یُس چھُ پادہٕ کرِ انبیاء
نعتن منز ژورُن رسولِ خدا

تس پتہٕ تہنٛدین ژورن یارن
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

حمد پتہٕ نعتہٕ پتہٕ معراج بوز
دِلس منز یادا گژھِ ہی سوز

روز و شب تس پیٹھ درود و سوز
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

ستووُہٕیم اوس ماہِ رجبُن شب
اوس در خاب ناز شاہ عرب

بڈٕ اوس پران زمین کیو تب
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تمہ شبہ فرمو جبارن
ملکو ماشوق یودی کھارن

دائیقف کیہہ ہن اسرارن
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

جنتس گو نام روح الامین
اون تمہ براق اوس نازنین

نورٕک بالپوش رحمتک زین
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

اُچھا نبیہ سٕندِ اوس سرور
بہتھ پیٹھ جبریلی تنجس ژادر

یا نبی پادن ونٛدہے سر
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

حجرٕ نِش نیبر کٕن دِژلے ژھم
ملکن فلکن سیتی چھپرِ ژھم

ذات پاک کاسی اُمتک غم
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

ستتھ ساس ملائکھ ژرو نٹھ آہتہ
نورٕکی خان چھک ہیرا ہتہ

---

۱، ۲ یم نہ بشد چھپنہٕ قلمی نسخن منز ۳ قدمن (ق ان ۲)

ژٕھسے تہٕ بٮ۪یہِ چانِہِ یارٕ رکھتھ — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

فراقہٕ سیٚتہٕ براقن ووٚد زار زار — عرشس کُن کس پیٚٹھ سپنہٕ سوار[1]

تٔتہِ آدٕ کوٚر ہٮ۪ن وادٕ بیقرار — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

بۆزتھ بُراقن کوت لوٚر چپاو — پانے آدٕ شانہٕ دائرِتھ آو

نبوت پٔرک نٮ۪یزٕ ٹکہِ پوٚشنس پہٕ داو — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

براقس پیٚٹھ بیٚہِ کھوٚت حضرت — بۆروٚتھ پٔرک بُراق جبریل یٮ۪تھ[2]

ہیٚرٕ تہمۆ مسجدِ اقصا وٕچھ — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

یام وأتی نبی مسجدِ اقصا[3] — حضرت سون تتہِ کوٚرُکھ پیشوا

نبیو یٮ۪ کوٚر ہٮ۪کھ بٔتہٕ اقتداء — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

گوڈٕ نِکس فلکس کھٔتو سرور[4] — وُچھک تتہِ آدم پأغمبر

نورٕک پوشاک اوس دربر — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

آدِ کیتھو وٕنیمس آسمانس — اشتیاق یژاوس درپانس

ہٮ۪نہِ ہٮ۪نہِ دِتی ہٮ۪س پیٚٹھی پانس — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تتہٕ أسی یحییٰ بٮ۪یہِ عیسیٰ — کرٕ ہٮ۪س سلام یا مصطفیٰ[5]

بۆزی نے صلوات بے انتہا — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

---

۱ء محشرس کیٚتھ کُش آسیم سوار (نوسخہٕ جبار خان - ن ۱۳۱۹)

۲ء بۆروٚتھ گو جبریل براق پیٚتھ (چھ ن) ۳ء وأتی بیٚہِ حضرت مسجد اقصا

(چھ ن) براق ہیٚتھ وأتی مسجد اقصا (ن ج)

۴ء کھٔتو یام فلکس پیٚٹھ سرور (چھ ن) ۵ء سلام کرٕہٮ۪کھ یا سیّدا (ق ن ۱۳۱۹)

ژٕییمِس یا مُحمد کھوژُکھ کھوژ[1] — مَلکَو اَنٛدِی اَنٛدِی کرِی ہیٚس دور

ملکو تیٚژ تُل دۄرُود ڈٔک شور — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

نتہٕ اوس یوٗسُف بٔیہ داوٗد — بنٛدگی کران سوٗے معبوٗد

سوٗز تِہمو نبیٚو یِس سلام و دۄرود — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[2]

ژوٗرِ کرِ میس فلکس کھٔتِھ توٗشن — نوٗرٕ تِہنٛدِ افتاب گو روشن

عاشقی کرِس تتہٕ پمپوشن — صلی اللہ علیک رسول اللہ

موٗسیٰ، آیس بٔیہ ہریم — سردار ڈیشِتھ کوٗر کھ سر خم[3]

قبوٗل کرِ سوٗن دۄرُود و سلم — صلی اللہ علیک رسول اللہ

اَدٕ یِیلہِ بیٚنٛژ مِس بر مُژرُن — نظراہ کرٕ تِہمو طرفن کُن

ملائیک ژاران اٰسی ثُویُن ثُوی — صلی اللہ علیک رسول اللہ

اسماعیل، اسحاق بٔیہ یعقوب — یا رسول اٰسہٕ کاش[4] لعل تے لوٗب

نبیٚو یُن سارِنے ژھٕٹے جاُگی شوٗب — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

ستیٚمِس میس فلکس کھٔتھ دِتھ شوٗے — تتہٕ پیٚٹھ شتھ مِس کُن نیٚو کھٕپے

اَدٕ تِہم سدرۃ المنتہیٰ اَگے — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

یِیلہِ تس جبرٲئیل شَہ رہوُن — زٕ رکأژ نفلیچہ کرٕ نوُن

---

۱؎ ژٕییمِس فلکس یا نبی اوٗد ڈُک کھور (ق ن ۱۳۱۹) ژٕییمِس یام وانٛنو کھ کھوژ (ن ج) ۲؎ یہ بنٛد چھُ چھاپی نُسخس پیٚٹھ غلط پأٹھۍ لیکھتھ۔

۳؎ یِکہ وَڈِی بَرونٛہہ تس اٰسہ باتم ۔ یا رسول بوٗزِ نے درود و سلم (ن ج)

۴؎ یا رسول اٰسہ چوٗن لعل تے لوٗب (چھُن)

دوہ دِ ماچھ بَرکہ بَرکہ پیالہ چوون          صلی اللہ علیک یارسول اللہ[1]

ببرُنِس دوَپ نَس اسے سرور          پکہ ہا یتیمہ برُونٹھ دزِ تم پَر

میانہ کھوتہ ڈیشکھ یُس بہتر[2]          صلی اللہ علیک یارسول اللہ

میکائیل تامتہ برُونٹھ تس آو          یرن میانین پیٹھ کھوٗر تھاو

تھوٗک میٹھ یتہ نہ حد نیشہ راو          صلی اللہ علیک یارسول اللہ

ڈٔک یانہ تھوٗک یلہ میکائیل          برُونٹھ تس تام آو اسرافیل

وچھ تمہ قدرت روٗتِل شلیل          صلی اللہ علیک یارسول اللہ

تہ یتہ زف زف برُونٹھ آو تس          یارسول وونی دمہ تھ متے پیٹھ کھش[3]

تمو نیتھ واتنو پیٹھ عرشس          صلی اللہ علیک یارسول اللہ

کڈہن نالاُنی وو تیکھ رندا          گردِ نالاُنی ہیاُنی یا مصطفےٰ

بس چھیم عرشس تاج زیبا          صلی اللہ علیک یارسول اللہ

نالانِ سان تیم تتہ تیکھ یام          لرزنیش عرشن روٗٹ آرام

ہر صبا یُس تو بتیہ ہر شام          صلی اللہ علیک یارسول اللہ[4]

---

۱؎ یِہ بند چھُنہ چھاُپی نوسخس منز۔ جیار خانن چھُ یتیمہ آیہ لیوکھمُت "

رکاؤٹا سردار کرِنوو کھ          دوہ دِ ماچھ بَرہ بَری پیالہ چوو کھ

شراب اُمس دُنیا دور ترو و کھ "

۲؎ آمہ کھوتہ ڈیشکھ (ق ن ۱۳۱۹)

۳؎ یارسول نُوِرکیس تختس کھس (چھ ن ج)

۴؎ یِہ بند چھُنہ چھاُپی تہ قلمی نوسخہ نمبر ۳ منز۔

عرشس پٮ۪ٹھ ترٛونتھ گیہ نیرتھ — شوقہٕ سیٚتۍ ژھنہ تمو پوٚت پھیرتھ
خلعتِ[۱] معشوقانہٕ اوس پیرتھ — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تتہٕ اسم سائری مُقرب دوٗر — ترٛونتھ اسی تتھ ساس پردٕ از نوٗر
منظوٗر گوٚیس اوس مستوٗر — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

دوٚپ نس یا رسول کیا آکھ ہیتھ — دوٚپ نس یا اللہ تُہنٛز اُمتھ
اُمتس کرٛ تتہٕ مےٚ مغفرتھ — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[۲]

دوٗر اوس تتہٕ اد قاب قوسین — رگہٕ شمب دوٗر یِم اوس مابین[۳]
سورُے سیٚتھ تتہٕ عین الیقین — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

دوٚپ سائنی نبوین التحیات — بے نیاز چھُکھ از ہمہ پاک ذات
بوٚزنے صلواۃ والطیبات — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تورٕ دراو از زبان قودرتھ ہی — السلام علیک ایہا النبی
شوز مے رحمتہ برکتہٕ ژئے[۴] — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

فرمود شیدن سائنی باد ازین[۵] — وعلیٰ عباد اللہ الصالحین
اُمت چھم ضعیف بیٚیہ مسکین[۶] — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

بوٚزتھ ملایکہ روٗدِس گواہ — اشہد ان لا الٰہ الا اللہ

---

۱۔ خلعت معشوقانہ (ق ر ۲) ۲۔ یہ بند چھُ چھاپی نو سخس منز نہ یوت موجود۔
۳۔ تو کھوتہٕ ادنیٰ از دو مابین (ن ج) تو کھوتہٕ ادنو دور مابین (ن ۱۳۱۹)
تو نیشن ادنے روٗد (ن نمبر ۳) ۴۔ بوٚزنے رحمتہ تہٕ برکتہ ژئے (ن ۱۳۱۹)
۵۔ عرض کوٚرن یا اللہ العالمین (چھپن۔ ن ج)
۶۔ ہمیشہ مصطفیٰ بود اینچنیں (ن ۱۳۱۹)

و اشهد ان محمد عبد الله ‏— صلی الله علیک یا رسول الله

پاٹہ وائی ڈئی تہمو کہتو اسرار ‏— عالمو تہ عاری فو کوڑ اظہار

روز شب تش پیچھ سوز بسیار ‏— صلی الله علیک یا رسول الله

پُڑ ژھمس یا رسول کیاہ آکھ ہیچھ ‏— دوّپ نسّ یا الله غم اُمتھ

کوڑمے اُمتس پیچھ مغفرتھ ‏— صلی الله علیک یا رسول الله

دوّپ نسّ آدمس سجدہ دیووتھ ‏— جنتہ اول نسّ ہووتھ

تیشُتھ ہیچ اسیہ کیشُتھ کیا ٹھووتھ ‏— صلی الله علیک یا رسول الله

دوّپ نسّ آدمس سُجدہ دیووم ‏— نوڑ چیانہ جنت پیڑ ووم[1]

چانی اُمیڑ کیشُتھ ٹھووم ‏— صلی الله علیک یا رسول الله

یا الله ژئے خلیل ٹھووتھ یار ‏— نار مثر کوڑ بھتس وار گُل زار

تیشُتھ کیاہ مئے دنتھ یا غفار[2] ‏— صلی الله علیک یا رسول الله

دوّپ نسّ نوڑ چون اوس تابان ‏— توسیتھو ژھیتہ گو نار سوزان

واتی نہ نار زاہ بر اُمتیان ‏— صلی الله علیک یا رسول الله

تامت حکم آسس از درگاہ ‏— یا رسول اُمتس کیشُتھ منگکھ کیاہ[3]

پانژاہ وقت نماز روز شش ماہ ‏— صلی الله علیک یا رسول الله

عرض کوڑ نبیؐ ین سائی آن دم ‏— نو توان اُمتی کرہ ہیکہ نم

ترئے دیتھ پاتژ وقت گیہ ادیکم ‏— صلی الله علیک یا رسول الله

دوّپ نسّ یا شفیع المذنبین ‏— اُمتیج جاسے وچھ خلد برین

---

[1] دوّپ نسّ تتہ ژئے سجدہ دیووم ‏— ژئے کیشُتھ جنت پیڑ ووم (چھہ-ن) (ن ا ج)

[2] یا جبار (چھہ-ن) ؛ [3] اُمتس کیاہ بکھ اسے سبید (چھہ-ن)

سيني نبين جبرئيل روح الامين — صلی الله علیک یا رسول الله

جنت اندر ڏاو احمد — غلمان ۽ حورَ آهه بروثبھڻ بي حد

شمشاد قد آهه خورشيد خد — صلی الله علیک یا رسول الله

غلمان ۽ حورون آهه يڪطرف — روءِ ٻه سنڌي بازو سعه ۽ سنڌي ڪف

ديدار ڏيئيسن گه مُشرف — صلی الله علیک یا رسول الله[2]

وُچھه تِھو جنت حورَ غُلمان — زوڻ ۽ آفتاب کھڻ ۽ تابان[3]

خاص ڪيا آهه پان ياراوان[4] — صلی الله علیک یا رسول الله

نُورَ سيتي حورَ آهه تن ناوان — دُوَر غلي گوشن آئيه راوان

ڪنه بوئ ڪيا آهه وَنه زاوان — صلی الله علیک یا رسول الله

خاصه خاصيه نيا هر ڪيا بهتر — ڏپشيئه خوش ڪوت گو سرور

زعفران رنگ آئي مُشڪ اُوفر[5] — صلی الله علیک یا رسول الله

ماشوقه وُچھم اُنهيج جاءِ — جائين وُچھيئه ڪيا اوس ٻيرا ٻي

مئو خنيج جا اُڪسد فڪر پاءِ — صلی الله علیک یا رسول الله[6]

---

۲،۱ ريم زيبشد چھپيه قلمي نوه سخس شرز.

۳، زوڻ ۽ آفتاب کھڻ ۽ آهه جان (ن ج)

۴، خاصن کيتھو اسو ٻيٻي بحق خان (جبار خان)

خاصن ڪيتھو آهه ياران خوان (ن ۱۳۱۹)

۵، نگاسه ڪنخ زعفران مشک اَدفر (جبار خان - چھون)

۶، مئو خنيج ۽ قصد فيج سرتا پاءِ تس ڪرڻھه پس آهه جاني ماءِ (چھون)

مول موج تنتہ مو کلوؤن نے — اُمسہ تمہ شاپہ تزاؤن نے[1]
ساتہ کھوتہ ٹوبھڑ کا تہہ تھوؤن نے — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[1]

دیان اوس کیاہ سنہ میائی اُمتی — زارس منز ما چھم پسے رہتی
علمہ تلہ میانہ ما دور کا مسی — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[2]

دوان[3] سینس حکم از حق — بخشش مے اُمتس اسے مشفق
اُمتک[4] غم چھے زٹے بر حق — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

وچھتو تمیٔ سون غم کوت کھیو — تیتھہ میٔو سردار سون کوت گو[5]
لولہ سان تس پیچھ پزٕ پُرکر تو — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

ووتہ نور عرشہ، کوت خوش سپُن — جبریلن تس تاریف دوٗن
زوری میس فلکس بیچھ واتہٕ وُن — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

واتی حضرت نزدِ موسیٰ — اُمتس کیاہ اد نچھ اسے سیدا
پنژاہ وقت نماز روز پیس ماہ — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[6]

اوٗن کن چھُ پتھر اُمژ ہنڈ غم — ذات پاک تمہ بیچھ میرا رحم
زٹے چھی دیان شفیع الامم — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

---

۱۔ یہ بندہ چھُنہ چھاپی نسخس منز درج ۲۔ دیدار میانہ نیش دور کا مسی (چھن)

۳۔ ابتھو اندر سپتس (ن ۱۳۱۹) "تامت سپنس (چھن)

۴۔ اُمتک غم کھیوٗن چھے رونق (جبار)

۵۔ تیتھہ سون غمخار کوت سنا گو (ن ۱۳۱۹) ۶۔ وسہٕ وُن موسہن پزٕ ژھنس پی
کیا صاحبو بخشش تمہ دِیی۔ ترٛے پتہ بیج وقت پزٕ اُمتی (جبار خان)

۷۔ یہ بند چھُ نمہ سنخے جبار خانس منز پوت۔ اوٗن کن چھ پتھر تہ؟

گوٹ گوٹے اُتس ڇڄنہ ٿمُل — اُٹھ پیہڈ سیدن سائی آکھئی تُل

زرپچھ تئی دہ نماز مانیچھ سگے کُل — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

پوٗ دوے اُمتس ڇڄنہ طاقتھ — پانڑ شہ وقت فرض پچھے دُوں اکھرہ ابھ

پانڑشن بدل پانڑ شہ ڇپک وقت — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[١]

فرض سگے نماز بیئیہ رمضان — فرض وال نکھ اُدِ ڇھک مُسلمان

مؤمنو مانُن پچھے فرمان — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تئتہ پیہڈ جبریل سینو آوتس — واتنوؤن بیت المقدس

پکہ دٹہ انبیا ہاؤن تس — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

بیت المقدس پوٗرکھ نفلاہ — انبیا خوش وقت گئیہ کہتیاہ

جبریلین دوٗپیس اے نبی اللہ — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

ہتھوٗد دلحقو براقس کُن نیوکھ پے — پیتہ یدر مُنڑی لُن پینے سطے

داتہ وُن گرِ نیم غائب سگے — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

گرِ پیپلہ داتنوؤکھ حضرت — موصلسُن گرمی ہنئیز تبرکتھ

ہانکلہ اُسے گرڈھان حرکتھ[٢] — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

موصلس وُ نہچھ وُنیٔ اُس معویہ وال — سردار ڈہ پشہتہ گئیہ خوشحال

وُچھ تئمو قدرت ذوالجلال — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[٣]

---

١ء یہ بند چھچ حرف ببارخان نس نوسخس منڑے یوت.

٢ء کھنڑ تے ہانکلہ اُس بُرکتھ (ڇپن)

٣ء یہ بند ڇھنہ چھاپی نوسخس منڑ.

معراجِ حضرت پیزمہ یأٹھو زان — جسمہ سان کھوت ئُنکے برآسمان

نبی شُد معجزٕ پیزرِ یأٹھو زان — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ [۱]

یا رسول گو کھؤ محمودس یاد — لولہ سیتو دمہ دمہ دِوان فرٕیاد

ہاوتَس دیدار گژھہ دِلشاد

صلی اللہ علیک یا رسول اللہ [۲]



---

۱۔ یہ بند چھہ چھاپی نوسخس منزٕ یوت۔

۲۔ تمنا چھوے محمودس — دما روزِ رتھ پان ہاوتس
تس چھک ییتہ کمیو نتہ ژیے

(چھاپی نوسخہ)

۳۔ یا رسول عرض بوز محمودس — تس چھک ییتہ کمیو نتہ ژیے
جان کیاہ دوان نے پان ہاوتس

(جبار خان)

# وفات نامہ

## حضرت فاطمہؓ

یوز فاطمہ صابُن ووفات
روز دُماہ ژٕ آمہ وُشات

یاد قنبر کرُتن ژٕ ذات
صلی اللہ علی النبیؐ

شبہ اَکہ اُس فاطمہ درخاب[۱]
خاٮ۪ی ڈیٹھن حضرت جنابؐ

تِمو پھیر تھ کوڈ تہکھ خطاب
صلی اللہ علی النبیؐ

فاطمو کوتہٕ چھیے سون پھیران
چھے یہ دُنیا مُلک وُران

نُور ژٕ ٹے کرٕ چھیے خان شیران
صلی اللہ علی النبیؐ

اُمہ لوٗب نہٕ ژٕ ٹیے روٗس قرار
چانہٕ وُشات کرن رچھ زار

چھچی کرِتھ ژٕ ٹیے انتظار
صلی اللہ علی النبیؐ

فاطمن یام بوٗزُن یہ کلام
از زبان خیر الانام

نِشہٕ ریشہٕ[۱] بیدار گے تام
صلی اللہ علی النبیؐ

تھوٗد وُتھِتھ اُنکھ بَعا
امرِ رسوٗل بیٖیہٕ امرِ خدا

کوٗرُکھ سُنت فرض ادا
صلی اللہ علی النبیؐ

آیہٕ اِمامن نِتھ وُچھنے
بیہہ نادِن تِہم بزونتھ کنے

حبامہٕ گنڈِ نکھ[۲] نیبر تتے
صلی اللہ علی النبیؐ

---

۱ خابہٕ نِشہ (ن ۲) ۲ گرٕ نکھ زبر تتے (ن ۲)

جامہٕ چھٕلۍ نکھ ییٚنہٕ نہٕ پانے — گیسو اَنِن کوٗر نکھ شانے

اوٚش ژراوان چوٗل کاروانے — صلی اللہ علے النبیؐ

نانِ جویں اَس پوٚچھتہٕ کَران — چشمو نیشہ اَس موکھتہٕ ہران

حسن و حسین غمہٕ اَسو بَران — صلی اللہ علے النبیؐ

چھُکھ منے بابن ہوٚوُت وُنتھ — آسہ امامن دوہا بنتھ

جگرس چھُکھ گوٚمُت سَنتھ — صلی اللہ علے النبیؐ

اکھ شہزادہ گژھک زبر — تنہٕ نشے ژیٹکھ شہ سر

تتہٕ[1] فاطمہ آسکھ نہٕ خبر — صلی اللہ علے النبیؐ

اَسو نہٕ آسکھ بیلہ میشں پیکھ — چھوکر لدن کُس تربیش دیکھ

دوہ کھ لدن کُس گرٕ نیکھ — صلی اللہ علے النبیؐ

بوٗ مُرتھ کوٗت سینہٕ گرژھن — کانہہ تہٕ آسہم نہٕ ہیچھن تُرِز ژھن

کینہہ تہٕ قوٗتھ روز کھ نہٕ مُرژھن[2] — صلی اللہ علے النبیؐ

کربلا منز تیمن مارن — تتہٕ مااَس تہٕ ماجے ژھارن

اَسو نہٕ آسو کُس ییٚتہٕ لارن — صلی اللہ علے النبیؐ

کیا[3] سنا روزن سکنے — گرینا یا ییچھ وتے

کُس تِلکھ اَنکھ ستے — صلی اللہ علے النبیؐ

شاہ علی یس رضہ ہمت روزیا — یمی دپہ نس تی سے جوزیا

---

۱۔ نیٚنہٕ فاطمہ (ن ۲) ۲۔ بوٗ مُرتھ تیمہ گرژھن - باز باندو روز کھ نہٕ مُرژھن (ن ۲)

۳۔ یہ ہیشہ چھُہنہ (ن ۲ منز)

درس خانس تِہمَن سوزیا    صلی اللہ علے النبیؐ

لولہٕ نِشہ تس دِل ماڈلے    ماجہ رٕستین اَدٕ زوٗ گلے

یتیمَن ما زاہ پیٹھ ژھلے    صلی اللہ علے النبیؐ

شاہ حیدر تام گرکُن آد    فاطمس نِش ہجرس منز ژاد

فاطمس تتہٕ ڈیو نشکھ تیٖر ژھاو    صلی اللہ علے النبیؐ

دوٗپُس علی صابن پھیرتھ    کیا زِ ہتا وِہتہ اِمام شیرکتہ

چھچھو پانے شیرہتہ تہٕ پیرتھ    صلی اللہ علے النبیؐ

فاطمن دوٗپس ڈینشکھم ازراتھ    بانہ صاحب والاصفات

وُنیک تامت وُچھم تہٕ یہ ذات    صلی اللہ علے النبیؐ

نور دوٗپ نکھ کہ اسے فاطمہ    چھون دوٗرہر کہ تاہ ہیمہ

مُنے تہٕ دوٗپ مس بہٕ توری یمہ    صلی اللہ علے النبیؐ[۲]

ہر وقت نماز پیٖرتھ    رٕچھوٗو مُنے اِمامَن کیتھ کرتھ

...... نتہٕ گرشاھ نم مرتھ    صلی اللہ علے النبیؐ[۳]

دوشہ وِنی صابۓ چھلو مکھ    گیوٕ سیتین گیسو مُلو مکھ

بو مرِتھ ژٕ تہٕ یہی کرِیوز یکھ    صلی اللہ علے النبیؐ[۴]

بوز یا منتھ علیؓ صابن    بوزٕ وُنے دو شلے یس ہمن ہمن

---

[۱] یہ بند چھنہٕ ن ۲ منز امہ بدل چھ یہ بند سہ

نانی یہی بوز علی صاحبن    بوزٕ وُنے ولیسہ ریکھ ہمن ہمن

گمہ دِلس حاک دِمہ جامن

[۲، ۳، ۴] یم ترٛشے بند چھنہٕ ن ۲ منز۔

گوس دِلس چاک دِمہٕ جامٕن ۔ صلی اللّٰہ علی النبیؐ [۱]

دوٚپن فاطمس یہ کیٛاہ بود غم ۔ دادِ ہجرک ہیٚتہ داغ نقود غم

زاہ تہٕ اٲسم تہٕ یوان پیٚتھ غم ۔ صلی اللّٰہ علی النبیؐ

وٕنتہٕ اِمامَن یہٕ کیٛاہ کرِتھ ۔ کرِتھ ما یم اَرِ سٕری

غفہٕ گرٕتھ چھ یہٕ اَدٕ مرِتھ [۲] ۔ صلی اللّٰہ علی النبیؐ

موٚرچ مرٕنی نہ زاہ سرن ۔ چون دوٚرہ یم کتہٕ زٕرن

ثنتہٕ گوٚلس اٲمی شرن ۔ صلی اللّٰہ علی النبیؐ

یا فاطمہ ژیٚہ یِلہ مرِکھ ۔ گیسو انن کس شانہٕ کرِکھ

کیٛتھ چھپانے سبق ژہٕ دِرِکھ ۔ صلی اللّٰہ علی النبیؐ

فاطمن دوٚپس یا مرتضیٰ ۔ ما دِیہ نقود موتس رضا

نقود ہیٚتہ تے رضا بقضا ۔ صلی اللّٰہ علی النبیؐ

یا علی کوتاہ یہٕ وَنے ۔ ہاو قسم نجات انے

چھم ہیٚتہ عرض بوز تم کنے ۔ صلی اللّٰہ علی النبیؐ

چھنہٕ موتس تیلاج چارے ۔ وارٕ بوز چھم حاجتھ تارے

تم بجا اٲنی نیٚکھ وارے ۔ صلی اللّٰہ علی النبیؐ

اولن ییٚلہ نیرِ یم ہیٚتہ جان ۔ راتھ کیٚھچھ دِزِ یم ہیٚتہ شران

کانہہ تہٕ چھیتھ نوا آسیم ہیٚتہ ڈیشان ۔ صلی اللّٰہ علی النبیؐ

دوٚیم حاجتھ چھےٚ راتھ کیوٚہن ۔ لول ہُرہ رِزیم جگر گوشن [۳]

---

۱۔ یہ بند چھنہٕ ن ۲ منز ۲۔ یہِ ساری موتن نقرے (ن ۲)

۳۔ ٹاٹھین میانین (ن ۲)

ڇُٽندا مُرڪن مومن سخ ڏاتن — صلي الله علي النبي

ٽڙيبيم جا جنهن ڪري بيان — قبر پيهڻ گاهه اُڏهم پوان

وارِ ديدار اُڏهم ڏوان — صلي الله علي النبي

مٺيون ٺنڊا علي صاحبن ونن — وارا وارا سي جاجنهن پنن

فاطمه ڇڏي بجا انن — صلي الله علي النبي

پيش سرور ڪري ذهم نه بيان — غوطه ميون ننڍي اسي جان جهان

بيٺه خدائي اُڏهم پوان — صلي الله علي النبي

ٽڙيبيم[2] جا جنهن اُني ذهم بجا — بيٺله محشر سڀنه برپا

ٽنٽه منٿ باگ گڏهم پاڏا — صلي الله علي النبي

پائنه وائي اسي ڪران گفتار[3] — اکھ اکس وڇهان ديدار

تام دوٿش موتڪه سوار — صلي الله علي النبي

فاطمش پيشلو عزرائيل آس — ڻاٺهو ڏون ڪوڙس وسواس

ٽنٽه امود نهڻ لرز غم ڏاس — صلي الله علي النبي

نورِ ديدن دوپن نيرو — جامه پينهو پاڻي شيرو

ڊڏي باڻس اُنڌو اندر ڇيرو — صلي الله علي النبي

اکهه رڻهه ڪٿهه اسي ڪران — ڪنهه ڪران ذن موهه خفته هران

---

١- زار و نالان (ن٢).

٢- روزِ محشر مني وئي ڏيڏهم — مار ڪن منڌ ڏهاڙهه ننڌهم

جنتش موهه ڪلاو بحق ننڌهم (ن٢) ٣- قرار (ن٢)

دراے نِشہِ وأتی روضنس وران — صلی اللہ علے النبیؐ

یام فاتحہ کورکھ بہ نیاز — تام گیکھ از غائب آواز

گرِ گرِ گدِ ھو یتیمو باز — صلی اللہ علے النبیؐ

آیہِ پھیرِتھ لاران تہِ ژلان — گردِ راہ اُسی رویس ملان

اوس فاطمس نزِن تل جان — صلی اللہ علے النبیؐ

شاہزادو[۲] کورتاہ وودُ کھ — اَمہِ نارسے دِل تام دوُدُکھ

خاک تُلِتھ رولیس لوٗدُکھ — صلی اللہ علے النبیؐ

بأسے بأسے اُسی بیقرار کران — اَسیہ نو کانھہ لول آسہ بران

از چھے فاطمہ پیزی پاٹھو ژران — صلی اللہ علے النبیؐ

دوٗپکھ وألدس کیاہ چھہ اَسیہ پاے — کوٚت گژھک ژینے تاماے

نورِ دوٚپ نکھہ موجود خوداے — صلی اللہ علے النبیؐ

چشمو نشے اوٚش کوٚت ہوٚرن — ہو اللہ ہو اللہ پوٚرن

جان بحق تسلیم کوٚرن — صلی اللہ علے النبیؐ

اوس نزدیکے یم از شہرِ رمضان — فاطمہؑ نیون رحلت از جہان

گیہِ خبر کون و مکان — صلی اللہ علے النبیؐ

لگو وَدِنہِ حیدرِ کرّار — نالہِ دِنس از ابرِ شہوار

اَشہِ کتے خوُنکو ہموار — صلی اللہ علے النبیؐ

اوس یہِ دوٚہمت فاطمہ صائب — اوٚن بجا علی صائب

---

[۲] ۱، ۲ یم زہ بستہ چھینہ ن ۲ منز۔

زیرِ لحد کرکھ دفن   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

اُسہٕ حیدر پوان چھُنبجس   فجر پٔرِتھ نوّت فاتحس

گریہ کران بیچارٕ بیکس   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

ژٕ پیمہ دوہ گو اموب بیتاب   آیس حضرت فاطمہٕ درخاب

فاتحس دوہ لیہٕ با جملہ اصحاب   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

فاطمن دوپُس چھونا یوزن   سور ہمسار چھُنہٕ کانسہ روزن

ہمسایس انیایم سوزن   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

گیم ژٕ ہتے دوہ بہٕ پیٹھ پٔراران   چھیم وأنیج اموب بقاران

میون احوال وُنی تو پارن   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

تنہٕ دونم دوان نالے   جلد گژھو کرئیوکھ حوالے

دپو مے کلہٕ یتیمہ احوالے   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

یام بیدار گو شاہِ مردان   آیہ ہجرس کُن نالہٕ دوان

لَبکھ سوزن تہٕ ژھأرِکھ سوزنان   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

تس زنانہٕ نش وأتی بیتاب   گریہ کران دوہ نہیومن یہ خاب

تمہ پچھیرِتھ دوپنکھ جواب   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

کونہٕ بخشس پچھے ہأنی سردار   اُمتین سارین غم خوار

بخشہٕ تس دوہ نی پانے غفار   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

اَمہ یام الحمد فاتحہ پٔرن   حسأبچن تام عفو کرن

فاطمس تام بر مُژرن   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

أسی لقأوی میتھ حورو کری کری   نورٕ کی خان تس کیتھو بری بری

کرِکھ نثار دٕ چھنو کھوری   صلی اللہ علےٰ النبیؐ

ترین دوہن أس فاطمہ نیبر   ژوری مہ دوہ ہٕ مژرو ہس بر

غافلو وارِ بوز تو پيو نه ٻير — صلي الله علي النبيؐ
شين ڏوهين اُس فرقان پڙن — شتر مهه ڏوهه اُس گفتار ڪرن
اُس روزي شاهي ڌرن — صلي الله علي النبيؐ
اسيه هوين هنڌ ڪياه چارسي — ٿيڇه جيستن گڏهن پارسي
رنج بيچار گڏهه آوارسي — صلي الله علي النبيؐ
تاڻ زن ٻيلِهِ زمين ٿنتي — يا رسول ٿهارڌھ سڪتي
اُمتين وتھ هاڻ پيتي — صلي الله علي النبيؐ
يا رسول فراق پڇڻمي — هاو نتم ٿم محراب ٻمي
ڏمهه ڏمهه نتھ سجداه ڏمي — صلي الله علي النبيؐ
روز محمود ٿينا بي غم — فاطمه پشند وفات ڏو نتھ
سڀڻي شفيع سردار عالم — صلي الله علي النبيؐ

---

١٠ نوع سيخه نمبر ٢ متن ۾ "صلي الله علي النبيؐ" بجاءِ "صلِّ ربي محمدؐ" ليکهت.

# کأشِرۍ نعت

۱۔ یایہٕ بٔڑ عربکہٕ شاہِ سردارے (غاۓر مطبوعہ)

۲۔ یوٗر سأنٛز ښٹوٗینہٕ بسم اللہ

۳۔ یا رسول اللہ دیدار ہاو

۴۔ یا رسول سلام علیک (غاۓر مطبوعہ)

۵۔ یا رسول اللہ علیک اسلام و الصلوٰۃ (غاۓر مطبوعہ)

۶۔ ژٕ کر غمٕ دفا یا حیات النبی

۷۔ میہر باش پہ من یا محمدؐ

۸۔ کھوٗت کینہٕ منزٕ سے کلاہ (غاۓر مطبوعہ)

۹۔ یا مصطفےٰ محمدؐ (غاۓر مطبوعہ)

۱۰۔ شہ چھُنہٕ کانہہ تہٕ مکاناہ

۱۱۔ بر درِ تو یا محمدؐ سر نہادم (غاۓر مطبوعہ)

۱۲۔ خبر چھے حال باوے کیاہ (غاۓر مطبوعہ)

●

## (۱)

پاپہ بڈٕ عربکہٕ شاہِ سردارے — مارے چھم جانٔی نہٕ زار وَنہٕ نا

اَمہِ آمہٕ تاوَے زَر گوم شینہِ — کُس زانہٕ وُنہ بیتھ تمنّا

مہ ول گوم جگرس لول آم چھیہ نے — میون جان جگرُک سوز ژھینہٕ نا

اَندری گوُ بڈٕ نمہ لولہ نار تو ندرس — خاک مَلہٕ جامن جاک ژٕہ نا

لولہٕ جاپانہٕ داغ روٹ زونہٕ مز سینس — چون اَلم نشرح سینہ دُچھہ نا

سرو ناز نینے ہی گُل دستے — خستہٕ گے عاشق مستہٕ پکھنا

کاستہٕ اَسہ گنج رحمتکہ گنجے — کرہٕ اَکہ ژھعو نِے احسانا

باغ باغ گُل پھولی اَکہ جاپانہٕ نظرے — مےٚ تہٕ چھم غونچہٕ دل پتہٕ پھولہٕ نا

مدینہٕ کہ مدنے نوٗرکہ بدنے — دوٗر چھس نوٗر نیش سوٗز مَلہٕ نا

تہٕ چہ لولاکہ ماہِ تابانے — جانِ جانانے دِنہٕ وَے نا

آرٕ کاتی کاٚ ہیتو مشتاق جانٔی — مارِ کن لولہٕ وُنہٕ دِمے نا

---

۱۔ محمودُن یہ نادِر نعتِ شریف چھُ اَکہ پرانہٕ نوٗسخہ پیٹھہٕ نقل یوان کرنہٕ۔ یُس کینمیو چھُ کھیوٗمُت۔ مگر تاریخ چھُس موجوٗد ۱۲۱۳۔ یہ چھُ باسان محمودنہٕ پننہٕ قلمہ سیتہٕ لیوٗکھمُت۔ یوٚتس چھُس "درخانہ" لیکھِت۔ یہ نوٗسخہ چھُ محمودنہٕ کامہٕ منزے حاصل سپدُمُت۔

اَمہ نعتِ شریفُک بیاکھ نوٗسخہ چھُ بڈٕ صاف لیکھِت۔ یُس تازٕ ے پہن لیکھنہٕ چھُ آمُت۔ (ناجی)

ستھیتھ وُنہٕ ہے سر بُراقس — یالِ گو پالس یان وَلہٕ نا

دوٚپ سَنے محبوٗبہٕ حاجت کیاہ چھُے — اُمتی اُمتی سُبحانا[۱]

اُنبیا چھہٕ عفو دِتھ استغفاراللہ — اَکھ جمالس ڈیشہٕ دے نا

زیٚن یوٚش زمہ نبس اسرافیلس — تتہٕ جبرئیلس سیتھ یوٚک نا[۲]

دیدارٕ آ چھا نیشکھ ارمان تٕلہٕ ہے — یتھہٕ آب و رگ ہے بیتھ تمنا

دیوٕ چھا یہٕ شہر کہٕ لولہ چون نشہ — آبروٗ تیغ ابروٗ بخشہٕ نا[۳]

. . . . . . انجکہ سروٗ سے — مدنو یاوٕن یان ونٕدنا[۴]

وُچھتہٕ کیشرا سے ساگی تس سرا ین — ہوشہٕ مسان غانُہ فولو یوژ کھنا

محموٗد گامی چھُے ونان زارٕی
ساوی پارسی لگہ ہوسے نا

●

---

۱۔ ماشوقہٕ دوٚپ نے کیاہ چھُے تمنا (تازٕ نوٕ سیخہٕ) ۲۔ یہٕ شار چھُنہٕ
ن ۱۲۱۲ھ منز۔ ۳، ۴ یم زٕ شار ووٚتھم نہٕ یوٚرٕ یا کھٕٹھ۔ یم چھِنہٕ
نوٕ سیخہ ۱۲۱۲ھ منز موجوٗد روٗدی ہتھ۔

## (۲)

پوٚرسائ تۄ ہیچ‍ین بسم اللہ — دیدار ہاو یا رسول اللہ
اُمہ ہانیہ سپدِ اوس حضرت — کنہٕ ہٕن شانٛد دِتھ با فرشتہ [1]
ناوس مسۆزنس مرسلاہ — دیدار ہاو یا رسول اللہ
دُعا بیتیہ منگہٕ سنے کرٕ تۄزا آمین — اُتھ تُھ جَبل تو ڈال چھ تابین
زٕکہ دِہے ترٛاوِتھ سجدٕ کرٕیا — دیدار ہاو یا رسول اللہ
ستن اقلیمن منٛز چھ بستی — شیٖن نا کیٖتھ تہٕ آکس اُستی
آسمان بے ستون تھٕم گنٛدٕ چھا — دیدار ہاو یا رسول اللہ
بیلہِ ہو اُنٛزنے پینٛژ ژور یار [2] — حوالہٕ کرٕ ہکھ پنٛنہٕ کٲرٕ بار
جنتس گنٛزٕ بردار تٕم چھا — دیدار ہاو یا رسول اللہ
یا غمیر تُلکھ منٛز کعبے — یاوٕ گو زٕ ون تہ اختابے
افتاب عالمس چھُ دوان گاہ [3] — دیدار ہاو یا رسول اللہ
منٛزٕ سے ینتس کرٕ ہا شکل — لولہٕ سان لار تو حضرت بَل
مرژٕ ژراو ڈیٖڈ تل ڈٕٹھ چھے بار گاہ — دیدار ہاو یا رسول اللہ
نزدیک آسِتھ ہیبت تھٕم دور — لولہٕ وُن تھوو تھٕم دِلک کستور
محمود ناموس یہ مُدا چھا — دیدار ہاو یا رسول اللہ

---

۱۔ اُمہ ہانیہ سپدِ آتشر ہور۔ کنہٕ ہٕن شانٛد دِتھ سرور (بیٖیس جایہ)

۲۔ تٕم ژور یار (بیٖیس جایہ)

۳۔ افتابہ پھیران ژوہ یاوٕ چھا (بیٖیس جایہ)

